# انہار

جلد: 30، شُمارٕ: 1
2006ء



# کأشُر نثر

(انہار : خاص شُمارٕ)

ڈِپارٹمنٹ آف کشمیری
یوٗنیورسٹی آف کشمیر، سرینگر

یوٗنیورسِٹی ہُند تحقیقی رِسالہ

# اَنہار

۲۰۰۶ء

## کأشُر نثر

نگران ـــــ شفیع شوق

مَجلس مَشاورت

شادرمضان

مَجرُوح رَشید

رَتن تلاشی

مَحفوٗظہ جان

ایڈیٹر:-

قاضی ظہور



کأشُر ڈیپارٹمینٹ، یوٗنیورسٹی آف کشمیر سرینگر


ترتیب

# عرض ناشر

کاشُر زبانہِ منٛز چھےٚ علمی تہٕ اَدبی نثرٕچ تحریری روایت وۄنی تقریباً ژٕ ہتھ ؤری پرٲنی۔ وارِہن ترقی یافتہ زبانن منٛز تہٕ چھےٚ نثرٕچ روایت یِرٕتھے پرٲنی۔ مگر کاشرِس منٛز چھُ نثر لیکھنہٕ کیٚن معیارن پیٹھ بحثہٕ تہٕ تجزیاتی مُطالعہٕ وراۓ لیکھنہٕ یوان۔ یَمیُک نتیجہ یہِ چھُ زِ نثر لیکھنہٕ کیٚن معیارن ہنٛز نشاندہی چھےٚ وُنہٕ تہٕ سپدنے تہٕ لیَیتھ پاٹھۍ خوش کرٕتھ پاٹھۍ چھُ لیکھان۔ یہِ چھُ یوٗزٕ زٕ پریتھ کانٛسہٕ لیکھن وٲلِس چھُ پنُن مخصوص انداز تہٕ اسلوب آسان، تہٕ کرٕتھ چھِ لیکھنکۍ کیٚہنہٕ معیار تِم یِم آفاقی چھِ۔ گرامرُک احترام، عصری زبانہِ ستۍ رِشتہٕ، ترسیلٕچ کامیابی، مُدعاہ تہٕ مقصد مُطابق لفظن ہُند انتخاب تہٕ جُملن ہنٛز ساخت، عبارژٕ موزونیت تہٕ نفاست چھِ نثرٕکۍ کیٚہنہٕ بُنیادی مسلہٕ تہٕ یِمن معاملن منٛز چھِ کیٚہنہٕ عالمی معیار۔ کاشرِ نثرٕ ادبُک سنجیدٕ تجزیہ کرٕتھ چھےٚ مایوسی سپدان زاکہِ پاسہٕ چھِ وارِیاہ نثر نگار تیوٗت لاپرواہ پاٹھۍ لیکھان زِ تہٕ کاشرِس منٛز کانہہ گرامر چھےٚ نہٕ تہٕ اضافی لفظ تہٕ ڈیٚلۍ جُملہٕ چھِ کُنہِ منطقی ترتیبہٕ وراۓ کثیف پاٹھۍ لیکھان۔ بیٚیہِ پاسہٕ چھِ کیٚہنہٕ نثر نگار تخلیقی انداز لیکھنہٕ کہِ ارادٕ نثرس شاعریہٕ قریب اَنٛنچ لاحاصل کوشش کران زِ نثر چھُنہٕ نثر روزان تہٕ نہٕ شاعری بلکہ ژھرٕ تکنگری۔ پرن وول چھُ زبانہِ پتہٕ کنہِ معنے لیَیتہٕ مفہومس تام واتنہٕ بجاۓ لفظن ہنٛز ندُر ژٕ منٛز راوان تہٕ لیکھن وول چھُ پنٕنس ژھرٕس وُرن کرٕتھ ہیکان۔

کاشرِ نثرٕکیٚن معیارن پیٹھ بحث تُلنہٕ کہِ غرضہٕ کر یوٗ پرُس کاشرِ ڈیپارٹمنٹن اکھ سہٕ روزٕ سیمنار

مُنعقد یِتھ منز۔ وۄہ ییٚھی مقالہٕ پَرنہٕ آیاے۔ مگر بد قسمتی کِنۍ کوٚرنہٕ لیکھَن والیو لیکھنہٕ کیٛن مسلن تہٕ اصوٗلن کُن سنجید توجہ تہٕ نتیجہٕ دراو زِ دِنہٕ آمتن موضوٗعن پیٹھ آے نہٕ مقالہٕ یا تہٕ لیکھنے نَے تہٕ آے کیہنہٕ مقالہٕ رواروی آیے لیکھنہٕ۔ اَسہِ پیےٚ لہذا اِتھ خاص شمارس منز تِتھی کیہنہٕ مضموٗن تہٕ شاملِ کرٕنۍ یِم نہٕ تِتھ سیٖمنارس منز پَرنہٕ آسۍ آمتۍ۔ یِمہٕ شمارُک بُنیادی مقصد چھُ اکہِ پاسہٕ لیکھِن والیٚن نثر کیٛن اہم مسلن کُن توجہ پھِرُن بیٚیہِ پاسہٕ نوٚیٚن لیکھن والیٚن واقفہِ ہُک تہٕ حالژ ہُند بیان، تبصرٕ، تجزیہ، تفصیل، تقریر، تنقید بیتر مقصدن ہُند باپت نثرس منز گرام، جُملہ بندی، املا، پنکچویشن بیتر صحیح پاٹھۍ ورتاونُک احساس دِیُن۔

کانٛسہِ ہنز کانٛہہ تہٕ رایے چھَنہٕ حتمی، نہ کُنہِ تہٕ مَسلُک حل چھُنہٕ مطلق۔ کَتھ چھِنے اَکاے حتمی زِ کَتھ کرنس گژھہِ نہٕ پابندی آسنۍ تہٕ پرتھ کَتھِ پیٹھ گژھہِ مُسلسل سرٕ نہٕ سوچنہٕ یُن۔ توقع چھُ یِتھ شمارس منز شاملِ مقالہٕ بنن بحثُک آغاز تہٕ یِہ عرض ناشرٕ تہٕ دِنہٕ بحثس زیر۔

شفیع شوق

پروفیسر/ہیڈ آف دی ڈیپارٹمنٹ/
ڈین فیکلٹی آف آرٹس

کَلیدی خُطبہٕ

# نثرُک فن

شفیع شوق

' When I use a word,' Humpty Dumpty said in rather a scornful tone,' it means just what I choose it to mean –neither more nor less.'

' The question is ,' said Alice,' wheter you make words mean different things.'

' The question is ,' said Humpty Dumpty, which is to be master– that is all.'

(from Lewis Carroll's *Through the Looking-Glass*)

## نثرٕ تہٕ سُہٕ تہٕ فن؟

نثر ناو بوزِتھ چھُ گوڈ نیتھے اَدبی دُنیاہَس منز شاعریہ مقابلہ اَمہِ کہِ ڈسی پایہ آسنُک احساس سپدان۔ خاصکر سائنسی مشرقی دُنیاہَس منز۔ مگر پزر چھُ یہِ ز نثرُک ورتاو چھُ تِمنے قومن ہِنزن زبانَن منز کثرتہ سان سپدان یِم سیٹھے ترقی یافتہ آسن تہ یِمن سوچنُک، تجربہ کرنُک، خیالَن منز ترمیم تہ اضافہ کرنُک بتر آسہِ۔ اِنسانی تہذیبُک ارتقا چھُ دراصل شاعریہ پیٹھ نثرکِس بارسس ینُک تواریخ۔ شاعری چھے آدِ کالٕکی تہ نثر چھُ جدید۔ پرتھ لسانی طبقس منز چھے شاعری آدن کالہ پیٹھے آسمژ۔ مگر پرتھ زبانہ منز چھُ نثرُک تواریخ مسلسل زُو یا ترٕ ہتھ ؤری پرون تہ کینژن زبانَن منز صرف پنژاہ شیٹھ ؤری پرون۔ نثر

چھُ تہذیبُک سَبَب تہٕ تہٕ نتیجہٕ تہٕ۔ نثر چھےٚ تہذیبَس پانچھلاوان تہٕ تہذیب چھُ نثرس
وُسعت دِوان۔ یِتھ رُود سوال زِ اَسہِ کیازِ تُل نثرکِ فن آسنُک سوال یِلہِ زَن اَمیُک
تعلق عقلہٕ تہٕ اِستدلالس سِتۍ چھُ۔
نثر چھُ فن۔ یہِ چھُ تیلہِ بارَسَس یِوان یِلہِ لیکھن وول شعوٗری طور پٲٹھۍ محنت تہٕ زبان
ورتاونُک سلیقہٕ کامہِ لاگتھ ذہنہٕ کِس منتشر تجربَس بٔنِس ہندِ خاطرٕ بامعنے تہٕ کارآمد بناوِتھ ہیکہِ۔
پرِتھ کانہہ تجربہٕ چھُ انفرادی سطحس پٹھ زِکہِ بٔنِہ ماہرٕ کِنۍ شاعری آسان۔ تہٕ زَن گوو بٲنی
اظہار برونہہ صوٗرتحال یِتھ تہٕ کانہہ وِزِ تشکل تہٕ صوٗرت آسہِ۔ اکھ مکمل نغمہ یِتھ منز۔ فرد جذباتی
طور شامِل آسان چھُ۔ خود سپردگیہ کِنۍ چھےٚ تہٕ یہِ زبانہٕ ہندِن نحوی تہٕ ترسیلی قاعدن تابع۔
مثلاً شین گلِتھ یِتہٕ منز۔ پھوٚلہِ متۍ گُلہٕ لوٚری و چھِتھ ذہنی کیفیت یا منز راتہٕ دار منز رِتھ خاموش
تارکھ نب و چھِتھ تجربہٕ تہٕ تمام دُنیاوی زنجیوٗر بوٚنسہِ آزاد گژھنُک احساس، زِ تہٕ گوو ڈنجہٕ پھِر
وُچھمُت آسہِ۔
اَمہِ قسمُک تجربہٕ چھُ بیدار وجوٗدس منز اکھ نغمُک گرِزٕ یِتھ منز تہٕ الگ الگ چیزن بیوٚن بیوٚن اَتھ
کانہہ اہمیت چھےٚ تہٕ۔ ذہنَس منز چھُ متضاد تہٕ متصادم کیفیژن پانہٕ وٚنی آہنگ پادٕ سیدان تہٕ
روٗح چھُ اَمیُک فیض بٔنِن تام واتناونُک ضروٗرت محسوٗس کران۔
کانہہ تہٕ اضطرابی، انبساطی یا وِجدٲنی کیفیت چھےٚ لسٲنی باوٕژ ہندِ خاطرٕ ناممکن۔ کانہہ تہٕ کیفیت
اُسی تن، یِتھ منز چھُ فرد پننِس ذہنی تہٕ جذباتی وجوٗد لحٲظٕ تی طور تیوٚت شامِل آسان زِ سُہ چھُنہٕ اَتھ پانس
نبر و چھِتھے مکان ہیہے چھےٚ شاعری۔ تحریکُک لوٚت گرِزٕ یِتھ آند ورِھنَن "دھو تہٕ" وٚدن۔
اظہار بایِتھ چھےٚ زٕ لسٲنی صوٗرژ۔ شاعری یا نثر۔
اگر اظہار دِنہٕ وول تجربہٕ کِس لسٲنی متبادلس منز سوٗے دھونہٕ و وتہٕ تلاوٕنۍ کوشش کرِ

یوسہ تمیٚ سندِس مَنَس منٛز اُس، تہٕ اظہار بنہٕ پانٕے پننہِ مُدعاہٕچ مقصد، شاعری ییہِ بروٚنٛہہٕ کُن پیش کرنہٕ آمٕژ کیفیت آسہِ نہٕ ہرگز تہٕ یہِ اظہار دِنہٕ وٲلی پانہٕ ژھوٚنمُت آسہِ، بلکہ آسہِ تیُتھ اکھ نوٚو صورتحال یُس بوزن وٲلۍ سندِ باپتھ یا پرن وٲلی سندِ باپتھ اکِہ نوِ کیفژِ ہُند باعث بنِہ۔ اصلہِ نِشہٕ کنہٕ کور دوٗر۔

تیُتھ نو بہ ووٚنتھ زانٕے
یُتھ پانہٕ کرٕتھ ژوٚلمے

(محمود)

شاعری منٛز چھُنہٕ یہِ ضروری ز اصل کیا آسہِ پزر تہٕ۔ اصل ہیکہِ محض روایتی تہٕ آسِتھ۔ شاعرس آسہِ فنکُ مظاہر کرُن تہٕ کوٗرُن۔ شاعری چھےٚ تجربس منٛز فردسٕنٛز مکمل شمولیت۔ اَتھ برعکس اگر اظہار دِنہٕ ووٚل اصل پزرس منٛز شامل گژھہِ نہٕ بجایہِ اَتھ نِشہٕ دوٗر پراختیار کرِنہٕ دوٗر روٗزتھ ہیٚنیہِ اَتھ بیٚنہٕ عقلہِ، استدلالہٕ تہٕ تجربہٕ تٕمِ سام تہٕ زبانہٕ پیٹھ مکمل دسترس اُستھ کرِنہٕ بیٚنہٕ ہند خاطرِ عام، نثریہِ بروٚنٛہہٕ کُن رنثر چھُ تجربہٕ نِشہِ فردسُند دوٗر روٗزتھ تجربہٕ تہٕ موازنہ۔ چونکہ زبان چھنہٕ کانسہِ تہٕ فردس بٕنٛز انفرادی ایجاد بلکہ چھےٚ بیٚنہٕ ہندٕ ن مُستند ضابطن تابع، نثری اظہار گژھہِ قاری ہندِس تجربس تہٕ موازنس پیٹھ تہٕ سر کھٔر ہیکن سپدِتھ۔ نثر چھُ سماجس تابع۔ لہٰذا یُتھ سماجس منٛز یوت زیاد نثر ورتاوس منٛز آسِہ تیوت زیاد آسِہ سُہ سماج تہذیب یافتہ۔ یا ونو نثر چھُ تیٚلی پانٕھلان ییلہ سماج جہد بقاکس نتیجس منٛز ترقی پراوان آسِہ۔

زبان ورتاوُچ عمل چھےٚ ایجادکاری ہنٛز عمل۔ کُنہِ تہٕ زبانہِ ہُند کانہہ تہٕ نثر یا نیتون یہ تہٕ ہیکہِ نہٕ پزرک ہوبہو متبادل بٔنِتھ۔ یِتھے اُسی زبان ورتاوٕنی ہوان چھُ، یہِ چھےٚ اَسہ پزرٕ بجایہ "پزرک" اکھ لسانی ساخت دِوان۔ اُسی چھِ پننہِ پننہِ جایہِ نوۍ پزر ایجاد کران۔

تہٕ پَزر چھُ ژٕنی یِتہٕ اوس۔ تہٕ نے آسہے اَسہِ بروٗنٹھ آمتیو بیشمارٕ لکو آسہے پَزر کرِتام ذٕہنہٕ زٕودٕمُت
تہٕ اَسہِ آسہے ہٕہ پَزرس بیٚٹھ پانہٕ وٕنی کانٕہہ اختلاف۔ یا اگر نے اُسی تیٚمی پَزرٕشناس آسہو
اُسی تھوہو نہٕ آیندٕ ہٕ والین ہِند خاطرٕ کانٕہہ شیلپے۔ پَزر چھُ ہر لحظہ وٕنی بدلاوَن وول طاقت
یُس نٔژی باوٕژنا گزیر بناوان چھُ۔ نٔژی عبارژ منز آہرٕ کانٕہہ تہٕ حقیقت چھنہٕ مگر تہٕ حقیقژ
یکہٕ ہمزمانی۔ اُسی چھنہٕ حقیقژ ہُند تجربہٕ کران کرانے بوٗلِتھ یا لیکھِتھ نوان بلکہ چھُ مُشاہدٕ تہٕ ادراک
سَپدِتھ وقفہٕ لزوٗم آسان تہٕ اَدٕ چھُ اظہار ممکن سپدان۔ اَتھ وقفس دوران چھُ ساٚنِس ذہنس
منز معنے ترتیب لبان یتھ اُکی فنی تقاضو مُطابق ہیٚیت تہٕ ساخت دِوان چھُ۔ ساختیات
پَسند وَتہٕ ووٚن ہہٕ زِ اہمتیاوکھ (signifier) تہٕ اہمتیوو (signified) کیا چھِ
ہم زمان تہٕ یُس ساختیات پَسندن ہُند یقین چھُ یہٕ زِ یتھ کانٕہہ متن چھُ بروٗنٹھے متعین
سپدیوٗمُت آسان۔ دریدہ چھُ فِنکی حدِیتھ پاٹھۍ سخت بناوان۔

To write is to know what is not yet produced in letter has no othe dwelling-place, is not waiting for us as a prescription in some *topos ouranios* or divine undrstanding.The meaning must wait to be said or written in order to inhabit itself and to bcome what ,by differing from itself, it is: meaning. *L'Ecriture et la difference*(quoted by John Sturrock in *Structuralism*, 2003,.p.126.)

اَوکِنہِ چھُ نٔژرس منز وجود پرادن وٲلی ساری علم داستان بنان۔ حقیقت چھے مسلسل بدلان۔
حقیقژ ہُند ادراک چھُ انفرٲدی تہٕ ادراکس تہٕ اظہارس درمیان چھُ تٲخیر (defferance)

ناگزیر۔ لہذا چھ تمام پزرا پزی، لہذا چھ تمام تواریخ پتھ کالس ستۍ گیندن past-time with the past، تواریخُک موت، تنقیدُک موت، نظریہُک موت، فلسفُک موت، ادبُک موت، ادیبہ سُند موت، کیا کیا نہٕ مود۔ مگر انسان رود تہٕ زندٕ۔ دوکھ سوکھ، غم خوشی، وسوسہ، وہم، اُمید تہٕ محرومیہ، ژکھ، دٕے، حسد ...... سورُے چھُ تی یہِ انسانس انسان بناوان آو۔ مگر انسان چھُ وُنہ زیبٕے۔ یہِ سورُے کیہہ موجود روزنہٕ کنہ رُود اظہارُک ضرورت تہٕ باقی تہٕ روزِ۔ تہذیبُک ارتقا سپُد ییٚمن دون ہتن ؤریَن منز یُوت زیادٕ یوت تہٕ ییٚمن لچھ بود ؤریَن منز سپُدمُت اوس۔ اَزیُک انسان چھُنہٕ ہیکان ییٚنہٕ تشکیل دِتی ہتس تہذیبی ارتقاہس ستۍ سٍتۍ حیاتیاتی ارتقا پراوتھ تہٕ او کنہ چھُ تہذیبس تہٕ انسانی وجودس درمیان رِشتن منز تناو اتھ حدس تام ہُرِیومُت زِ باسان چھُ وُنی نہٕ وُنی یِیہِ ژھیٚنتھ۔ زِندگی ہندن وارہن رِشتن منز چھُ یہِ رشتہ برونٹھے ویٚسرِیومُت۔ انسان سُند پانہٕ ترتیب تہٕ تشکیل دِتمُت تہذیب چھُ وونی ییٚتھی کنہ تیتھ بُر باسان یتھ پھرانہٕ گمژ چھےٚ تہٕ کُنہ تہٕ ساعتہ ہیکہ اَسہ اَمیُک سایُان چھلہ چھلہ ڈُسی ییتھ۔ یتھس صورتحالس منز چھُ نثرس منز اظہار کرُن زیادٕے مشکل۔ اَمہِ کِس فنس ییٚتھ تہٕ اَمہِ چہ افادِیتھ ییتھ چھ تُوی سوال دوتھنی ناگزیر بنیمتی۔

نثر چھُ اوکنہ تہٕ اَسہِ ناکافی تہٕ کوتاہ باسان زِ یہِ چھُ ییٚنہٕ وجود پراوان پراوان۔ بقول اِہاب حسن، "شاعِریہ ہنز حالتھ کُن نثرِ لے رٹان"۔ معروضی رَوِیہ اختیار کرنہٕ بابت کٔری تن نثر نگارکا ژھاہ تہٕ کوشش، نثرُک مَتن چھُ ہشرن ہُندِ اکھ گراین (simulacrum) بنان۔ شعریات اَسیٚ تن یا طبعی سائنس، نثرٕکھن وَول چھُ اہمیتاوکھس تہٕ اہمیتاوِس درمیان جبری ہشر پاد کران کران ییٚنہٕ کیتھ وَنان۔ تہٕ اوکنہِ چھُنہٕ کانہہ تہٕ کیتھ حتمی طور وَنی ممکن۔

شلاً سائینسدان ییلہِ جدید کھوتہٕ جدید علم ایٹمُکس ساختس بیان کران چھُ تمُ سُند teleol
gical بیان چھاپڑی کانہہ پزر باوُتھ ہکان ۔ایٹم چھُ تیوٗت لوکُٹ زرٕ یُس نہٕ کُنہِ تہٕ خوردبینہٕ
بسترٕ وُچھتھ ہکون ۔ایٹمس چھُ منز باگ مرکز یتھ منز پروٹان تہٕ نیوٹران زرٕ چھ ۔اتھ مرکزس
اُندیٕ اُندیٕ چھُ منفی چارج تھوَن والی زرٕ، الیکٹران دائرَن منز ژران"۔ امہِ اٹیمک
یہٕ بیان چھُ تیوٗتے اپزٕ یوٗت کانسہِ سیاست دانہٕ سُند بیان چھُ"۔ "کانٔسہ قوم چھُ بنیہٕ منزٕ اژ
رُتۍ نیک، امن پسند، محبتی تہٕ اکھ کردار چھُ ملۍ ژار"۔ "یا گلے ایک پالتو جانور ہے جگی
چار ٹانگیں، دو کان۔۔۔۔۔ بیترٕ مضمون چھُ"۔ "علمی سائنس چھُ اتھ بالکل مختلف
شکل بر ونہہ کُن انان یوس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کنسٹرن بناونہٕ آمژن فارمولاہن منزٕ پیش
کرتھ ہکون، تہٕ تم فارمولا چھنہٕ نثر۔

نثری زبانہِ ہنٛز یہٕ کوتاہی اسہِ تہٕ چھُ نثر مسلسل تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ دیکھنہٕ یوان
تہٕ برونہہ کُن تہٕ یہٕ لیکھنہٕ۔ امہِ کوتاہی کِنی چھُ اکھ فن آسُن زیادے اہمیت تھوان۔
فن گو وُتہٕ یتھ منز انسانہٕ سُند تخلیقی یا فنکاری شامل آسہِ۔ ایلِس اگر ہمٹی ڈمٹی یس
شوٗدی بوٗدی پاکھو پرِژھان چھِ "سوال چھُ، کیا ژٕ ہیکہ کھ لفظن مختلف معنے دِتھ؟
سو چھے تس زبانہِ ہندس اٹل پرس کُن ظون پھران تہٕ ییلہِ اور ہمٹی ڈمٹی تس جواب
دِوان چھُ: "سوال چھُ، کُس بنہٕ مالک"۔ سُہ چھُ زبانہِ ہند نہایت اہم مسلہٕ تلان۔ نثر نگارس
چھُ فنکار بنِتھ لفظن ہنٛز مقصود معنے پیترٕ اوُن پیوان۔ یہٕ چھے یتھ دُنیاہس منز انسانہٕ
ہند وجود چہ مجبوری۔

نثرکس فنس چھے ترے خصوصیژٕ یمن پیٹھ اتفاق سپدِتھ ہیکہِ: موزونیت، سادگی
تہٕ اختصار۔

ییلہٕ تہٕ کانٛہہ خیال، احساس، اندیشہٕ، مشاہدٕ یا تجربہٕ لسٲنی اظہار ییٚن ہیوان چھُ،
لیکھن وٲلِس چھِ بسیار اختیارٕ لفظ برونٛہہ کُن یوان یِمو منٛز تس انتخاب کرُن چھُ پیوان۔
کانٛہہ تہٕ لفظ چھُنہٕ کُنہِ بیترِ کُنہِ ہوبہو متبادل۔ اَوے چھُ پریتھ کانٛہہ انسان کتھ وَنتھ
یا لیکھتھ محسوس کران کاش مےٚ ییٚہ کتھ بدل پاٹھۍ وَنِمٕژ آسہٕ!

نثرس منٛز چھےٚ سادگی تیلی ممکن ییلہٕ لیکھن وٲلِس پننِس موضوعس پیٹھ پوٗرٕ پاٹھۍ
دسترس آسہِ تہٕ تس آسہٕ پرٛزی کیہنہٕ وَنُن کیٚژھ، نتہٕ چھُ سُہ اوکھرس منٛز جو کھُر اَنتھ لیکھن
یتھ پٲرن وول لفظن منٛزے راوِتھ لیکھن وٲلِس سندِس ژھٕرِس کُن گژھِہ نہٕ توجُہ۔ سادگی
چھےٚ نثرک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ گوٗن۔ مگر یہِ سادگی گژھِہ نہٕ بےٚ جیہ۔ موضوعن تہٕ سادٕگیہ
ہندِ بایتہٕ تاثیرٕ پاداہ کرنۍ۔

اختصار گوو نہٕ اَتھ تہٕ نان یا واہ تہٕ اُف کرِتھ کتھ ژھٹنٕۍ۔ بلکہ موضوعکہ
مزاجہٕ مطابق تفصیلن کام ہیٚنٕۍ۔ تناسب گژھِہ نثرکہ اختصارُک بُنیاد بنُن۔



ڈاکٹر رتن لال شانت

# نثر

## کتھ باتھ

نثر چھُ مولہٕ عربی لفظ۔ لوغوی معنہٕ چھُس زیادٕ بولُن یا چھکرادُن۔ اُسی ہیکوٚ وَنِتھ کتھ چھکراونہٕ۔ انگریزی زبانی منز چھِ اَتھ پٔرزوٚنان تہٕ معنہٕ چھُس بے وایہٕ سیدٕ سیوٚد کتھ باتھ۔ انگریزِ وچھُ یہِ لفظ لاطینی زبانِ ہندِ پٔرزا PROSA یا پٔرادرسا اریٖشیو PROVERSA نِشہِ نیوٚمُت۔ تَتہِ چھُ اَتھ معنہِ ــــ سیدٕ سیوٚد گفتگوٗ یا کتھ باتھ یا لوکٕٹ تقریر۔ ORATIO سنسکرتس اندر یمہِ نِشہِ یہِ لفظ ہیٚندی تہٕ بیٚیہِ وارِیاہو ہیٚندستانی زبانو نیوٚمُت چھُ، چھِ نثرس گدیہ गद्य وَنان۔ یہِ لفظ چھُ گد مصدرٕ منز درامُت۔ گد گوٚو بوٗلُن تہٕ گدیہ گوٚو یہِ بولنہٕ ییہِ۔ یموٚ دوٚیو تریٖو تعریفو تَلہٕ چھُ اَسہِ نَنان زِ نثر چھُ سارنٕے اندر تقریبن کُنٕے معنے تھوان۔ یعنے نثر گوٚو کتھ باتھ یا گفتگوٗ یا تقریر کُنہِ زبانی اندر قلم بند کرُن۔

### نثر تہٕ نظم: فطری مُخالف

نثرٕچ فطرت سمجھنہٕ خاطرٕ چھِ اَسہِ نظم تہٕ سمجھنۍ ضرور تھ۔ نظم چھے اکھ نظام اکھ

ربطہٕ ضبط منگان ۔ نثر چھُ امہٕ مُقابلہٕ آزاد کتھ باتھ بیٚچھ مبنی آسان تہٕ یتھ کنۍ نظم موسیقی
لارٕ ہیکہٕ آسِتھ تہٕ تمہٕ کنۍ جملہٕ بندی ردیف قافیہٕ کین بندشن اندر گنڈنہٕ یِیہٕ تتھے کنۍ چھنہٕ
نثر کُنہٕ بند ۔ یہٕ چھُ تعریبن کتھ باتھ ہندی پاٹھۍ جملن کانہہٕ تہٕ زیٹھر دِنس مختار، تقریرکۍ پاٹھۍ
کُنہٕ تہٕ نقطس یا لفظس ترومبر بیٚچھ زور دِنس مجاز، کُنہٕ تہٕ ٹھک دنہٕ خاطرٕ آزاد ۔

نہٕ یلہٕ گی نہٕ گنڈ

مگر نثر ہیکہٕ نہٕ کتھ باتھ ہرِ بے راہ روی پانہٕ ناوِتھ ساٗنی کتھ باتھ ہیکہٕ بوٚکٹن
جملن، شروع کٔرِتھ متین جملن، اُتی زوردار لفظن تہٕ اُتی نیم زند محاورن پیٚٹھ مشتمل آسِتھ ۔
یہٕ اُسی بولان چھ تہٕ نہٕ چھُ نثر تہٕ نہٕ نظم آسان ۔ جدید نظم کاٗزراہ کھنڈ پھٹ تہٕ چھکرتہٕ آمژ
ہش یِی تن بوزنہٕ مگر تو تہٕ چھُ تتھ پٔٹھ نظام آسان تہٕ تو تہٕ ہیکہٕ نہٕ سو کتھ باتھ ہش
آسِتھ ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ نثر کتھ باتھ نزدیک آسان تہٕ کتھ باتھ ہند سبزر تہٕ شوزرچھُ نثرس
مٲری موند بناوان ۔ بلکہ چھُ نثرس اندر نظمہٕ ہنز موسیقی تہٕ موجود آسان ۔ یوسہ تتھ
خوبصورتھ بناوان چھے ۔ یتھ کنۍ ہیکو اسۍ وٕنِتھ زِ نثر چھُ کتھ باتھ تہٕ تیوٗتے نزدیک
آسان یوتاہ نظمہٕ مگر اتھ اندر نہٕ چھُ کتھ باتھ ہنز ہش ییلکی تہٕ نہٕ نظمہٕ ہند اندرونی یا بیرونی
نظام ۔

زبانۍ ہندیٚن سمرشار

"انسائیکلوپیڈیا برٹینکایہٕ" مطابق چھُ نثر کی عام تعریف یہٕ زِ نثر کتھ باتھ یتھ
نظمہٕ ہندین ضابطن ہندِ ضرورتھ پیہ گو و نثر ۔ امہٕ تہٕ تہٕ وُنس تام ہیٚر کنہٕ وبڑھنے
کرنہٕ بنۍ چھِنہٕ کیٚنہٕ کتھ واضح گرِتھان، سو گیہٕ زِ یہٕ نظم چھُ تہٕ آسہٕ نثر ۔ وِدہٕ کہ گو و نظمہٕ
تہٕ نثرس چھنہٕ سخ حد بندی زانہہ آسمژ تہٕ ازکل چھِ یم اکھ اکس سیٚتھاہ نِکھ آمتۍ تہٕ

کرِتھ تہٕ چھیٚم بیوٚن بیوٚن۔ منظوٗم نثر یا شاعرانہٕ نثر تہٕ نثری نظم چھےٚ ژٕ الگ صنفہٕ ادبس اندر مانہٕ یوان۔ اَتھ اندر گژھہِ تجربہٕ بطورِ اکھ واقعہ یا منطق موٗجوٗد آسُن ۔ یہِ تجربہٕ گژھہِ سیٚد سیوٚد تہٕ صحیح پأٹھی باوتہٕ آسُن آمُت تہٕ اَتھ گژھہِ خیالس، زبأنی لفظ ورتاوس اندر سمٕتار تہ وزن تہٕ اگرےٚ پیٚیہٕ تہٕ ترنُم تہٕ آسُن ۔ تیٚتھ ہیوٚ ترنم (لے) یُس یکدم پرنہٕ سأتۍ دِتھ ہیکو تہٕ تحرٛن گنڈِتھ ہیکون ۔ گرٛیمر گژھِس صحیح آسُن ۔ سنجیدہ کتھ گژھہِ سہل وٕنتھ (EXPRESSIONS) اندر تہٕ لوٚتہٕ وٕلےٚ کتھ سنجیدگی سان وٕنتھ مزٕ دِنی ہُنر آسُن ۔ مزاح تہٕ طنز چھ نثرس شوبہٕ راوان ۔

# ادبی نثرٕچہ قِسمہٕ

نثری صنفن اندر چھیٚم گنزٕرنہٕ یوان

**ڈراما:-** مکالمن پیٹھ مشتمل کتھ یتھ اندر انسأنی کردار ہاوٕنہٕ یِیہٕ تہٕ دِکاغہٕ اندرم تہٕ جسمہٕ نیٚبرِم انفرادی یا جمأتی کشمکش باوٕنی یِیمُک مقصد آسہِ ۔ یہِ ہیکہِ اکھ اَکھ اوٚنگ (یتھ اندر جایہِ تہٕ کالہٕ حسابہٕ اکلےٚ اکلےٚ نہٕ آمت آسہِ)۔ دُ اوٚنگ ترٕ اوٚنگ ۔ تیٚر یُس تہٕ اوٚگ اوٚنگ آسہِ تہٕ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ اگن اندر واہرأوِتھ آسہِ) ریڈیو، ڈراما (یُس صرف آواز پیٹھ مبنی آسہِ تہٕ اَمہِ کی ٹُکہٕ تراوتہٕ سٔران ہشر ذریعہٕ سٹیج ڈراما ہیچ ہش رنگارنگی پیش کرِ۔) (مونو) اوٚک ڈراما (اکوےٚ کردار اکۍ سے یا اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ انسانن ہُند رول کرِتھ ہاوِ) مانولاگ (اوٚک بوٚش) (اکوےٚ کردار صرف آوازِ ہند بنہٕ ہٕسی اکُس یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ کردارن ہُند رول کرِ) اوپیرا (یتھ ڈرامأس اندر مکالمہٕ تہٕ صرف منظوٗم آسن بلکہ شاعرانہٕ آسن تہٕ ڈراماکا نہٕ شاعرانہٕ کیفیتھ پأدٕ کرِ)۔

**افسانہٕ:-** زندگی ہُند اکھ واقعہ، اکھ تصویر، اکھ پوٚکھ اکس یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ کردارن ہنز دکاغہٕ اندرمہِ یا نیٚبرِمہِ کیفیژٕ پیٹھ مبنی بیان یا صرف مکالمہ یا دوشوےٚ چھ افسانس

زنٛمٕ دِوان۔ افسانہٕ ہٮ۪کہِ سیٛٹھاہ زیوٗٹھ یا سیٛٹھاہ ژھوٚٹ تہٕ آسِتھ۔

**ناوٕل:-** زندگی ہُند اکھ یا اکہِ زیادٕ واقعہٕ یا اکہِ زیادٕ تصویرٕ یمن اندر عام پاٹھۍ اکہِ زیادٕ کردار آسن تہٕ کانٛہہ تہٕ انسانی کیفیتھ وٕرتھناوُن گیہِ ناوٕل۔ ناولہِ ہُند پلاٹ چھُ افسانہٕ کہِ کینواس کھوتہٕ وسیع آسان۔

**خاکہ:-** یہِ چھُ صرف کانٛہہ کردار یا واقعہٕ پیش کران تہٕ تمیُک ساری نبرم تہٕ اُندرم حد ژھوٚپرٕ راوِتھ صرف اکھ لوکُٹ داٚیرٕ پیش کران۔ عام پاٹھۍ چھُ یہِ افسانس تہٕ ایسے ہس منٛز باگ تھوٚوبہٕ یوان۔ خاکس نہٕ چھےٚ افسانٕچ بنٛدِش آسان تہٕ نہٕ ایسے ہٕچ ہِش آزادی۔

**ایسے:-** کُنہِ تہٕ من موافق موضوعس پیٹھ مہٕ موٗن زبانی اندر کھُلہٕ ڈلہٕ بیان یتھ اندر سنجیدٕ یا لوٚنہٕ وٚے مضموٗن تہٕ ٹُکنہٕ ین۔ شرط چھُ زِ لکھاری گژھِ تمن سٕتہِ منٛکُ رِشتہٕ واٹھ ہیکن تہٕ تمن خوشک واقعہٕ بیانی بنٛنہٕ نِشہِ بچاوُن۔

**رپورتاژ:-** کُنہِ مشہوٗر یا معموٗلی واقعُک اخباری آیہِ رپورٹ یُس اخباری نثرکہِ بے لاگ ترنیارٕ نِشہِ بچتھ آسہِ تہٕ افسانہٕ یا ڈرامایٕک ہیوٚ ادبی حُسن تھاوان آسہِ۔

**سفرنامہ:-** کُنہِ بڑیا لوکہِ سفرٕک حال۔ رپورتاژکی پاٹھۍ چھُس شرط یہِ زِ افسانہٕ یا ڈرامکۍ پاٹھۍ گژھہ اتھ اندر منظرنگاری تہٕ کردار کشی کرنہٕ یِنۍ۔

**سُمرن۔ سُمرن گوٚو یادنامہ۔** کانٛسہِ زانی متس ماٗنی متس شخصس متعلق یمن ذاتی تجربن تہٕ تس شخصس سٕتہِ سیدی متین مُلاقاتن پیٹھ مبنی افسانہٕ نُما کتھ باتھ گےٚ سُمرن۔

**احوال نامہ:-** کانٛسہِ مشہوٗر یا اہم شخصیتہٕ ہنٛز زندگی ہُند اکھ یا اکہِ زیادٕ واقعہٕ یا کُلہم زندگی ہنٛدی حالات سلیس بیانی اندازس اندر لیکھنۍ۔

**ذات نامہ:-** یُنہِ زندگی متعلق یادٕ لیکھُن۔ پننین کامیابِین ناکامِین پیٹھ کُنہِ

پَس پیشہٕ وَرٲے اعتراف آیہٕ ترابہٕ اَندر ییکھن۔

**تنقید یا اَدبی تنقید:۔** کُنہِ ادبی تخلیقہٕ ہندی گُون تہٕ اگُون ترٲونی۔

**ترجمہٕ:۔** مولہٕ تخلیقہٕ وفاداری سان بییِس زبٲنی ہند جامہٕ وَلُن یتھ زِ مولہٕ زیو ہُند حُسن تہٕ روزِ موجود تہٕ یمہٕ زبٲنی ہند طاقت تہٕ ییہِ استعمال کرنہٕ۔

یِمو باہو صنفو منز چھِ واریاہ بییہِ تہٕ لنجہٕ درامژ۔ یِہند شجرٕ ہیکوا سی یتھ کٔنی لیکھتھ۔

اَدب

نظم — نثر

ڈراما — افسانہٕ — ناول — ایسے — رپورتاج — سفرنامہٕ — سُمرن — اوحال نامہٕ — بڈاتھ نامہٕ — ادبی تنقید — ترجمہٕ

ڈراما: باتہٕ ڈراما — اوڈک بوش — اوڈک ڈراما — ریڈیو ڈراما — نوٗک اُنگی — اوڈک اُنگی

ایسے: وِرژاری — بیانیہ — تنقیدی

# ب۔ کٲشرِ نثرٕچ تواریخی سام

**کٲشُر زَبان:۔** کُنہِ تہٕ ادبُک تواریخ جان پٲٹھی پرنہٕ تہٕ سمجھنہٕ خٲطرٕ چھُ ضروری زِ تتھ

کرَو یاتہٕ زمانہٕ لحاظہٕ یاتہٕ ادبِن تہٕ ادبچہِ تہِنزِ مُطابق حصہٕ باگے ۔ زندگی چھےٚ بدلان ۔ اَتھ مُتاثر
کرَن وٲلۍ سماجی تہٕ سیاسی حالات چھ بدلان ۔ اگرے اَسۍ تہٕ میٚنٛڈ چہ کشیر پیٚٹھ نظر تراوَو یہ
کٲشُر زبان لُکن ہِنٛز روزانہٕ کتھِ باتھِ وسیلس آیہ اَسۍ وُچھو زِ یتھکۍ سیاستن تہٕ سماجن دِتۍ ٹنڈی
ڈُلکنہٕ ۔ بالن پیٚٹھ روزون ناگ تہٕ مادٲنۍ علاقن بسنہٕ آمتۍ آریہ، درد، پشاچ، یہودی ،
یونٲنۍ وغارہٕ روٗدی خبرِ کیتس کالس یتہِ الگ زبٲنۍ ورتاوان ۔ آرین ہِنز کلچرل برتری
ہُند نتیجہ دراو یہ زِ ویدِ زبان بنیہ ادبی زبان مگر یہ گیہ تمہ زبٲنۍ نش دوٗر یوسہ گنگ
بُھٹس پیٚٹھ روزن والین آرین ہِندِ ذٕریعہ استعمال سپدان اَس ۔ یتہ چہ زبٲنۍ کور مقامی
تہذیبی کلچرل تہٕ جغرافیٲئی اثر قبوٗل تہٕ پتہٕ کینژن صدین اندر رٹ امہِ پراکرتن ٭
بدل شکل ۔ وق بدلیو ۔ وادی پٔرتھاہ ہیندی مذہب فکرِ تہٕ سونچ گدہ اَس ترجھے بنے یہ
بود درم تہٕ فکرِ چ مرکز ۔ لوکہِ زبٲنۍ اندر پرچار کرنس پیٚٹھ زور دِنہٕ کہ بود مقصد کنہٕ آسہ
یتہ پالی تہٕ پھہلاوتہٕ آمژ یوٚد زَن امہِ توٗ زبٲنۍ منْدا اگر مشرقی ہندستان اوس ۔ خٲر،
یتھیچ پراکرت آسہ امہِ تو بود زبٲنۍ ستۍ بیٚیہ ہنا بدلے مژ ۔ ستمہ اٹھمہ صدی تام ہیٚنزن اتھ
پراکرتس (یتھ کینہہ عالم پیشاچی پراکرت ونان عالمانہٕ سنسکرت زبٲنۍ نش بیٚون ہاوُن
پٔرتھان چھ ۔ مگر یہ رائے چھےٚ صرف اندازس پیٚٹھ دٕرتھ ۔ امہِ ناوکہِ پراکرتچ کانہہ الگ
کتاب چھنہٕ وُنکتام حاصل سپدیمژ صرف چھ پراکرت گرین اندر امچہ مثالہ یمہ کاشرِ کس
پرانس روٗپس ستۍ کیہہ واتھ تھوان چھےٚ) ترجھے ہش ونن گرزھنہ یتھ کاشرس اندۍ پکھۍ چن
زبانہٕ مثلن پنجٲبی، پہاڑی، شِنا یا درد زبانن گیہ تہٕ یتھ عالمو "اپ برنش" ونن ۔
گوڈنچہ کاشر تخلیقہ یا تمہ سنسکرت تخلیقن اندر کاشرکۍ آدن نمونہ میلان چھ (مثلن
بانا سُر گتھا، مہانے پرکاش) چھ امی وقتکۍ یا اَتھ اپ برنشس اندر لیکھنہٕ آمتۍ ۔

---

٭ پراکرت :- لفظی معنہ لُکہ زبان

**نثرِچ لکہ ربوایت** :- کأشُر زبانی تہٕ کلچرُک یہِ موخصر حوالہٕ چھُ اَمہِ خاطرٕ ضروری تہٕ کیازِ یہِ پزِ اَسہِ ہمیشہٕ تہٕ تلُ تھوٗن زِ اَتھی وقتس زایہِ پزٕ اکرت تہٕ اَپ برنشہٕ چہ تمہِ ادبی ربوایژِ یمہِ پیٹہٕ کأشر شاعری یہِ ژدہ داہمہِ صدی اندر موجود تھوِ- اُتھی وقتس آسہٕ ہٕن تمہٕ لکہ ربوایژ تہٕ چلیٚمژ یمہٕ شأعری کھوتہٕ زیادٕ نثرس اَندر پزٕتھان چھےٚ - ادبی نثرس تہٕ بلکہ داستانن ہٕلکہ کتھن، محاورن، پرژن تہٕ روزانہٕ کتھٕ باتھٕ ہندس نظمہِ اَنہارِ نثرس اندر- کأشر شأعری ہند تواریخ چھِ اَسی اَتھن شروع کران - مگر نثرُک تہٕ حالانکہ شعر بروٚنٹھ چھُ کیٚہ قومس اندر کتھ باتھٕ ہنٕد لفظن ہٕنز تُلہ ترِاوِ ہِندٕ اَکھ واضح رنگ ثبتہٕ گژھان- مگر شعر چھُ ردیف قافیس گنڈتھ آسنہٕ کِنی یادٕ تھُرس سہل یا اَٹھی نتھی گژھان تہٕ تحریرِ ورأے تہٕ موجود روزان- نثر چھِ تحریرس تابع تہٕ نثرُک یُس روٗپ (یعنے لکہٕ کتھٕ بیتر) یادٕ تھُرس ستی نتھی گژھِ ہے تہٕ موجود روزِ ہے، سُہ چھُ تہٕ پنُن قدیم تواریخی روٗپ خاص زٕ رٕتھ ہیکان - سُہ چھُ وَنہِ وألی کتھٕ گرٕی، داستان گو بدلس ستیٚ ستیٚ جُملہٕ گنڈ لفظ دوُتر تہٕ وَنن اسلوبہٕ کنی قدمہٕ قدمہٕ بدلان روزان تہٕ اَز تہٕ اَزی تھرمُت تازٕ تہٕ جدید ہیو آسان یُتاہ از بروٚنٹھ ساس وری تمہٕ وقتہٕ حسابہٕ تازٕ تہٕ جدید آسہٕ ہے - یہِ چھُ پنُن سورُے تواریخی روٗپ سرِ یھِ کرِ ہیٚکی یا اَٹھی دیتھ ترِاوان - کُنہٕ تہٕ اَدبی صنفہٕ کہ تواریخہٕ خاطرٕ چھُ تمیُک پرژون لفظی تواریخ زانُن ضروری، لفظُک پرژون روٗپ زانُن ضروری، سُہ چھُ لکہ کتھٕ اندر مسخ گومُت آسان -

**کالچ بأگے** :- کأشر نثرُک تواریخ دٕرتھ ناوِنہٕ خاطرٕ باگرِاو داُسی یہِ ژدٕن حصن منز-

زیوٗن کال (سنہٕ ۱۸۰۰ ہس تام)

وۄتلن کال ( سنہٕ ۱۸۰۰ ءٕ پیٹھ ۱۹۰۰ ءٕ یَس تام )

پرٛتھن کال ( سنہٕ ۱۹۰۰ ءٕ پیٹھ ۱۹۴۷ ءٕ یَس تام )

پۄتھن کال ( سنہٕ ۱۹۴۷ ءٕ پیٹھ از تام )

عام پأٹھۍ چھُ شُمالی ہندوستان چن زبانن ہنٛد تہٕنٛزِ تواریخ پٕتھ نیٚ باگن اندر باگرنہٕ یوان۔ صرف چھےٚ اکھ فرق۔ سنہٕ ۱۹۴۷ ءٕ پتہٕ پتھ کُنہٕ کٲشرِ ہٕنٛز پۄتھ پوٚتھ تمِچ مثال چھےٚ کہمے پہن میلان۔ یہ باگے چھےٚ ویتھ پۄتھۍ۔ یہ چھنہٕ سخ حد بندی۔ سنہٕ پتہٕ دٕرین ہنٛز ہیٚے حد بندی کیاہ زِ کرو۔ اتھ پیٹھ چھُ برونٛہہ کُن تفصیلہٕ سان لیکھنہٕ آمُت۔

**زبوٚن کال:** کٲشرِ شاعری ہندِس زبوٚن کالَس (یعنے ڈہِمہِ پیٹھ ژوداہِمہِ صدی تام) کیاہ شکل آسہٕ ہے کٲشرِس تٕہنٛز یہ وَنُن چھُ مشکل۔ اتھ متعلق چھُ صرف قیاس آرٲیی کرنہٕ یوان۔ دوٚن گوٚدِ یمہِ ہیکوٚ ونتھ زِ ترچہٕ ریواینژ آسہٕ امہِ وقتہٕ برونٛہہ وۄتلان یوٚدوٚزَن تٕہنٛزِ۔ زبان کٲشرِ آسہٕ تِکیاز تمہِ وِزِ اوسہٕ کٲشرِ بطور زبان کُنی یمہِ کتھِ ہندی کینہہ ثبوت چھِ میلان زِ بوٗدعالمِ ناگسین اوس ۲ صدی م ب (مسیحس برونٛہہ) مشہور یوٗنانی بادشاہ میننڈرس Meanender ستۍ یود مسلن پیٹھ بحث کٔرِتھ اکھ سوال جواب کتاب لیچھ مژٕ۔ اتھ اوس "مِلندپہنٛتہٕ"[1] मिलिन्द पन्ह ناو۔ یہ آسہٕ ہے پالی یا پراکرتس منز۔ اکہِ دوٚیمہِ صدی عیسوی یَس منٛزٕ اوس گُنادھیہ ناوُک

---

[1] معنے: بوٚمبر پرٛژھش۔ یعنے بوٚمبر چھُ گِن گِن لاگان تہٕ تتھےٚ کٔنۍ چھِ اتھ اندر سوالن پیٹھ سوال۔ یا ما چھُ میننڈرس سنسکرت کٔرِتھ مِلند وننہٕ آمُت۔ پہنہٕ لفظ چھُ کُنہٕ تہٕ تِس کہ درأے پراکرت رۄپہٕ چھُ سنسکرت پرٛشن لفظس بنیومُت۔ اَمِچ بناوٹ چھےٚ پتھ کٔنۍ۔

پرٛشن ، پشن پہن ، پنہہ

کاشُر داستان گو۔ یہ اوس اُزی کس اڑیسہ کس مشہور سات واہن خاندانہ کس بادشاہ
ہالس نِش بحیثیت دربٲری گو نہ ماتھ۔ تمی لیچھ تمہ وقتہ کس مُروجہ کاشرِس پرٲکرتس
(جان ونن گو وکشیٖر ہندِس پرٲکرتس) اندر برہت کتھا ناوچ داستان۔[1] وشنو شرماہن
لیوکھ پنچ تنتر سنسکرت پاٹھی ژوٗیمہ ڈہمہ صدی اندر۔ سُہ تہ اوس گُناڈھیہ تہ کیشمیندر
ہندی پاٹھی کاشُر۔ یتھ کنی چھ اسی صاف وُچھان زِ اکلے حقیقت چھنے ماننی لایق۔
سوگے یہ زِ نتشرس اندر افسانہ گوٗیی ہنز ربوایتھ یتھ کنی کشیٖر اندر چلان آس، تتھ کنی آسہ
یہ دُرستیٚن ایشیاہس اندر کُنہ جایہ تہ۔ تمہ وقتچہ بجہ دلیلہ مثلن سنسکرتس اندر راماین مہابھارت
یا یوٗنانی یس اندر اوڈیسی تہ ایلیڈ آیہ منظوم شعرن اندر لیکھنہ۔ عربی چہ الف لیلہ ہنز
داستانہ دیان برہت کتھا منجری تہ پنچ تنترچہ کتھے چھنے شکل بدلاوتھ۔ خاٲرامہ کتھِ
ستی چھ نہ یہ ثابت گژھان زِ برہت کتھا کیا آس "پرانس کاشرس اندر یا کاشرس
پرٲکرتس اندر لیکھنہ آمژ۔ "مِلند پہنہ" کتابہ ہنز تہ چھنے یہے کتھ۔ مسیحی برونٹھ یا

---

[1] اتھ پرٲکرتس چھ کینہہ وَنان پشاچی پرٲکرت تکیاز دارِ یہن عظیم انسانن
ہندی پاٹھی گیہ گُناڈھیس ستی تہ دیومالائی کتھ آویزان۔ دوٚپتھ سُہ اوس موردن ہنز واڈی جبہ
ستی چمرس پیٹھ لیکھان یہ بوزتھ ژھُن بادشاہن کُڈتھ۔ مگر یمہِ تصنیف کانسہ بوزناوِتھ یتہ نارس
اندر زالنہ کہ ارادہ۔ پوٚتھ اکھ اکھ داستان پرتھ تہ ژاٹن بوزناوتہ۔ کتھن ہنز دلفریبی تہ خوبصورتی
ہنز شیٖچھ واتھ رازس۔ تمی ژاوِ ہرتی مگر صرف ہیوکُن تمہ وِزِ امیک اکھ سٹھاہ لوکُٹ
حصہ بچاوِتھ یتھ یہ سنسکرتس اندر کشمیندرن ترجمہ کوٚر مول چھُنہ کُنی۔ کشمیندرچھ اتھ
"برہت کتھا منجری" یہ ترجمہ وَنان، گُناڈھیہ سُند ذکر کران۔

مسیحس پتے یعنے از برونٹھ قریب زِ ساس وُری چھُ یمَن دون کتابن ہند تخلیق سپدنُک
پے میلان ۔ بہرحال چھے یمہ کتابہٕ تمہٕ وقتہٕ کِس پرٛاکرتس اندر ۔ تتھ پرٛاکرتس اندر آسن
ییمہٕ تہٕ واریاہ کتابہٕ لیکھنہٕ آمژٕ ۔ یہُند جایہٕ تخلیق کشیر آسہٕ تہٕ یہندی خالق کاشری آسن ۔
زبانی ہُند تواریخ یا ارتقاو چھُ چھِ یہِ سیٹھاہ غار معمولی زِ دٔیمہ ترٛیمہ صدی عیسوی یس
اندریُس پرٛاکرت کشیر اندر اوس تہٕ یتھ اندر ییٚمہ کینژھاہ لیکھنہٕ آو سُہ کیا چھُ کاشر زبانی
سٟتۍ کانہہ تعلق تھوان ۔ زبان دانی مطابق گے امہ پتہٕ سٟتھ آٹھ شتھ وُری ییلہٕ ہندستانی
برصغیرس اندر پھیلے متۍ پرٛاکرت بدلنہٕ ہنتۍ یتھ زمن بنے یہِ اپ برنش تہٕ اَدٕ ژٕایہ
ڈیمہٕ ہیمہٕ صدی اندر اپ برنشو منز جدید ہندستانی زبانی ۔ گرزون کاشر چھُ بانائمکھا"
یامہلنے پرٛکاشک" کاشر ییمیک وق ییٚمُ ترٛوائم صدی چھُ تہٕ یُس پتہٕ متۍ وٚہرۍ لل دید
تہٕ شیخ نورالدین سُند کاشر بنیو ۔ دٔیمہ صدی ہندس برہت کتھایہ ہندس پرٛاکرتس
سٟتۍ میلوَنہٕ اَتھ واٹھ دِتھ ۔

**بڈشاہ وق : کینہہ اشار :-** کینہہ عالم چھ آئین اکبری تہٕ راج ترنگنی (شری
ور) اندر آمتین یمِن اشارن زیوٗگن[۲] آسی ییتہٕ جہ (آئینِ اکبری مطابق) تہٕ سانہٕ
(شری ورنہٕ وَننہٕ) زبانی ہندی شاسترن پران بدل معنے کڈان ۔ خبر سانی وَنتھ ما

---

[۱] یہِ کتھ تہٕ چھے بحث طلب زِ برہت کتھا کیا آیہٕ کشیر ہندے کھیٹھ پرٛاکرتس اندر لیکھنہٕ،
تکیازِ دیان مہاراجا پال اوس یا نہٕ تہٕ پرٛاکرتس اندر لیکھان تہٕ پرٛاکرت لکھاری گُناڈھیہ اوس لیکھن
برادری سبے دربارس اندر تھو مُت ۔ اکھ پرٛاکرتن ہند قدرتی من بنیہ کشیر تہٕ اُڑلیہس منز باگ
فاصلہٕ وُچھتھ چھُ یہ نتیجہ کڈُن غلط یا سان زِ یمِ زٕ پرٛاکرت آسہن نزدیک اکھ اَکِس ۔ کشیر ہُند پرٛاکرت
بنیو ۸۰۰ وُری پتہٕ بانا سُر کتھایہ ہُند اپ برنش تہٕ اُڑلیہُک پرٛاکرت بنیو بدھ گان اددھا
مُک یا سرلا داسہٕ سُند مہابھارتک اوڈیسی پرٛاکرت ۔ [۲] یعنی آسی گوڈ یونانین تہٕ پتہٕ پتہٕ پرٛتھ
وہ پرٛ مذہب کس وَنان ۔

چھُ شرٕی ورِ سنسکرتس کُن اشارٕ کران ۔ آزاد چھُ قیاس کران زِ سوم پنڈتن لیوٗکھ زانہٕ چرِت شاید نثرس منز کاشُر پاٹھی تِکیازِ شرٕی ورِ چھُ تس شاعر بدلہٕ فاضل وَنان ۔ امیُک تہٕ چھُنہٕ کانہہ نوسخہٕ دٔستیاب ۔ توارٟخ دان صوٗفی چھُ وَنان زِ بڈشاہَس پیٹھ آیہٕ زِ کتابہٕ کاشرِ پاٹھی نثرس اندر لیکھنہٕ مگر یِہند کانہہ تہٕ نیال چھُنہٕ اَتھ آمُت ۔

**تحریرگ ژھانڈو :۔** نتیجہ ہیکہٕ نیرِتھ زِ ژلوَن کالس اندر یعنے اَردا ہَمہٕ صدی تام اگرے کینہہ نثر لیکھنہٕ تہٕ آمُت آسہِ سُہ چھُ وُنہٕ ژھارگار منگان ۔ تحقیق چھُ چلان ۔ اگرے ژٕہ داہمہٕ صدی پیٹھ چی کانہہ کتاب یا تخلیق میلہِ ہے اَسی ہیکہٕ ہَو نثرُک توارٟخ شاعری ہندس توارٟخس لَرِ لوٗر کھَر کٔرِتھ ۔ ڈٕہمہٕ صدی پتھ کاشُر نثر ژُنُن چھُ صرف جذباتی دوکھ ژھانٹھ ۔ یہِ کام چھےٚ زبان دانَن ہنز زِ کاشُر زبٲنی ہٕندمول ژھانڈان کوتاہ ہیکَن پتھ کالس اندر کھٔنِتھ ۔ ادبُک توارٟخ چھُ تحریرس پیٹھ دٔرِتھ آسان ۔

**وۄتلَن کال :۔** کُنہٕ ڈٕہمہٕ صدی آسہ ہندستٲنی ادبن ہندِ خاطرٕ اہم ۔ یوٗرپی طاقتن ہنز کھوٗسہ اوس تقریبن فاصلہٕ گومُت ۔ انگریزَو اوس بیشتر علاقن پیٹھ پننُ قبضہٕ دٔرِرووُمُت ۔ ۱۸۵۷ئہ کہِ جنگہِ پتہٕ گیہِ حکومت ایسٹ انڈیا کمپنی نِش نیرِتھ سیدٕ سیوٗد برطانوی تاجس تَل ۔ یتھ ملکس پیٹھ پنٕنی تھپھ محکم بناونہٕ خاطرٕ تُلی انگریزَو وارِیاہ سیاسی تہٕ انتظامی قدم مگر تِموٚ ژیوٚن پیٹھ زِ کانہہ قوم زیر کرنہٕ خاطرٕ چھُ اَمہِ ہٕندِ کلچرٕچ زینُن ضروری ۔ لارڈ مکالے سُن ووٚن یہِ صاف لفظن منز تہٕ ورتوُن تہٕ ۔ اَتھ کرِتھ انگریزَو سکوٗل قٲیِم ، کلکتہ ، بمبیہ تہٕ مدراسہ آو انگریزی ذریعہ تعلیم بناونہٕ یتھ انگریزی پرِتھ

کلاّرکھ تیار گژھن ۔ امہِ سٟتۍ گےٚ اَکِس لوکٕٹس موکٕٹس طبقس انگریزی ادبٕچ زان۔ مگر خاکمن
سٟتۍ ووتھ یِتھ بِتہ رٕدٲمیک رول یُس وارِیہن کالس تام موشر۔ بیٚیہِ آیہِ عیسایے
مشنری یورٕ یتھ لوکھ عیسایے مذہب زانن تہٕ مانن تہٕ ورگہِ پاٹھی حکم انن ہمدردی کرن۔
انگریزی ادب پرٕن والین گےٚ جدید انگریزی تہٕ تمہِ کی ؤسیلہٕ کنہٕ یورپی زبانی ہندِ
موللہِ سرمایہٕچ زان تہٕ منز۔ یمنز۔ یکڑی کالنہٕ کالنہٕ ترجمہ بنارہٕ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ ہندستانی
ادبن اندر تہٕ ہیرٕن جدید نظریہٕ[لہ] امی وقتہٕ بیٚیہ بیٚیہ نثر تہٕ نثرٕچہِ صنفہٕ مثلن ناول
افسانہٕ، ڈراما، تنقید، اخبار نویسی بیترِ تھنہٕ۔ ہپاری کرٕی عیسایے مشنری یو انجیل ہندستانی
زبانن منز ترجمہ، پریس کھولکھ تہٕ چھاپتھ تہٕ مفت باگراوکھ۔ ووٚن گو ویتھ کنہٕ
انگریزی زانن والیو ہندستانی ادبس خدمت کرتھ کنہٕ کرنہٕ مشنری یو۔ مذہب پھالاونچ
توہ تمِلی دیُت تہٕ تمن بیٚنن ترجمن ہتہٕ فنی خوبی شیرنس موقعے ۔ موخصر ہیکواُسی وٕنتھ زِ
کنہٕ ؤہم صدی آس ہندستانہٕ خاطرا کہِ اندٕ سیاسی غلامی ہندِ دربرک تہٕ بیٚیہِ اندٕ نثری
انقلابک دق۔

مشنری ین ہتہٕ سوٚپ سرگرمی :۔ مگر کاشرس ادبس چھنہٕ اتھ وقتس تہٕ
خاص کینہہ لاران ۔ انگریزی پرٕن والیو کوٚر تہٕ ترجمن کُن زیادٕ۔ یِتہٕ گےٚ انگریزی سکول
(مشن سکوٗل) کنہٕ ؤہمہِ صدی اندر واریاہ ژٕری (نوٚیمس ڈہیس اندر) قایم۔ عیسایے

---

لہ اَتھ وَنو جدیدے یوٚد زن یہ چھےٚ حقیقت زِ یورٕچ غلامی تہٕ تمہِ بر ؤنھم زیٚٹھ جنگ جدل
نےٚ آسہٕ ہے ہندستانی ادبس تہٕ زندگی تہٕ آسہٕ ہے بٕنی رفتار بیٚنہٕ رنگہِ جدید نظر وٕتہٕ تلےٚ منز۔ ووٚن
گو وکنہٕ ؤہمہِ صدی اندر اوس یہ قوم سٕتھاہ پتہٕ تہٕ یورپی علمن اوٚن اَتھ نوٚو گاش۔

مشنری یوکرٕی ترجمہٕ تہٕ چھاپ کرناوکھ مگر یمہٕ مُبادٕ سان تِمو باقی جاین کام کرے یہٕ
سُہ مُبادٕ ہوٕوکھ نہٕ یِتہٕ ۔ تِتھ اوس اکھ وجہ یہٕ تہٕ زِ یِتہٕ آس تمہٕ وِز سکن ہنز حکومت تہٕ
انگریزی آسی صرف بِہتھٕ وٕلی حاکمن ہنز۔ ختٕی ریٔنے منز۔ یوان تہٕ یِتیک علم ژھانڈان تہٕ گاران۔
اَسہٕ چھُ نان زِ ۱۸۰۰ء پیٹھے ہیٚتی انگریز وییتہٕ چہٕ زبٲنی تہٕ ادبس متعلق تحقیقاتی مقالہ لیکھنہٕ
تہٕ کلکتہٕ چہٕ رایل ایشاٹک سوسایٹی ہندس جریدس اندر چھاپنہٕ۔ مگر کشیر اندر کاشرس
اندر ترجمہٕ کرتھ مذہب پھالاونُک جوش کم آسنہٕ موکھہٕ رُود کاشُر عیسائے ادب واولدے۔
یتھ جایہٕ چھُ ۱۸۲۱ء ییس اندر شری رام پور مشنری ہندِس انتظامس تَل انجیلہ کرنہٕ آمُت
کاشُر ترجمہ اہمیت تھاوان ۔ اَمِچ زبان چھے فارسی آمیز تہٕ یہٕ آو شاردا رسُم الخطس منز۔
چھاپ کرناونہٕ۔ ۱۸۲۱ء ییٚس اندر آو امیک دوٚیُم حصہٕ یعنے نوٚو عہد نامہٕ تہٕ چھاپ کرناونہٕ
تہٕ پتہٕ آیہٕ دوٚشوے حصہٕ یکجا برٹش بایبل سوسائٹی ہندِ طرفہٕ فارسی رسم خطس اندر چھاپ
کرناونہٕ ۔ یہٕ ترجمہ کرنا دیو و پادری واڑے صاب ہنز نظر گُذرِ تَل یار محمد خانن ۔ اَتھ
ترجمس اندر چھِ گو ڈنکہ پھر فارسی حرفن منز۔ مُتری زیر زبر لگاونہٕ آمتی یمہ ستی یہ چھُ نان
زِ کاشرِن آوازن ہنز ادائیگی ہند حِس چھُ لیکھن والس اوسمُت ۔ بس اَتھی ستی سیُد
بائبل ہندِن ترجمن ہُند سلسلہٕ ختم ۔ کاشرِن ہند عیسائے مذہبس کُن کمے ہِن رغبتھ
وُچھتھ ما آسہن یمَن مشنری ین ہندی حوصلہ تہٕ پس گامتی ۔

## ترجمہٕ تہٕ تحقیق صدی: انگریز عالم :—

اگرچہ انگریزی یا یوٗرپی ادب
پارن ترجمہ کرنُک سلسلہٕ شروع گژھ ہے پتہٕ ہند ہے ستی تصنیف لیکھنچ تہٕ جوشہ سان
شروع ۔ یہٕ سلسلہٕ جلیوٕ نہٕ خاطر خواہ پاٹھی تہٕ مولہٕ لیکھنس تہٕ تُج یہٕ زیر ۔ انگریز آسی نہٕ یتکی

سیٚد سیوٚد حاکِم مگر انتظٲمی عملس اندر ٲس تِمن چلیٚ۔ ہُپارِ ی پھیرِ تم ملکس بانہٕ بانہٕ اتہٕ وُچھکھ کلاسِکی تہٕ لُوکہ ادبُک قیمتی خزانہٕ یم جدید نظرِ ہ وُچھنہٕ سببہٕ موکلوٚنہٕ آسہٕ تہٕ آمتہٕ اتہٕ گٹِس منز اَکہ۔ اَرداہِمہ صدی ہندِ آخری وٕری تہٕ کُنوہِمہ صدی ہند ابتدٲیی وٕری اوس یورپس اندر سائنسی ایجادن تہٕ علمہ چن یا قِسمن مٕشلن زبان دٲنی، آثار قدیم بیتر علمن منز نوٚن معلوماتن ہُند ووق۔ اَمی وِزِ آو قدیم سنسکرت لاطینی، فارسی، جرمن بیتر زبانن ہُند لسٲنی تعلق مشخص کرنہٕ۔ کلکتہٕ ہس اندر رایل ایشاٹک سوسایٹی تہٕ پتہٕ فوٹ وِلیم کالج قٲیم سپدنہٕ سٟتۍ لوٗگ ہندوستٲنی زبانن تہٕ ادبن ژھانڈ ونہٕ۔ انگریز محققو ہنٛزِ تحقیقی لیکھ لیکھتھ چھاپ کرٕنی۔ امہِ سٟتۍ سپُد کُل پاٹھی عالمی علمس برٛ تر تہٕ خاص پاٹھۍ ہندوستٲنی ادبن ہند خاطرٕ رُوزنہٕ عمل نہج ساز۔ رایل ایشیاٹک سوسایٹی ہندس جریدس اندر یم لیکھ کاشرس ادبس تہٕ زبانِ متعلق چھپیہ تِمو منز اکھ کیہنہ تھٕ تِمو سٟتۍ نژر لیکھنُک ہوا نوا پادٕ گوٚو ہے

---

۱۔ مثلن آر سی، پی سنٛد مضمون "اے گریمر آف کشمیری لینگویج" (۱۸۴۴ء) کیپٹن گاڈون سنٛد مضمون "اے واکیبولری آف کشمیری ایبتھ اینڈ انگلش" (۱۸۶۶ء) ایل بی باورنگ سنٛد مضمون "واکیبولری آف کشمیری لینگویج لسٹ آف ورڈس اینڈ فریزز" (۱۸۲۶ء) ڈبلیو جے ایلمی سنز۔ کتاب لنڈنہٕ چھاپ کرنہٕ آمژ "اے واکیبولری آف دی کشمیری لینگویج" مع انگریزی ترجمہ (۱۸۷۲ء) جے ڈبلیو لیٹنر سنٛد داستان شیخ شبلی کہ منظوم ترجمہ اندر کٲشری نموٗنہٕ "اے سپیسی من آف کشمیری لنگوسٹِک فرگمنٹس" (۱۸۷۴ء) جے ہنٹن نولز سنز۔ لنڈن چھاپہٕ متہٕ کتاب "اے ڈکشنری آف کشمیری پراوربس" (۱۸۸۵ء) یہندے مضمون کشمیری رِڈلز (۱۸۸۴ء) یہنٛزے کتاب "فوک ٹیلز آف کشمیر" (۱۸۹۳ء) ٹی آر واڈے سُنٛد گریمر آف کشمیری لینگویج" (۱۸۸۸ء) سر جارج گریرسن (ایسز آن کشمیری گریمر (۱۸۹۹ء) اوٚ ہندے "اے مینول آف کشمیری لینگویج"۔

ایلٹر کول سنز۔ کامہ بیٹھ سر جارج گریرسن تہٕ مہامو پادھیاے مکند رام شاستری ین ترتیب دِژمژ کاشر ڈکشنری "اے ڈکشنری آف کشمیری لینگویج" ۱۹۱۵ء آر ل سٹاین تہٕ گریرسن سنز۔ کتاب یوسہ لنڈنہٕ چھاپ گیہٕ "حاتم ٹیلز"

کُنہِ ہمِ صدی اندر یِمہِ کوشِشہِ کرِنہٕ آیہِ تِمن منز گوو کاشُر نثرُک اکھ کرِ نز ہیو تیار۔ نثر چھِ[19] لَگ بنچہ چھ آسان لفظ محاوِر، کہاوَژ، لفظ و وترُتہٕ جُملہٕ یِمن سارِنے گےٚ انگریز وہِنز وِ کوششو ستہٕ آبیاری۔ مگر یہِ تہٕ چھُ پرزُرزُن شوٗدُ نثرُک تواریخ ہیکو اُسی ۱۸۲۱ء پیٹھ انجیل ہِندِ ترجمہٕ پیٹھ شروع مانِتھ اکھ اَندر کُو ترجمہٕ کارو کاشرِ زبانی ہِندِن امکانن ہِندِ پورِ استعمال۔

## گوڈنِچہ کاشرِ تصنیفہ :-

کاشرِ نثرچ گوڈنچ تصنیف ہیکو اُسی نوولز صاٮ۪بنز ۱۸۸۴ دیس اندر ترتیب دِژمژ دلیلن ہنز۔ گوڈنچ کتاب "فوک ٹیلز آف کشمیر" مانِنہٕ۔ دوٚیم چھےٚ امہِ پتہٕ آرل سٹاین تہٕ گریرسن صاٮ۪بنز ترتیب دِژمژ "حاتم ٹیلز" ناوچ کتاب یوسہٕ ۱۹۱۱ ییس اندر چھپیہ۔

---

۱۹۲۳ء یمن کتابن اندر دِژ وارِہیو کاشرِ بن لفظن ہنز مثالہٕ رومن خطس منز۔ ایشرکول اوس گوڈنیک سُہ نفر ییٚمہِ سنسکرتس اندر گوڈنیک کاشر گریمر شلوکن اندر لیوکھ تہٕ پتہٕ گریرسنس ترتیب دِتھ چھاپہٕ نووٗ۔ اتھ اندر دِژن مثالہٕ دیوناگری خطس منز تہٕ کاشرِ بوٚ آواز وخاص زِرا وِ تس موزون نشانہٕ۔ امہِ پتہٕ اوس غلام محمد خان پوپلزے گوڈنیک سُہ شخص یٚمۍ ۱۸۵۳ ییس اندر کاشر گریمر لیکھتھ اندر فارسی رسم خطس اندر کاشرِ مثالہٕ دِژ۔ یتھے کُنہ چھ ۱۸۵۲ ییس اندرے سیف الدین تاربلی ہنز لیچھمژ رسالے اصواتِ کشمیری یوسہ دوٚنہٕ چھاپ گرِ تھنہٕ چھےٚ۔ ۱۸۷۶ء ییس اندرے لیچھیہ رام جو درن کاشرِ جامٹری یوسہٕ اقلیدس ہنزِ جامٹرِی ہِندِ ترجمہٕ اُس۔ وُہمہِ صدی اندر تہٕ روٗد یہِ سلسلہٕ جاری۔ پروفیسر سری کنٹھ توشخانی لیچھ "اچھر زان" تہٕ بیٚیہ حسابچہٕ کتابہٕ گرِنز وِہدٕ ناو کاشرِ پاٹھۍ۔ آنند کول بامزے تہٕ کاشرِ ن محاورن تہٕ پرِشن پیٹھ لوکچہ کتابہٕ تہِ چھےٚ ناوِ ینہٕ لایق۔ یِموکُتاب لوکُر کاشرِس نثرس صرف یہِ مدد زِ جملہٕ سازی ہنز روایتھ کرِکھ قایم۔ یِموسٕتی چھُ یہِ تہٕ عیاں زِ عالمن اُس ادرکُن تہٕ کل زِ کاشر مابہٕ زانہہٕ تعلیم ہِندِ ذریعہٕ تہٕ پرِ ٹھن کتابن ہنز ضرورت بنییہ۔

اَتھ اندر چھُ حاتم تلہٕ وانی سُند داستان گوئی ہُند سٹایِل صاف پاٹھۍ نَنان ۔ دراصل چھُ کاشرِس نثرِس دِس ٹُھنک شُرف سٹاین تہٕ گرِیرسن صابَن حاصل ۔ بایبل ترجمہٕ کرنچ یوسہٕ ابتدا عیسایو کرے پیٚسو تیٚچ پتہٕ کُنہٕ وُہمہِ صدی اندر بروٚنہہ پتہٕ کاشرِن ہنز سرد مہری کِنۍ گۓ ختم تہٕ تِمۍ کاشرِ انگریزن ہندِ علمہٕ کِس خاطرٕ خواہ فایدٕ بلکہ کِنیکھ یِنہٕ مولا کتابہٕ تہٕ کلاسِک انگریزن کھوٚٹن پوٚن

## یِرتھِن کال:۔

عیسایے مشنری یَن ہُند پیٚد اکوے فایدٕ کاشرِس نثرِس ۔ کاشرِ تہٕ گۓ نہٕ عیسایے امہ پوٚت یِنِس مذہبس پیٹھ ہیچکھ کتابہٕ لیکھنہٕ یمہ پتہٕ وُہمہِ صدی اندر کاشرِن کم کاس اَدبی حِس دِوان چھُے ۔ یہ حِس یِنس اوس اوٚتام کِہنی پتہٕ تے یِتھ وُری زیر گومُت یکیا زِ شمالی ہندستانس اندر آو کُنہٕ وُہمہِ صدی شروع گرتھ وُنے اَتھ نثری انقلاب یمیک ذکر کرنہٕ آو ۔ یور کیا زِ آو نہٕ یہ اثر تتھے کُنہ، اَتھ چھُ شاید یہ وجہ زِ وادی اَس جغرافی لحاظٕ تھیٚبہٕ گامژ تہٕ وُنہٕ اَس نہٕ یِیہٕ تتھ سماجی یا سیاسی بیداری تہٕ گامژ یوسہٕ پریس، اخبار، ریل، سٹیج تہٕ مغربی کلچرکہ چھِیہ لگنہٕ ستۍ باقے مُلکس اندر آمژ آس ۔ خار یوسہٕ زیر کاشرِن عیسایے مشنری یو دِژ تمہ ستۍ پیٚیہ تِم صرف اَمی زِ کہ پایس زِ باتہٕ یِیچھکھ مذہبس متعلق کیہنہ کتابہٕ ۔ وُہمہِ صدی ہندِ ن گوڈنکیٚن ڈہین اندر دراے کیہنہ کاشرِ کتابہٕ مثلن ”کاشرِ مسلہٕ کتاب“ ۔ اَتھ اندر آسہ مذہبی سوال تُلنہٕ آمتۍ تہٕ تِمن گِنیٚ کڈ تہٕ آمژ سہل کتھ باتھ ہندِس کاشرِس اندر ۔ یمیہ دراے قرآن شریف کین کیٚنژن سپارن ہندی ترجمہٕ ۔ مولوی یحییٰ صابن کوٚر عمہ سپارِ ترجمہٕ تہٕ چھاپ ۔ نہال پورکی محی الدین خانن کوٚر قرآنِ شریف کِس اکِس بڈِس حصس ترجمہٕ ۔ ”رسالہٕ منصوبہ فی الفرایض“ آو کاشرِ اوٚنہٕ، حالانکہ یہ چھُ وُنہٕ دستاویزکِس صورتس اندرے موجود ۔ مولوی یوسف شاہ صابُن قرآنِ شریفُک ترجمہٕ چھُ زبان تہٕ باوتھ لحاظٕ نثری نموٗنہٕ ۔ یہ پیٚد پاکستان سے

اندر چھاپ۔

## منظم کوشش ہند ڈسیلا یہ :-

کاشُر نثر پھولراونچہ گوڈنچہ منظم کوشش سپدیہ ۱۹۳۶ء ہس اندر شروع یُیلہ ایس پی کالجہ کس پرتاپ میگزینس کاشُر حصہ دراو۔ یہ چھپیو فارسی تہ دیوناگری دوشونی رسم خطن منز۔ میگزینہ خاطر نثری مضمون لیکھنہ تہ لیکھناوُنہ یہ کوشش چھے تعریفن لایق۔ امہ پتے کینژ کالی دراو مہجور صابن اخبار گاش ۱۹۳۹ء ییس اندر ییمہ اکہ طرفہ نثرس حوصلہ افزائی کر بیکہ اند صحافتی نثرس تہ بُنیاد تراو۔ یہ اخبار گوو پتہ جنگ عظیم دوہہ کنی بند۔ یمہ منظم کوششہ پیدے یہ کامیابی حالانکہ یمہ چلے یہ نہ وارہس کالس۔ وونی گوو یہ ڈیکھ ہاوتھ زِ یتھ پیمرژن زبانن ہیکہ صرف رلہ ملہ کوششو سیتے اتھ روٹ کرنہ یتھ۔ یمن منظم کوششن ہند سلسلہ چھ پتہ کلچرل فرنٹہ چہ شکلہ اندر برونہہ پکان ییمو نثر سٹھاہ برونہہ پکہ نوو۔

**جمائی منگ : ڈرامہ تہ ادبی نثر :-** یہ کتھ چھے اہم زامہ وقتہ چہ ادبی کوششہ چھے ملہ تہ جماتی یا اجتماعی نوی تچہ۔ تہ زن گوو یہ زامہ ورِ کاشر مول لیکھنچ شعوری شروعات گیہ نہ افسانہ تہ ناول یا ایسے ستی بلکہ ڈرامہ ستی ییمچ فطرت جماتی چھے۔ نندلالن کولن ڈرامہ سیچ کھوٹ (1929) آو سٹیج کرنہ خاطر لیکھنہ تہ یہ چھے نثرچ گوڈنچ یہلہ پایہ شعوری تخلیق۔ اَمچ زبان چھے شُتہ تہ بامحاورہ کاشر۔ کردار نگاری، مکالمہ، منظر باگرن، واقعاتی کشمکش تہ عروج چھ اَکس کوہنہ مشق لکھاری سندی پاٹھی خیال تھاونہ آمت۔ کتھ چھے دیومالائے ہرژندرازن چھ ستھ پالان، تتھ اندر آمتی مشکلات وتراوان تہ آخرس امتحانس نیر تھ نیندرازس پننہ مثالی کردار ستی ہارناوان۔ لکھاری چھے یہ کتھ تیژاہ کاشر اومرزیہ چھے ییمچ لکہ

مہرِ ینٛزٕ تہٕ نبر شالہٕ اوس لوکٕٹ مہراز۔ زٔنتہٕ دوہ دٕ موج اُس
وُنی وُنی کُنٛھ دٕرٛام۔ تہٕ خوتن دبدٕ اُس گوڈٕنچہ لٔٹہ نبر شالس
نش۔ تمہٕ دِژ تٔلی ٹارٕ نبر شالس کُن نظر۔ سہٕ اوسُس وُچھان
اسان تہٕ گوان:۔

چھتِتھ پوشہٕ ینگہٕ مےٚ ڈٕینٛمُس تن
ہا چہٕ لو دٔیِ زٔلُس بوجہ عالم

خوتن دیدِ آو نبر شالہٕ پٔژی یا ٹھی لوکٕٹ بوزتہ۔ اپالک بھرن لاگِتھ۔ بھیکہٕ
بون دُسہٕ ترٛاو تھ تہٕ ۲۷۹ ملہٕ گنڈٕتھ۔ زٔنتہٕ وُنی اوس گرٕ بیٛٹھ دوٚتھمُت۔ زٔنتہٕ
سو اُس دیکہٕ بیٚٹھ مہرِ ینٛزٕ، کار نوم آوتھ لوکٕٹ موکٕٹ۔ بیتھ خیال دِلس منز ہیتھ
کھوژان تہٕ تٔنانٛ: ہے ہے دوہ تی کرِم یہٕ کتھ۔ یہٕ کیا وُنس بہٕ مامند چھُس!

(اختر محی الدّین: ڈٕریایہٕ ہُند بیزار)

خوتن دیدِ چھےٚ خاندارس کرٕ دِکاری ژھانڈان التعابہٕ اکس پو بھنٛجہٕ
منز۔ مٔنٛ خاندرک بیزار لبان تہٕ تمُس چھےٚ بیزارٕ دُچھتھے اکھ عجیب حالت
یادٕ گرٕتھان۔ افسانہٕ نگار چھُ اکس خاص فاصلس پیٹھ دوری امہٕ حالژہ منز سام
ہیوان۔ سہٕ چھُ خوتن دٔید منز نفسیاتی کیفیژ سٟتھاہ قریب مگر اسلوبک شعوری
خیال تھاوتھ کِنہ چھُنہٕ پانیارک تہٕ ژٕ دیکیہٕ ہُندباس لگان۔ ایمہٕ مثلن بونی مس
اقتباسس منز لگان چھُ:

"پوشہٕ کچہٕ آیہ نہٕ رانس اکس بژتر س تہٕ نیندر۔ جر کم
خیال وُتھی تس۔ گوو مین چھےٚ کار اہی! کیاہ اوسُس

کتھ باسان۔ ڈرامہس اندر چھُ تمہ وقتُک پارسی ڈراما اسلوب صاف نظر گژھان۔
مثلن قافیہ بند مکالمہ، جذباتن ہند تھز ریاکھسہ وس اظہار کرنہ خاطر منظوم مکالمہ، منزٕ
کتھ ہُند دوہ کھہ لد توشرٕ کم کرنہ خاطر جبہٕ یام آمی کردارن ہندی منظر بیتر۔ امہ ڈرامہک
اثریو ویکھن نہچہ پتھ سیٹھہ تاراچند بسمل (پتیچ وتھ عرف ہرژٹھ تلہ رناٹک)، اکہ نتہٕ دُن
پریچ کہوٹ، رام اوتار) نیل کنٹھ شرما (بوامنگل) تہ غلام نبی دلسوز (شوۂ، لال مجنون،
شیریں خسرو) ہندی ڈراماگئے تیتی مقبول زیم کرٕی اکہ گراما فون کمپنی یہ رکاڈ تہ لکھو، مینتی لیلہ
پاٹھی تہ ڈراما نگار لگی یتھی ڈراما لیکھنہ۔ سری نگرس اندر کرٕی سُدھار سمتی یہ شیتل ناتھ تہ
شوال مندر چَھن درم سالن اندر باضابطہ سٹیج بناوتھ بیّیہ تہ واریاہ ڈراما سٹیج (مثلن
ستیہ وان ساوتری، بھگت پرہلاد، شنکر پاردتی، کرشن جنم) یم موضوع لحاظہ دیومالائی
رلوایت بردِ نتھ یکناوان رُود تہ اسلوبہٕ لحاظ پارسی رنگ۔ یتین پتہ چھےٚ یہ کتھ اہم زِ اگرٕ
"ستیچ کہوٹ" گوڈنیک طبع زاد پارسی اسلوبُک کاشُر ڈراما اوس، محی الدین حاجنی سُند
"گریسی سُند گرٕ" (۱۹۳۸ء) چھُ گوڈنیک حقیقت نگار طبع زاد کاشُر ڈراما۔ اتھ اندر چھُ
نہایت حقیقت پسند اندازس منز تمہ وقتہٕ کس کاشرس گریسہٕ تہ ہنز۔ لاچاری تہ تس
بنتھ ہینہٕ والین چکدارن تہ جاگیردارن ہنز عکاسی کرنہٕ آمژ۔ ایمہ زبان پتہ چھےٚ بول بوتچ
کاشرِ زبان تہ مکالمہ چھِ ڈرامایی واقعہ وتلاونس منز برجستہ مدد کران۔ کردارن ہنز ذاتی
کاشرِ فطرت وتلاونس منز چھُ لکھاری کامیاب گومت۔ ڈراما گو وگامن کُن مقبول تہ قبول
امیک مصنف، اتھ درٲیہ زِ آیڈیشن۔ یہ اوس تمہ پارسی سٹیجہ چہ رلوایژ نِش بدلون یہ،
سر جگرس اندر چلان آس تہ یوسہ بیتہ بیتہ اپٹا (IPTA) انڈین پیوپلز تھیٹر
آرگنایزیشن ہنج اکھ شاخ قایم کرنہٕ چَھن ناکام کوشش بنیاد دنیہ یہ کلچرل فرنٹکی بیش تر ڈراما

تہٕ اَسہِ کم زیادٕ پارسی اسلوٗبس ورتاوان ۔ حاجنی صابن تہٕ لیوٗکھ تہٕ پتہٕ ییٚمہٕ کانہہ ڈراما۔
تمہِ نِگی تحقیقس کرٕن ۔

**ڈراما تہٕ اخبأری نثر:۔** یتھ کنۍ وُچھا اسہِ زِ پرٕتھن کالس اندر چھُ کأشُر نثر باضابطہٕ
ادبی شکل اختیار کران تہٕ نجی یا انفرأدی کوٗششو کھوتہٕ چھا اتھ پرٕتھنس اندر اجتمأعی وجوہات
زیادٕ مددگار ثابت سپدان ۔ باضابطہٕ طبع زاد کأشُر نثر چھُ ڈراماکس صوٗرتس اندر تخلیق سپدان تہٕ
جماعتس برونٛہہ کنہِ پیش سپدان ۔ بیاکھ کوٗشش یعنے اخبارن ہُند شایع سپدُن تہٕ چھا امہِ وقتچ
خصوٗصیت تہٕ کأشرس نثرس یہِ صحأفی روٗپ دِنچ کوٗشش تہٕ چھےٚ فطرتن اجتمأعی تکیاز
انفرأدی کوٗششہٕ باوجود چھُ صحأفی نثر پرن والین ہندس ردِ عملس تابع آسان تہٕ تمے چھ
اتھ قبوٗلِ عام بخشان تہٕ یتھ کنۍ امہِ کس تخلیقی رجحانس وتہٕ ہاوِکی بان ۔

پرٕتھن کالہٕ پتہٕ یعنے آزأدی پتہٕ یوٗھتیو نثر الگ الگ صنفن اندر تہٕ باضابطہٕ پاٹھۍ
تہٕ اوے ونو اتھ پوٗتُن کال۔

**پوٗتُن کال:۔** پوٗتُن کالس اندر کأشر نثرچن الگ الگ صنفن ہنز سام ہینہٕ برونٛہہ
چھُ یہِ نظرِ تل تھوٗن ضروٗری زِ یوسہٕ کوٗشش اجتمأعی طرزس پیٹھ تہٕ پرٕتھن کالہٕ کین ییٚمن
وریٚن منز سپدے یہِ سوہ روزوٗنہٕ تہٕ جأری ۔ ١٩٤٧ء برونٛہہ سپدے یہِ ایپٹا "قأیم کرنچ
کوٗششہٕ یمہٕ تمہِ وقتکیو حأکمو پوٗتنہٕ دِژٕ ہٕ مگر ٤٧ پتہٕ بدلیو سیأسی تنوظر۔
امہِ خأطرٕ سپد بو کلچرل فرنٹ قأیم یتھ سرکأری حوصلہ افزأیی تہٕ میج ۔ یہِ ادارٕ
روٗد پتہٕ کلچرل کانگریس تہٕ کلچرل کانفرنس ناوِ چلان ۔ یہِ ادارٕ چھُ پزی پأٹھی کأشر

ادبچہ نو زندگی تہٕ خاص پأٹھۍ کأشُر نثرکہِ نوِ زنمہٕ خاطرٕ ذِمہٕ دار ـ اَمہِ
اداروٕک "کونگ پوش" رسالہٕ چھُ اَتھ ضمنس منز سیٹھاہ اہم ـ

**ادبی زبان تہٕ مُروجہ بولی: ریڈیو**

یِتہٕ گوو ریڈیو کشمیر قایم ـ اَمہِ ادارن کرِ
بێیہِ تہٕ وارِیاہ نثرنگار پأدٕ ـ ادبی سیأسی
کلچرل تہٕ تفریحی مقصدچہِ کتھہ باتھ نشر کرن والین ہنز اکھ پرٕگٕے پأدٕ ـ خاص کرتھ یم
کلچرل فرنٹس سِتہٕ منسلک اَسۍ تِم لگۍ ریڈیوہس منز تہٕ بێیہِ ورٕ نثر نگار ـ ریڈیوہن دِیُت
کأشرِس افسانس ڈراماہس تہٕ بێیہِ وارٕہین صنفن حوصلہٕ ـ گوو زِ ریڈیوٕہک مقصد چھُنہٕ
صرف کُنہِ ادبس حوصلہ افزأیی کرنۍ ، مگر ادب چھُ ریڈیوٕ ڈٕسۍ سیٹھاہ پھانچھلان ـ کیٚنہہ
صِنفہٕ یعنے ریڈیو ڈراما ، مونولاگ یا مونو ڈراما ، ہلکہٕ پھُلکہٕ مزاحی کتھہ باتھ تہٕ سکِٹ گٔے
کأشرِس نثرِس اندر ریڈیوٕ سِتۍ پأدٕ ـ یہِ چھُ یاد تھوُن ضرورۍ زِ ریڈیوٕ چھُ نثرِ ذریعہٕ
تہٕ اَدٕکۍ چھُ یہِ نثرس اندر کتھہ باتھ ہندِس محاورس تہٕ بولونِس لفظس زیادٕ ورتاوٕ بخشان
تہٕ یتھہ کٔنۍ نثرِس مُروجہ زیوٕ سِتۍ واٹھ تھوان ـ ریڈیوٕہک سیدٕ سُہ اثر کأشرِس نثرِس
زانٕ تٔرٕ یہِ وُنہِ کرِ تہٕ چھُ وُنہِ سأنۍ وارِیاہ نثرنگار گوڈٕ ریڈیو لِکھأرۍ تہٕ پتہٕ بێیہِ کیٚنہہ تہٕ
وارٕہین ہندِس نثرِ اسلوبس پێٹھ چھُ ریڈیوٕ سٹایِل حاوی ـ

**ادبی رسالہ :** ۱۹۴۷ء پتہٕ لگ جریدن ہنز تہٕ دِوٕے ـ "کونگ پوش" علاوٕ دراو اَیس
پی کالج کہِ میگزینُک کأشُر حصہ بێیہِ (یہِ اوس ۱۹۳۶ء پتہٕ کیٚہہ کالہٕ بند گومُت) منز بیٚیہِ دراو
ہفتہ وار اخبار "گاش" (یتھہ مہجورؔ صأب ایڈیٹر آسۍ) پتہٕ دراو "گُلریز" (میٚہ گوو گوڈٕ کیٚہہ کالہٕ
پتہٕ بند مگر پتہٕ دراو قریب دہن وُہرِ بێیہِ ـ پتہٕ گوو بێیہِ بندٕ) تعمیر (یہِ اوس محکمہ اطلاعات

طرفہٕ دراصل اردوٗہس منز تیران مگر پتہٕ ہین کینٛژن وٕریٛن اندر دراوٲتھ کٲشر حصہٕ تہٕ۔ وارِہس کالس چلیتھ گوٚو یہ بند۔ اَزکل چھُ بیٚیہ تیران مگر کٲشر حصہٕ چھُس نہٕ) ہمیوٗتس تہٕ کٲشر سماچار (دِلہِ اندر کٲشرِ ہند دُہ دِژایہ یم وارِہس کالس تہٕ وُنہ تہٕ چھِ تیران) وطن (یہ اوس گوڈنیُک کٲشر ہفتہٕ وار۔ دوٚن ژھِنہٕ تیران) گاش (یُس اَلہِ پلہٕ ترٛین وریٛن تیران رُود۔ اَتھ اَسۍ ایڈِٹ کران رشید نازکی) چمن (فیلڈ سروے آرگنایزیشنہٕ طرفہٕ دِژایوٚو یہ ہفتہٕ وٲری ادبی اخبار جان پٲٹھۍ۔ یتہٕ گوٚو بند) کٲشر اخبار (وُنۍ کیٛس تیران ہفتہٕ وٲری کشمیر کلچرل آرگنایزیشنہٕ طرفہٕ۔ خبر دِنہٕ علاوٕ چھُ یہ کٲشر تحریکہِ تہٕ گوڈ دِوان) پراگاش (محکمہ اطلاعات مرکزی سرکارٕ طرفہٕ ہفتہٕ وٲری خبرِ تہٕ اطلاعات دِنہٕ خٲطر تیران) نیب تہٕ کٲشر ادب (یم زٕ رٕتی تہٕ معیٲری رِتہٕ وٲدی دُژایہ دوٚن ترٛین وریٛن شوٗبہٕ دار پٲٹھۍ) سون ادب تہٕ کٲشر شیرازٕ (وُنۍ کیٛس چھِ یمے زٕ شوٗبہٕ دار ناوہ ہیٚنۍ لایق جریدٕ تیران تہٕ یِوٚتے یوت چھُ کٲشر ادبُک باضابطہ نیروُن جرید سرمایہ "سون ادب" چھُ دراصل سالانہٕ سوٚمرن تہٕ شیرازٕ دُرِ رِتہٕ وادِ تیران۔ کلچرل اکیڈمی چھِنہٕ یمن دوٚشوٕنی باضابطہ کڈان تہٕ یتھ کُنہٕ ترٛس تہٕ زند تھاوِتھ) انہار (کشمیر یونیورسٹی منز کٲشر شعبہٕ قٲیم گژھنہٕ پتہٕ چھُ یہ سالانہٕ جرید زیادٕ تر تحقیقی نوعیتکۍ لیکھ شایع کران تہٕ یتھ کُنہٕ معیٲری لیٚکھنس گوڈ دِوان) یموٚ علاوٕ آیہ کینٛژ وانجمنو طرفہٕ وقتہٕ وقتہٕ کیہن میگزیٖن یا سوٚمرتہٕ کڈنہٕ مثلن آش (اننت ناگ) سمن بل (بنڈی پوٗر) مشاہر کمراز، ادبی مرکز کمراز ودلر کی طرہ (حاجن) ناگہ راد (اننت ناگ) وغارٕ وغارٕ۔ یوٚدوٚن یمن سارِنے جریدن ہُند تلخ تجربہ اوس تہٕ چھُ یی زِ لیکھن والۍ چھِ زیادٕ غزل گوٚ شاعرے مگر یہند ین ایڈیٹرن چھُ یہند خٲطرٕ مخصوص نثر لیکھناوُن یپوٚمُت تہٕ خصوٗصی شُمارٕ وٕ خٲطرٕ کٲشر نثرچ خصوٗصی نہج یوٗروٚنس منز چھُ یہند دِیُت یاد

اَدٕ موکھ ۔ آیہٕ کڈنہٕ طورٕ انفرادی کیہنہٕ زَن یوٚدوسی تنظیمو دٕرایہ زیادٕ ترٕ جرید ۔ لایق روزُن چھُنہٕ واتن ہوا تنقیدُک خاصکر بنیوو یمو سٕتۍ ۔ رول اہم تہٕ مُند ہٕ تنظیمن یِمن تنظیمن منز دِتُس وو تھبو ۔ بیٹھے فرنٹ کلچرل سِلسلہٕ تنقیدُک سید تنقید بیٹھ تخلیقی اوس منز اکھ بیٹھا ادبی زَن ہنٛز تنظیمن کیاز ۔ وجہ ہیمُک سرمایہٕ نثری خاطر خواہ کل اندراز کاشرِس چھُنہٕ تہٕ کرتھ یوٚت ۔ گومُت شروع نثری اسیٚ ہیمو وونی ۔ چھُ بنُن تہٕ تعلیم ذریعہٕ کاشُر تہٕ بنیہ چھِہٕ وسیلہٕ ہنٛکی گرٕ شایع یا چھپُن ناکانی ڈرامہٕ گژھ سینز تخلیق طبع زاد شعوری نثرٕ کاشُر چونکہ ۔ بیٹھ پاٹھۍ موخصر سام الگ الگ صِنفن ۔ شروع کرو تُتی ادیو ترا پَن اکھ اَسہٕ یِیتھن تہٕ شروع میٹھے ڈراما اَسی کرو ادٕکنہٕ یعنے کہ کلچرل فرنٹہٕ چن کوشش نشہٕ ۔

## کاشر ڈراما: ریڈیو تہٕ سٹیج :-

۱۹۴۷ء تہٕ کلچرل فرنٹِکس اہتمامس تَل آو پریم ناتھ پردیسی سُند ڈراما "شہید شیروانی" لیکھنہٕ تہٕ جایہ جایہ گندنہٕ ۔ اَمِکۍ مکالمہٕ اَسی سیٹھاہ زور دار ۔ باتھ اَسی مہجور صابن اکھ لیکھناوِنہٕ آمتۍ ۔ اَمہِ پتہٕ آیہٕ "ڈالر صاب" ہوی کیہنہٕ ڈراما ٹماچیز لیکھنہٕ ۔ تمہِ پتہٕ چھُ دینا ناتھ نادم صابُن "بوٚمبُر تہٕ یمبرزل" لیکھنہٕ یوان ۔ یہ اوس اوپیرا تہٕ بڈ کامیابی سان آو یتہٕ پیش کرنہٕ ۔ اَمۍ ڈراماہن دِیت تِمہِ وقتہٕ (۱۹۵۳ءکِس منز) ییتہٕ کِس کلچرل تہٕ ادبی ماحولس سیٹھاہ دِیت ۔ یہ اوس تمہِ وِزِ ناشتراکی نظریہٕ سرس آسنہٕ سببہٕ اہم ۔ سٹیج ڈراما اوس اوٚتانی کھور دٕر راوان تہٕ ییلی تتھ سرکاری یا نیم سرکاری سرپرستی میج یہ رٕود موثر رول ادا کران ۔ "بوٚمبُر تہٕ یمبرزلس" میج یہ سرپرستی تہٕ اوسے آدسہٕ چکہ جاو سان کرنہٕ تہٕ مقبول تہٕ گوو ۔ ادٕ ناٹہٕ اَسی ریڈیو کشمیرس قایم گامتِس پانژٕ وٕری گامتۍ تہٕ تتہِ اَسن ڈرامہٕ تہٕ بطور موثر

صنف ووٚتھٕنۍ ہیٚتھ برٛتھ۔ تتہٕ اوس انتظام سرکٲری تہٕ جان ڈرامٲیی کوٗشش سپٕز پیش گژھتھ مقبوٗل۔ اَتھ کین شروٗعٲتی ڈرامہٕن منز چھِ نور محمد روشن سندۍ لِکھتھ پیٚٹھ مبنی ڈراما "شب رنگ" تہٕ "مسکین بُڈ"۔ قابلِ ذکر ریڈیوس پیٚٹھ سپُد سنجیدگی سان ڈراماتیلِہ پٕنُن مقام حاصل کرنس اندر کامیاب ییٚلہِ آل انڈیا ریڈیوکس ڈراما مقابلس اندر سوم ناتھ زتشی سُند "وِجہ واو" نور محمد روشن سُند "کٲری گر" تہٕ امین کامل سُند "موٗمہ ہیٚتھ" ترٛین انعامن ہندِ خاطرٕ ژارنہٕ آیہٕ تہٕ خاصکر تھ "وِجہ واو" آو آل انڈیا ریڈیوکس قومی پروگرامس اندر شامل کرنہٕ۔ اَمہِ ستۍ سپدۍ بیۍ وارِیاہ ادیب ریڈیو ڈراما لیکھنس کُن مٲیل یِمَن منز صوٗفی غلام محمد، لشکر بھان تہٕ علی محمد لون خاص ناو چھِ۔ "نیچہِ کٕھڑ" (صوٗفی) "ہیرو مجامہٕ" (بھان) "اگر آتش سوز" (لون) آسہٕ اَمہِ وقتکۍ اہم ڈراماہ۔ مو ریڈیو ڈراما بطور اکھ زورٕ دار تہٕ مقبوٗل صنف قایم گوٚو رہ ۱۹۵۳ ئس آس پاس آو دراصل کاشرس ڈراماہس اندر ہزل تہٕ مزاح بارسس تہٕ موضوعس ستۍ ورتاوس اندر طتر۔ یہ لہجک استعمال۔ نیچہِ کٕھڑ تہٕ ہیرو مجامُک سلسلہ چلیوو بتہٕ تہٕ۔ مجامہٕ بنیو سلسلہ وار ریڈیو کردار تہٕ درجن جوراہ ڈراما آیہٕ بھان سندۍ ذٕسۍ لیکھنہٕ تہٕ پیش کرنہٕ۔ ۱۹۵۵ء اندر آو سہلاب تہٕ بھانَن تہٕ لون سندۍ مذاحیہ سٹیج ڈراما آیہٕ جایہِ جایہِ کرنہٕ یِمن منز "وز چھےٚ سٲنی" (لونَن) تہٕ "یاتن یاترٛا خ" (بھان قابلِ ذکر چھِ۔ ۱۹۵۶ ئس اندر آیہٕ "جشنِ کشمیر" کس سلسلس تحت ڈرامہٕن ہندۍ مقابلہ کرنہٕ مگر اَمہِ ستۍ سپدۍ نہٕ زیادٕ کاشرۍ ڈراما تخلیق یہٕ زن سپدُن گوٚژھ۔ صرف لیوٚکھ نادم صابن "بی مال تہٕ ناگی راے" پٕنُن دوٚیُم اوپیرا۔ پتے لیوٚکھ "نیکی تہٕ بدی" اوپیرا ییٚس امن جنگ تہٕ ترقی ہِوس بین الاقوامی موضوعس پیٚٹھ لیکھنہٕ آمُت اوس۔ ۱۹۶۱ ءکس جشنہٕ کشمیرس اندر لیوٚکھ اختر محی الدینن

"نسۃ ہند سوال" یُس یونٲنی دیومالایہٕ منز اکہ کتھہ ہندس خیالس پیٹھ مبنی اوس ۔ کلچرل اکیڈمی ہتہ ٹیگور ہال بنٕن اوس کاشر ڈراما خاطر نیک فال ہتہ اَتہ آو تمن دون اختر سُند "آپن ہور جگ" گِندنہٕ یُس تموٚ بنہٕ ہِسے اکس افسانس پیٹھ لیوکھمت اوس ۔ ٹیگور ہالہٕ کہ بننہٕ سٟتی منٛتن سالانہ ڈراما فیسٹول سپدنی یموٚ سٟتی کیہنہ نوی ڈراما نگار ربروٚنٛٹھ کُن آیہ ۔ یموٚ منز چھہ اوتار کرشن رہبر (تلاش، بہ چھُس ژوٗرہ، ہتہ بڑشاہ) ۔

موتی لال کیموٗ (حرم خانک آتہٕ لل بہٕ درائس لولرے، ژھاے، نگر ووداسی، منزلہ نکہ، ترنووٕ) سجود سیلانی (زلزر، ردٕ بیہٕ رود، تانٛتی کوٚر، کاشہ تارُکھ کُج راتھ ہتہ گونا گار) بھوشن بے تاب (مایہٕ منز ژھاے، پنٕنی ٹھجی بامن) علی محمد لون (تقدیر ساز، آدم حوا ہتہ ابلیس) بنسی نردوش (آکاش، پاتال۔ بس اکھ تماہ) سوم ناتھ سادھو ہتہ پُشکر بھان (گرینڈ ریہرسل، نونوش، چیاتھ) محمد سُبحان بھگت (تقدیر، ہوس، منٛزنہ، نتیجہ پانز و، پاتھر ساز) ہری کرشن کول (ییلہ وتن کھر چھ لیوان، دستار، ناٹک کروبند) رتن لال شانت (ییلہ پنٕ رووٕ) بیتر ڈراما قابلِ ذکر رادھا کرشن براروٗ ہن لیوکھ ہتہ کور گوڈنچہ لٹہ ٹیگور ہالس اندر اکھ بانڈ پاتھری ڈراما "یا ہو" یہ لُنڈج امہ پتہ موتی لال کیموٗ ہن ہتہ محمد سُبحان بھگتن ۔ یموٚ منز چھہ سٹھاہ کم ڈراما تھتی یم سٹیج کرنہ علاوہ پتہ کتابہ شکلہ چھاپنہ ہتہ آیہ ۔ مگر یم سٹیجہ خاطر تخلیق گرِ ھنک اکھ بوڈ وجہ چھُ کلچرل اکیڈمی ہندی ڈراما فیسٹول یُس تتہ پتہ دون امہ ادارک اکھ سالانہ واقعہ بنیومُت چھُ ۔

پتمین دُہن ورین ہند کاشر ڈراماہک ارتقاو چھتھ چھُ یہ ونُن مناسب زِ یہ چھ شعور کنہ بالغ گومُت ۔ اکاڈمی فیسٹولن اندر آیہ واریاہ مشہور مُلکی زبانن ہندن ڈرامہن ہندی ترجمہ پیش کرنہ ہتہ کیاز تعداد کنہ چھُ کاشر ڈراماپتھ ۔ پتہ آسن گل بے

درجن اوڈ درجن تیھتھی ڈرامہ ریڈیو خاطرٕ لیکھنہٕ یوان یم پتہٕ سٹیجہ خاطرٕ شیرنہٕ ہیکہٕ ہان یتھ۔ الگ سٹیجہ خاطرٕ ڈراما لیکھناوِنٕچ تحریک دِنہٕ خاطرٕ چھ اکاڈمی دستاویزن ہُندس اکھ مقابلہٕ کران مگر تمہٕ ستی لوگ نہٕ سٹیج ڈراما لیکھنس وُتش۔ خاصکر تر جمو ستی تہٕ وق گذرنس ستی لیکھن والین ہنز علمیت بڈنس ستی گوو کاشر ڈراما نویس تہٕ بالغ تہٕ کیہنہ جان معیاری ڈراما آیہٕ لیکھنہٕ۔ یمو منز سپدی کیہنہ صرف ریڈیوس پیٹھ پیش تہٕ فنٕ ٹکنیکلک ثبوت دِتھ مثلن ہٕرُد (شنکر رینہ) بیٚیہٕ بن۔ دا اچھو (ہری کرشن کول) اہناری ارمان (ستار شاہد) رینہٕ تہٕ آب (رہبر) ہے کیاہ گوم (موتی لال کیمو) کالچ پاتھر (فاروق مسعودی) رُخ تہٕ روتُل، میانہٕ جگرکہ دادِ ووتھ (لون) وتھ روزِ پکان (اختر، زتشی، لون) اختر محی الدین (آدم چھ عجب ذاتھ، تیلہ مر بہ یگاہ) کیہنہ ڈراما چھپے یہ مگر سٹیج سپدی نہ مثلن سُیا[1] (لون) کالچ پاتھر (مسعودی)۔ خاصکر یہ چھ وقتک تقاضہٕ معمولی تبدیلی ستی ہیکہٕ اکہٕ اہنارتہٕ اکہٕ مقصد لیو کھمرت ڈراما بیکہ خاطرٕ استعمال کرتہٕ یتھ۔ ودنی گوو یہ چھے حقیقت زِ کلہم پاٹھی چھ کاشرس ڈراماہس ٹیکنیکُ ریڈیو ڈراما متاثر کران رُودمت۔

**موضوع باگے**:۔ موضوعن ہنز نہجہ لحاظ آیہٕ پتمین وُہن وریین اندر مختلف قسمن ہندی ڈراما لیکھنہٕ تم گے۔

۱۔ تواریخی ڈراما (مثلن سُیا، زعلے، نگرودداسی، بڈشاہ، رینہ تہٕ آب)

۲۔ سماجی ڈراما (مثلن ییتی کوزل بہ درائیں لولرے، بس اکھ طمع، نوتوش، چیاتھ، ییلہ وتن کھر چھ یوان)

---

[1] ۱۹۸۰ہس منز کور یہ سانگ اینڈ ڈراما ڈوِجن پیش۔

۳) سیاسی طنزیہ ڈراما (مثلن حرم خانگ آئنہ، تقدیر ساز، ناٹک کرُو بند، منزلی نکھ)

۴) نفسیاتی تہٕ انفرادی کشمکشکۍ ڈراما (مثلن رُح تہٕ روٗحل، میانہٕ جگر کہٕ داد، وۄنہٕ چھُس ژۄر)

۵) طنزیہ تہٕ مزاحیہ ڈراما (مثلن ہیر و مجامہ، ترنوو، بچھ کُٹھ، رہ بہ رۄد، دستار)

**مولجہ تخلیقہٕ :-** اَتھ وقتس دوران لیکھنہٕ آمتیو ڈراماہن منز چھ سانہٕ ڈرامائی ادبہٕ خاطرٕ کیہنہٕ مولجہ تخلیقہٕ بیس ہش۔ موتی لال کیمو سُند ژھاے" چھ تواریخی تنوظرس اندراز کاکس سماجس تہٕ سیاستس اُزی کہٕ نظریہ کنہ سیٹھاہ جان وٕ کھنے کران۔ انسانی وجودکہٕ بُنیادی مسلک سُوال چھُ اتھ اندر فنی خوٗبی سان تُلنہٕ آمت۔ علی محمد لون سُند "سُیا" چھ کشیرِ ہندِس تیتھ تواریخی واقعہس تواریخ دان کلہن سندی نظریہ مُطابق بییہ زندہ کران ییمہ کاشرس تخلیقی کردارس کُن ترزدو۔ سُبحان بھگتُن "تقدیر" چھ سادہ وارکہ تجربُن حقیقت پسند ہیس اندروٗنہٕ ذیچ کوشش۔ اتھ چھے لِکھارِ سند ذہنی یانہٕ وِستار آوِ متہٕ واقعہ مُشک بوسہ اکھ خوٗبی چھے۔ ترنوو تہٕ منزلہ نکہٕ" چھ اَسہٕ تمن امکانن ہُند پے دِوان یم خاص عوامی تجربُن لکھ نیر تہٕ مُستند زان کاری ستی یاد کرنہٕ ہیکن یتھ۔ "آدم حوا تہٕ ابلیس" (لون تہٕ کا بیچ پاتھر" چھ سیٹجہ تہٕ ریڈیوکین فنی امکانن ہُند پے دِوان یہند امتزاج ستی ڈراما وُسعتھ پرادِتھ ہیکہٕ۔ ڈراما بیشوراہنہٕ بناوِتھ چھُ محمد سُبحان بھگت اتھ نو زندگی ہُند سگ دِوان تہٕ ادبی ڈراماکس ضمنس منز چھے یہ کتھ تسلا دِوان زِ بحیثیت لِکھارِ ہیو تُن تہندین ڈراماہن منز لکہٕ اسلوبک شعور تہٕ طرز استعمال یادِ گر تھُن یہ چھ تہندہٕ "پاتھر ساز" ڈراماتہٕ صاف نُنان۔

**اُسی آسۍ اُسی آسو:۔** ریڈیو سٹیج تہٕ فلمہٕ ہندِ ؤسیلہٕ ستۍ لوگ کاشرِس ڈرامہِس کاٗفی ودٕ تھبو یہِ آوُ ہیٚر کرنہٕ ہاونہٕ۔ یم چھہ ترنے الگ الگ ؤسیلہٕ یمَن اندر ڈراما الگ الگ ہیٛت پرٛاوان چھُہ۔ ترٛیشوٕنی ہنٛز۔ نوعیت پٔتھ چھےٚ الگ تکیاز ذٔریعہ چھِک الگ الگ۔ مگر ییلہِ باوتھ جہار تراوان چھےٚ تہٕ گنٛڈِتھ پیمانہٕ لوکٕٹ تہٕ محدوٗد گرٛتھان چھہ ہیٛت چھِ نۆوۍ حَد پرٛاوان۔ از کل چھُ ملکس منٛز یمَن ترٛین الگ ذریعن (صِنفہٕ ونوکھ نہٕ تکیازِ ڈراما چھےٚ اکھٕے صنف) ضروٗرتہٕ مُطابق لمناونٛچ کوٗشش تہٕ سپدان۔ سانہِ کٔشیرِ منٛز تہٕ آو یتھ تجربہ کرنہٕ یمیک الگ ذکر ضروٗری چھُہ۔

کیہنہ کال برونہہ آو پرٛیتہٕ (ہاری پربت) کِس پاتھلِس رنٛدخس اکھ لوٚڈ سٹیج بناونہٕ۔ میل ڈدٕ بٔڈ میل پہاڑی ڈلانس پیٚٹھ آو بیک وق اداکارن تہٕ گاش تہٕ آوازِ ہندِ تکنیکی ذریعو ستۍ اکھ ؤسیع ڈراما ہاونہٕ یتھ اندر سٹیج ریڈیو تہٕ فلمہٕ ہندۍ کیہنہ تہٕ کیہنہ عنصر موجوٗد آسۍ۔ یہِ ڈراما آسہ اکی وقتہٕ داہ ساس لُکھ وُچھتھ ہیکان۔ حکوٗمتِ ہندکہِ سانگ اینڈ ڈراما ڈِوِجنہٕ طرفہٕ پیش سپدنہٕ والہِ امہِ ڈرامہٕ مُک مرکزی خیال اوس کٔشیرِ ہندِ اژھین توارِکھ عظیم تہٕ وسیع پہلو گاشراوان۔ "اُسۍ اُسی آسو" ناوُک یہِ ڈراما اوس دینا ناتھ نادم تہٕ اخترٕ محی الدین لیوکھمُت تہٕ پیش کرن والین منٛز آسۍ بیٚیو شخصو علاوٕ کاشرِ نامور ہدایت کار رادھے کرشن برارو۔ کٔشیرِ اندر ڈراما تحریکہِ زندٕ تھونس تہٕ اکھ بڈٕ اوس اندر چھُ برادٕ صاٗبُن دیُت ناقابلِ فراموش۔

**کاٗشُر افسانہٕ:۔** فروری ۱۹۵۰ء منٛز پوٚر سوم ناتھ زُتشی ین پنُن افسانہٕ "ییلہٕ پھوٚل گاش" کلچرل کانگرس چہِ محفلہِ منٛز تہٕ امہِ ستۍ لوگ کاشرِس افسانس کٔن حالانکہ کیٚنٛژن نقادن ہنٛز رأے چھےٚ زِ "جوابی کاڑ" (دینا ناتھ نادم) چھُ گوٚڈنیُک افسانہٕ۔ یمہٕ ہنٛز چھےٚ پرزنیم دٕ شوٗے

افسانہٕ چھپےٚ یہِ رسالہٕ "کونگ پوش" کِس اَکِس ہےٚ شُمارس اندر۔ پرٛتہٕ لحاظہٕ (اکِنہٕ ادبی مجلسہٕ منز) چھُ "ییٚلہٕ پھوٚل گاش" گوڈنیُک کأشُر افسانہٕ۔

**گوڈنیُک رنگ اِشتراکی رنگ :-** ۱۹۵۰ءٔ پیٹھہٕ ۵۵ءٔ تام چھپےٚ یِمہٕ نادِم صأبنی بیٚیہ کیٚنہہ افسانہٕ (مثلن "شیٖنہٕ پیٹھہٕ پیٹھہٕ"، "رٕے") عزیز ہارونٕنی "برٛم"، "سوتر ادیا (چیخوفنہٕ سُند ترجمہ) نور محمد روشنُن "تیٚہہ گیٚہ"، مرزا عارف سُند "زٕے" رحمان راہی سُند "ییٚلہٕ سُہ تھٔنہٕ ییٚہو" (گورکی سُند ترجمہ) نور محمد بھٹ سُند" علی محمد لونہٕ سُند "یم لوکھ" ارجن دیو مجبورٕ سُند "کولہٕ وان"۔ صوفی غلام محمد سُند "زٕنہٕ زوٗر" بیتر افسانہٕ۔ حالانکہ یہِ اوس افسانُک زبوٗن کال تہٕ وُنہٕ اوس نہٕ اَمی پیٚٹھ کانٛہہ مخصوص شکل رُٹمٕژ، تٔمہٕ وقتہٕ ییٚلہٕ لوٗل تہٕ حُب کأشرِ ادیبن پیٚٹھہٕ زبأنی ہُند دِلتھ آمُت اوس تہِ دِژ تِمن لیکھنٕچ ترغیب۔ اکہٕ اندٕ پیٚٹھہٕ ماجہ زیوٚہ ہندِس ولن تہٕ بیٚیہ اندٕ تٔمہٕ وقتُکی سماجی کیٚنہہ سیاسی سوٚچن دِژ لیکھارن لیکھنٕچ پریٚرٕنا تہٕ پٔتہٕ تہٕ پیٚٹھہٕ تنقید کرٕنٕچ تہٕ تحریک۔ تٔمہٕ وقتُک سیاسی سوچ اوس یہِ زِ حالاتھ پرٛاوِتھ آزادی یہِ گژھہِ صاف اِشتراکی رنگ دِنہٕ یُس یتھ اکھ سماج وادی نظام قائم گژھتھ ہیٚکہِ۔ یہِ خیال اوس ہندُستانٕچ تہٕ ییٚتہٕ چہ مقامی سیاسی تحریکہِ اندر موجوٗد۔ وۄں گوو ۱۹۴۰ءٔ پیٹھے اَدُسُن مُلکٕکین دانشور طبقن منز سماج وادی نظام قائم کرنس اندر اکھ رول واضح تہٕ سرگرم بناونُک جذبہ ہناہ تیز لوٚمت۔ کٔشیر اندر تِ ووٚتھ یِمہٕ سیاسی سوچن تِژاہ یِتھ ادبس اندر ترقی پسندی تحریک وٕنان آے۔ افسانہٕ نگارن زیادٕ ذہن اثر تِمہٕ سیاسی خیالہٕ کرٕ (دراصل کُنہٕ سیاسی خیالہٕ کہ) باوژ خأطرٕ یوتاہ فنی تجربہ آسُن گژھہِ سُہ ہیٚکہٕ ہےٚ نہٕ یِتِس کمس کالس کأشرِس ادیبس حاصل سپدِتھ۔ ادِکنہٕ چھینہٕ کلہم پاٹھۍ تِمہٕ وقتُک افسانہٕ کُنہٕ معیارس

واتان یوٚدزن کینژن افسانن ہندی کیہنہ جزٕ خوبصورت چھِ۔

## ایماندار افسانک دس:-

۱۹۵۵ء یس منز چھُ کاشر افسانہ باضابطہٕ پاٹھۍ جہار تزاوان تہٕ پننۍ شخصیتھ قایم کرنٕچ کوشش کران۔ اختر محی الدین یُس اوٚتانۍ اردو پاٹھۍ افسانہٕ لیکھان اوس، آو کاشرس کُن تہٕ "دٔند وٕزُن" افسانہ بیوٚو تِھنہٕ۔ اُمی دیت گوڈنکہِ پھرہِ اوٚتھ زا افسانہٕ نگار چھِ بٔڈ آتی پننہِ اوند پکھ چھِ اڑدۍ منز۔ وۄ تُلان پننہِ ذات بُتراتھ زٕھارن وۄچھان تہٕ باوان تہٕ تیوٚتے وژھوُن تہٕ طبع زاد بنان یوٚتاہ کُنہ غلط سمجھتہٕ سیاسی اصولہٕ نشہٕ آزاد روزِ۔ اختر سندۍن افسانن منز گوڈنچہٕ سوٚمبرنہٕ "ستھ سنگر" ہُند افسانہٕ "ذری پایہٕ ہُندۍ یزار" چھُ اکہِ خاکص انسانی حالژ ہنز وکھنے کران تہٕ کاشر افسانچہِ نوٚترایہٕ ہنز شیچھ ونان۔ یہند ستۍ گوٚو کاشرس افسانس اکھ نوٚو تہٕ ایماندار دور شروٗع۔

## تکنیکی زاوی جارتہٕ شخصیتھ:-

اختر سندی افسانن تہٕ وۄتسۍن کینژن تمن ہمکال افسانہٕ نگارن پتھ تہٕ اثر یم تمن برونٹھ ترقی پسندی تحریکہِ ستۍ ستۍ کاشرس اندر لیکھان آسی۔ علی محمد لون تہٕ صوٗفی غلام محمد چھِ یمن اندر قابلِ ذکر۔ خاصکر چھِنہٕ یہِ کتھ وۄچھنہِ لایق زِ صوٗفی سند "شیشہ تہٕ سنگتانکی" کینہہ افسانہٕ چھِ یِتمہ تحریکہِ ہنز تھپھ نشہٕ موکلے متۍ تہٕ انسانی دوٚکھ سوٚکھ باوان۔ یہِ گیہِ یمن ستۍ اُمیش کول، ہردے کول بھارتی تاج بیگم، امین کامل تہٕ اوتار کرشن رہبر تہٕ شامل۔ یہند بوامہِ وقتکیو افسانو منز چھُ "اڈلے کتھ" تہٕ "دل" (اُمیش) "سلہ" تہٕ "یتہنہ" (بھارتی) نوٚو

تاوَن" تہٕ کوٗ کرجنگ" (کامل) "یال مُشران تہٕ کھوکھُس" تہٕ "نارٕ گلو ژٲپِچ" (رہبر) اہم مقام
تھوان۔ یِم افسانہٕ چھِنہٕ وَتہٕ ہاوِکی سِند خاطر کاُنسہٕ سیاسی شخص یا کُنہِ سیاسی نظریس کُن
اُرزمان تِکیازِ یمن پِھھٕنے ہیٚنٛزِ وَتھ پَتاہ یِموضوع چھِ یِم ییٚنہِ اَندی کِنِھ منز ژاران تہٕ یُہند
ہیت تہٕ اسلوب چھُ پانہٕ ہیٚنٛزِ وَتھ کڈان۔ مغربی کلاسکل افسانہٕ نگار مثلن ڈکنس
مایاساں، او ہنری، چیخوف وغارٕ چھِ یمن ہیٚٹھ ییٚنہِ ییٚنہِ آمہٕ اثر ترٲوان۔ واقعہ، کردار
بیان، منظر نگاری، مکالمہ، نوقطہ عروج ہوی تکنیکی زاوی جار چھِ افسانس اندر شعوری
طور وٕتلان۔ زیادٕ تر افسانہٕ چھِ کاُنسہٕ کردارس اَندی اَندی اُبران۔ بیانس تہٕ منظر نگاری
اندر چھُ کاہے بہٕ کاہے لِکھاری ییٚنہِ سوٗنچِنگ یا نوقطہ نظرُک باس ہیوٗ تہٕ دِوان۔
یعنے تحریکہِ تہٕ اشتراکی فارمولاہ منز جاے پِھھٕنے وونی افسانہٕ نگارن منز شخصیت
رٹان تہٕ یہِ افسانہٕ نگار ژوت مزاجر کلچرِ تہٕ اُڈرنہِ کنِہ کاشر آسہِ تیوٗت چھُ افسانہٕ
موٗلُل بَنان۔

## سُتیم دہٕ مِیُل: شرچہ نوٗرِ ژھایہ:-

پانژن اَٹھن وَرِیَن کمُ قلیل لیکھتھ گمر کاشُر
اَفسانہٕ نیم سیاسی تہٕ غارموزوٗن ماحولہ منز کٕڈِتھ ہیوٗت کینژو افسانہٕ نگارو (مثلن اُمیش
کول، صوفی غلام محمدؐ) لوٗب مگر تقریبن ۱۹۶۰ء یس اَندر سپُز نوٗن افسانہٕ نگارن منز بیا کھ
پُے پاوٕ یمن منز بنسی نِردوش، دیپک کول، غلام رسول سنتوش، ڈاکٹر شنکر رینہ، عباس
تابش، غلام نبی بابا قابلِ ذکر چھِ۔ یہِ وق چھُ کاشرس افسانس وُسعتھ دِنس منز جان رول
اداکران۔ کردار تہٕ منظر نگاری آسِ اَتھ آمژے، زبانی ہندی بیٚیہِ کینہہ نوٚی شیڈ ہیٚتن
اَتھ وٕتلنی۔ بنسی نِردوشن رواں بیانی اَندراوس انسانی فِطرژ ہُند اچھہ کردار ییٚنہِ لوٚر

اِنفرادیتھ (اَجل، کاٗنسہِ موراوِن شوٗرے پان، یِتہٕ اکھ احساس) تہٕ وکھرٕ ارسان وۄتلان وکھرٕ ادیہ زِیمو تیوٗ انسانی تجربہٕ کینژن اَتہٕ گنڈِ حاتن کُن تہٕ اِمکانی حالژٕ کر یکھ فطرتی اندازس اندر بیان (کھوژُن، میون مرُن) دیپک کولس درتو وشاید اُمیش کولہِ زبانی ہُند اِشاریاتی suggestive محاورٕ (سفرٕ تہٕ سیٖتؠ واٗلی) غلام رسول سنتوش دیُت نثرٕ تہٕ نظمس منٛز باگ کیٚن اِمکانن وۄن تہٕ شوٗدی روٗمانی اَفسانہٕ لیکھ۔ (دُرجوٗر) تابش تہٕ بابا ہن دیُت ہاوِتھ زِ افسانس اندر ہیٚکہِ کردار بحیثیتِ اکھ خود کفیل اِکاے اَسِتھ تہٕ زبانی ہُند سورُے ممکن طاقت چھُ کردار نگاری کران کران بد کڈنہٕ یوان۔ رنگو منٛز۔ بدرنگ" (بابا) تہٕ "کیھہ کُتابین نِشہِ نجات" (تابش) چھُ اَکھ ضمنس منٛز قابلِ ذکر۔ یِتھے کنٛی کر شنکر رینہ ہن زبان نوی لاٗوی معصوم تہٕ نوزُک جذبات نگاری ہُند اوٗل بور تُلنس لایق تیار۔ یِنہٕ بیشہٕ سیٖتؠ سِدٕ ہمِن تمِن گوشن ہُند تجربہٕ حاصل ییٚتہٕ اِنسانس شُرٕ و دل کرِتھ بے لاگ بنِن ہیوان چھُ۔ ہینِن افسانن اندر تھاوِ اُمی مرحوم ادبین ہنٛز حساس شخصیت واضح پاٹھی موجود اٗمی سُند وَنُن اوس زِ اُمی چھُ ہیمنگ وے تہٕ چیخوف دوشونی ہُند اَثر پانہٕ نو ومُت (اکھ پزِل کیہنہ انسان، ووٚنی کہتر ؤ چھِے واٗری)

کاٗشرِس افسانہٕ نِگارِس یوسہٕ تجربُچ وُسعتھ اَکھ وقتس پیٚچ تمہِ سیٖتؠ سِدی ہیٚر درج کرِ متو علاوہ بیٚیہ تہٕ کینہہ جان افسانہٕ تخلیق یمن منٛز گیے تا پھِ گیے شہُل" (اختر محی الدین) آبنوسُک روٗل جگرُچ مِش ہِنہٕ ہُند دِہ (بھارتی) اہم چھِ۔ اَمہِ وقتکس (یعنی ۱۹۶۰ – ۷۰) افسانس اندر چھِ یِتھ کنٛی اَسی دُچھان بالیغ گژھنکی آثار صاف۔ اکِہ اَندٕ چھُ یہ زبانی تہٕ باوتھ انسانی تجربہٕ کیٚن اَتہٕ گنڈِ کوٚنجن کُن تتھ نفسیاتھ تہٕ انفرادی کشمکش ہاوان بیٚیہ طرفہٕ یمہ کتھہِ ہُند باس دِوان زِ کاشُر افسانہٕ ہیوٚتن مُلکی تہٕ غار مُلکی افسانن ہم پایہ بنُن۔ اَمہِ ڈٕلہٕ کیٚن تمِن

ڈرین اندر چھ نوٚن اَفسانہٕ نگارن ہُنز بیاکھ جماعت نوٚ دِس منظرس تہٕ نٔوۍ تجربہٕ ہیتھ یوان ۔

## اِٹھیُم ڈٲیِل : اَثر تہٕ تجربچ وُسعت :- نوٚ دہلیک (۱۹۷۰ — ۸۰) کٲشُر افسانہٕ

آدازٕ نوٚن تجربن ہُند دُشیرِ تہٕ تازگی ہیتھ ۔ کٲشرس افسانس نِش اَسہ تہٕ وۄ نی صرف
چیخوف، گورکی، ماپاسان تہٕ ہیمنگوے ہوۍ عالمی شۄہرتکۍ افسانہٕ نگار وۄپرِ تھاوتہٕ یوان بلکہ
جیمز جوائیس، کامو، سارتر، ورجینیا وُلف، گراہم گرین، گنٹر گراس ہوۍ ہمکال لِکھارۍ
ہیتن تجنکی تہٕ پرنہٕ لیکھنکۍ موضوع بنن ۔ کٲشر افسانہٕ نگار ہیوکہٕ تہٕ مہ شعورنِش بے اَثر
روزتھ یُس ہمہ لیکھن والین ہِنز اوندیوکھ تہٕ بُنیادی انسٲنی مَسلہ وۄتھناوِس اندر
دَتھ ہوان اوس ۔ جدید زمانچ ہیت یَتھ اَز کالچ عالمی ادبی ہیت وَتوگے کٲشرن ادین
کُل یا کھٹہٕ تہٕ افسانہٕ نگارن خاص پاٹھۍ یادٕ ۔ گوورکہ شنکر رینہ، بھارتی، اختر سندن
افسانن اندر آس یہ ہیتھ نۍ دراہ وۄ نی گوو ۱۹۶۷ کِس شیرازس اندر گیہ یہ کینژن نوٚن
افسانہٕ نگارن ہُند ڈسی شقہ پاٹھۍ کٲشر افسانک شعور بنتھ ۔ اُسٹھاہ معمولی (فاروق مسعودی)
"تاپھ" (ہری کرشن کول) "ژھایہ گژھ" (شانت) اَکۍ اَمیک نیب دِوان ۔

اِٹھیُم ہتیم ڈٲیِل چھ کٲشرس افسانس باضابطہٕ پزاوُت (اچیومنٹ) اکہ
طرفہٕ گۍ موضوعن ہُنز وُسعتھ تہٕ بیٚیہ طرفہ انسٲنی مسلن پیٹھ اَزِکۍ نظریہ وۄچھنہٕ سِتۍ ہُنز ہندن
نوٚن دَتہٕ پدن ہُنز تلاش شروع ۔ اختر محی الدین سندۍ "جادٕ زال" ۔ تِمے ژھکھ" ہری کرشن
کول سندۍ "داہ آنہٕ شے آنہٕ"، "عریاں کتھ"، "بٹن ہُنز درمہ کتھا"، فاروق مسعودی سندۍ "الفتح"
"من تہٕ یوٚن"، "کوہ قاف پیٹھ پری جن تہٕ ہیرو"، ہردے کول بھارتی سندۍ "زکر دیوہ" "ہمزاد"
رتن لال شانت سندۍ "بھوٗر"، "راوی متہٕ معنے"، "ہزہ کو نجل" چمن لال ہکھو سند "جنگ" بشیر اختر

"سُند کیہنہ پوز کیہنہ سِنیپ" تہٕ رتن لال مجو سُند "تریش" ہوی اَفسانہٕ چھہِ واضح پاٹھی ہاوِتھ دوان
کہ کاشرِ افسانَن چھہٕ وقتہٕ موجوب پننی جوکاٹ پھِراوی متہٕ تہٕ اسلوبس تہٕ اظہارس اندر
نوی تجربہٕ کرِ متی۔ اُزیک اَفسانہٕ نگار چھُ اُزی کِس مسلن پیٹھ اُزی کہٕ سونچہ کرِ آیہٕ ژھ دِوان۔
سیٹھاہ تیزتے تہٕ اکہِ جان رفتارٕ سان چھےٕ ساٗنی زندگی بدلان۔ اقتصادی زنگی نے تہٕ سوچ
تہٕ شعورٕ زنگ کِتھ کالَس ہیکہ اَزکل کا ہنہ تہٕ سماج بیٚنس ربوایتی غارٕ سائنسی طرزٕ سونچس پتھ
کرِتھ۔ ادبی تہٕ فنی تجربن ہنز۔ گتہٕ چھےٕ داٗنش ورن دِرتہٕ راوان۔ اکہ طرفہٕ بینہٕ لکہ اذیچ تحقیق
تہٕ بیٚیہ طرفہٕ توفکیچ چھہ یم زٕ عنصر چھہ افسانہٕ نگارس زباٗنی تہٕ باوتس پیٹھ اثر انداز سپدان۔
ساٗنی کیہنہ نوی افسانہٕ "وُقتہٕ کِس چوکاٹھس منز" (بھارتی) حالس چھُ روٗتل (ہری کرشن)
"میانہٕ خوابٕچ کتھ" (گلشن مجید) تہٕ نوی کیہنہ افسانہٕ نگار اقبال فہیم (کُنہ ذات) شمس الدین شمیم
(وٚچھس تل مزار) ناصر منصور (آتہٕ) چھہ یمہٕ کتھہ ہنز ضمانتھ دِوان زٕ اُزیک کاشر افسانہٕ چھُ
کاشرِس شعورس جدید زندگی سمجھس منز مدد کران تہٕ بیٚیہ کاشرِس نثرِس معیارٕ دِنس اندر
اَمہ چو باقیو صنفو کھوتہٕ زیادٕ اہم رول ادا کران۔

**باقے نثری صنفہ:-** ڈراماہ تہٕ افسانہٕ چھہ تم زٕ صنفہ یم کاشرِس نثرِس بُنیاد بنیہ۔
اَمہ علاوٕ نثرٕ چن باقین صنفن اندر چھُ تہٕ کُل پاٹھی توٗت لیکھنہٕ آمُت یوٗت یمو منز اَکس اندر
چھُ۔

**ناوِل:-** ۱۹۵۷ء۔۵۸ ہس اندر سپز اختر محی الدینٕنی گوڈنیک ناوِل "دود تہٕ دگ" شایع۔
اَمہ برونٹھ آیہ زکوشش سید یمتھ ۔ اکھ آس پروفیسر سری کنٹھ توشخانی ہنز "زٕ کر پھِر"
یوسہٕ ۲۳-۱۹۲۴ ہس منز لوہورکس اردو اخبار بہارِ کشیرس منز ے نیرنی ہتہٕ آین مگر زٕ دروقسطو

پیٹھ بند گیہِ۔ بیاکھ اَس جیبب کامران ہنز "ذاتھ بُتراتھ" یُس ۱۹۴۷ ہس منز کونگ پوشس"
دون قسطن تانی دراے یہِ تہٕ بند گیہِ۔

"دود تہٕ دگ" چھےٚ سانہِ سماجہٕ کہِن دون کھن وُرن تُلان۔ اکھ یہِ زِ زندگیہِ ہنز
مجبوٗرِیہِ چھےٚ اَتھ بےٚ کس تہٕ بے راہ رَو بناوِتھ مکان بیاکھ یہِ زِ دَم پُھٹ کرَونن رلوایتن
چُھ قُدرَتی تہٕ جنسی تہٕ لذتھ پرستی منز نیران۔ یہِ چھےٚ اختر صابنہٕ تَمہِ فنی ارتقاہچ زان کرَوان
ییٚم تمی "سُت سنگرِ کی" افسانہٕ لیکھنہٕ وِزِ پرٛوومُت اوس۔ اختر صابنۍ دوٚیِم ناول "زُو تہٕ
زولانہٕ" چھےٚ اخبارِ "حمینس" اندر قسط وار چھپےمٕژ۔ یہِ چھےٚ ہاوان زِ مَن چھےٚ گوڈنچہِ ناولہِ
کھوتہٕ زیادٕ پوختگی آمٕژ۔ امین کامل سُنز "گٹہِ منز گاش" چھےٚ قبالی حملہٕکس پس منظرس منز یہِ ہاوِتھ
دوان زِ کیٚتھہِ پٲٹھۍ ژوپٲری فرقہٕ پرستی ہندس نارس اندر دزان اوس کشیرِ اندر کیتھ کنۍ دیت
اکِہ مُسلمان ماشٹرن بایہِ اَکِس پنڈتس گرس اندر پناہ۔ بڑٕ مود تس بچاوان تہٕ تَمہِ کوٗر تہٕ
بیٚیِس مُسلمانس ستۍ اَدِ کٔرِ خانہ دار زِ سُہ رلیو قبایلین ستۍ۔ ناول چھےٚ داستانی اسلوٗبس اندر
لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ واقعاتن ہندِس جبہٕ جوشس منز چھِ کردارن ہندی انفرادی روٗپ
مشخص کرنہٕ آمتۍ۔ اَمہِ پتہٕ چھِ غلام نبی گوہر سُنز زٕ ناولہٕ "مُجرِم" (۱۹۶۹ء) تہٕ "میُل" (۱۹۷۳ء)
لیکھنہٕ یوان۔ "مُجرِم" چھےٚ اکِہ قتلہٕ واقعہٕ پیٹھ کتھ ہیتھ لیکھنہٕ آمٕژ یُس پتہٕ عدالتس پیٹھ پیوٚن۔
چھُ۔ عدالتس پیٹھ چھِ ناولہِ ہندی بیش تر حصہٕ صرف گامتۍ تہٕ تیٚ چھِ اَمِچ خوٗبی۔ "میُل" چھُ جوان
محبت تہٕ تَمہِ پتہٕ کھاندرکہِن مسئلن پیٹھ لیکھنہٕ آمُت۔ اَمیُک پس منظر چھُ کشیرِ ہُند منزِم طبقہٕ تہٕ تتھ
اندر بدلوان قدر۔ "بنی زٕ دوشۍ" اکھ دورِ چھےٚ ڈوگرہ دورس اندر زنانن ہنزِ عصمت
فروشی ہندِ بن اَڈن اندر پھولہٕ وِنِس اَکِس خاص انسانی رشتس بدنفس تہٕ جومکب دستی
سان پیش کران منظر تہٕ واقعاتنگاری لحاظٕ چھےٚ یہِ ناول سیٹھاہ کمزور۔ امر مالموہی سنز "ترێش"

تہ ترین، چھے سائنس سماجس اندر پیٚتہِ ہن ترین ڈریٚن و قہ تلیمہِ تہ جنسی بے راہ رٗوی ہنز
عکاسی کرنچ کوشش کران ۔

**سفر نامہ :-** "گُلریز" رسالس اندر درٲو مرزا عارف سُند چینک سفر نامہ یتھ اسی
گوڈنیُک کٲشر سفر نامہ وَنِتھ ہیکو۔ یہ اوس امہِ رسالکی ایڈیٹرن
(مرزا عارف) قسط وار چھپوومُت ۔ اَمِتھ اندر چھُ افسانوی کردار کھوتہ منظر نگاری
ہُند رُت عنصر موجود۔ اگرچہ علی محمد لونہ سُند "اسۍ تہ چھِ انسان" ناولہ بدلہ سفر نامے مانو
(یا نہ لکھٲری چھِ امِتھ سفر نامے وَنان) تیلہِ چھُ یہ یتہِ قسمُک کُنہ سفر نامہ یُس الگ پاٹھۍ
چھاپ گوو، ساتھ اندر چھیتہ صرف منظر نگاری یا نٕز بلکہ افسانوی خصوصیژ تہ میلان ۔ امی
پایک بیاکھ سفر نامہ چھُ اختر محی الدینُن "سلاوام" یُس تموٚ یٚنہ رٗوسکہِ سفر پتہ لیوکھمُت
چھُ ۔ کٲشرس ادبس اندر کرِ یہ صنف برٛونٛہہ کرنہ خاطرٕ سون ادب ۱۹۷۵ء "سفر نامہ شمارٕ
کٕڈتھ امکی ایڈیٹر امین کامِل قابلِ تعریف کام ۔

**تنقید :-** کٲشر تنقیدُک تواریخ چھُ ۱۹۴۷ء پتہ شروع گژھان ۔ نقاد چھِ ترقی
پسند اسی متہِ تہ اوے ادبی تخلیقن امِتھی کھوژ کھالان ۔ شاعر چھ پانہ شاعری تنقید
کران افسانہ نگار افسانس کھٕڑ کٕڑان یہ زَن تعریفن از تانی چلان چھُ ۔ شاید چھِ
امہِ وزہ پروفیسر پیٚشہ یِم پانہ شاعر یا افسانہ نگار نہ آسہ تہ شاعرن پیٹھ تنقید لیکھان
چھِ ۔ یمے یاتی اسی نہ ترقی پسند نظریہ مانَن والی ۔ یتھے بیاکھ ناد اوس نور محمد بٹ سُند
یموشاعری متعلق کینہہ مضمون تہ پیٹھے لیکھی ۔ امہِ وقتہ کین تنقیدی مضمون منز چھ
رحمان راہی سُند "مارکسی ادبی تنقید کیاہ گوو ؟" اختر محی الدینہ سُند "افسانس متعلق

بُنیادی کتھ "غلام نبی فراق سِندی اُردو تنقیدی مضمونن ہندی کاشُر ترجمہ تہٕ پروفیسر
پُشپ سِندی لل دید، شیخ نورالدین، شمس فقیر تہٕ مہجورس پیٹھ تنقیدی مضمون ناوٕ اینی
لایق ۔ ییتھے ترقی پسندی ہند زور ہمو (۵۶-۱۹۵۵ء) نقادو ہیوت پننہٕ ذاتی
تجربہ ستہٕ ادب پرکھاونس پیٹھ زور دیُن ۔ امہٕ وِزِ ہیتن کلچرل اکیڈمی یہ ہندی "شیرازہ"
تہٕ "سون ادب" نیرنی تہٕ امی ادارٕ دٕسی سیمنار تہٕ بحث منظم سپدنی ۔ امہٕ وِزِ چھِ جیالال کول
(صمد میر) اختر (دُنیا تہٕ افسانہٕ) رہبر (گُلریز) زتشی (مہجور) ہندی مضمون نیران ۔
محی الدین حاجنی سُنز "کاشِر نثرچ کتاب" یتھ اندر کیہنہٕ زیٹھ تنقیدی مضمون (کوشر نثر
اکھ سرسری جایزہ، ساتہٕ ادبچ زان، خاینک عالم) درٕاے چھنے گوڈنچ پننہٕ قسمچ تنقیدی
کتاب (۱۹۶۱ء) ۔ امہٕ پتہٕ چھُ فراق سُند "فنُک احساس" (سون ادب ۱۹۶۳ء) اکھ اہم
تنقیدی مضمون یتھ اندر صرف کاشُر ادب نظرِ تل تھوتھ چھِ فنس پیٹھ بحث چھُنہٕ کرنہٕ آمت ۔
فراقُن چھنے بلاتے دُنیادی ادبس پیٹھ تہٕ نظریو سہ تہند یو مضمونو "رومانیت کیا ہے" تہٕ "ابہام
تہٕ اشاریت" تہٕ صاف ووتلان چھنے ۔ حاجنی صابنہٕ دٕیمہ کتابہٕ "مقالات" (۱۹۶۷ء)
اندر چھِ کیہنہٕ تنقیدی مضمون تہٕ کاشرس ڈراماہس پیٹھ پران کشور تہٕ رتن لال شانت
سندی ۔ کاشرس افسانس پیٹھ امین کامل، رتن لال شانت تہٕ ہردے کول بھارتی ہندی
کاشر ناولہٕ تہٕ نثرس پیٹھ اوتار کرشن رہبر سندی تنقیدی مضمون راہی سُنز تخلیق نظمہٕ
پیٹھ اختر سُند تنقیدی مضمون چھِ یہ ہاوتھ دِوان زِ وونی چھِ تنقیدس تہٕ امہٕ کین مختلف
قسمن کُن کاشرن نقادن ہنز کل بڈان حمین اندر چھپیہٕ اختر محی الدینہٕ سندی کیہنہٕ رِتی
خاکہٕ ۔ رحمان راہی سُنز کتاب "کہوٹے" چھے کاشر شاعری ہندن مختلف صنفن تہٕ ییچھن
پیٹھ ییچھہٕ اکھ تنقیدی کتاب یتھ اندر "زبان تہٕ باوتھ" "ادبک مقصد" "تحقیقی اہمیتھ"

سُندرول ہوی یہلہ پارٕ تنقیدی مضموٗن چھاپ گامت چھ۪ یہ چھ دِوان ہاوتھ زِ از چھ کاشُر تنقید بالیغ سپدان۔ عبدالاحد حاجنی ہنز "کاشر ادبس پیٹھ اکھ نظر" (۱۹۷۳ء) تہٕ غلام نبی ناظر ہنز "کاشر شاعری (۱۹۷۴ء) چھپے اَمِچ ثبوٗت۔ حاجنی صابن چھ کاشر شاعری علاوٕ ڈرامہٕ تنقیدس پیٹھ تینن مقالن اندر جان تنقیدی نظر وۄتلاوِمژ۔ ناظر چھ عام پاٹھۍ شاعری تہٕ اَمِکس فنس رلوایتی ہٕ جدید نوقطے نظرٕ سۍ زرژان۔ حال حالے چھپے شفیع شوقی کتاب زبان ہٕ ادب چھپتھ آمژ۔ یتھ منز تنقیدی اصوٗلن متعلق تہٕ تخلیقی زبانی متعلق کیہنہ مضموٗن چھ۔

**خاکہٕ:-** واریاہ شرٕوعاتی کاشرۍ افسانہٕ آسہ صرف خاکے حالانکہ تم آسی نہٕ خاکہٕ نیتھ لیکھنہٕ آمتۍ۔ وونی گو واریاہ کوصوٗفی غلام محمدٕ سُندٕ نوٗمتۍ تارکھ خاکہٕ لیکھنس کُن اکھ شعوٗری کوشش زانہتھ پیٕ تہٕ لیکھۍ غلام نبی باباہٕ عباس تابش عمدن کیہنہ خاکہٕ چھنس اندر چھپے یہٕ اختر محی الدینہٕ سندۍ کیہنہ ہتی خاکہٕ سوم ناتھ ویرن چھ "شب رنگ" (۱۹۷۷ء) ناوی کیہنہ خاکہٕ چھاپی متی۔ شوجی کرید مسی گاکی سندی کیہنہ خاکہٕ نما افسانہٕ تہٕ چھ زبانی ہٕ بیانہٕ لحاظہ جان بنے متی۔ کلہم پاٹھۍ چھنہٕ یتھ صنفہٕ کُن ادیب یوٗت تاہ پیٕز تیوٗت توجہ دِوان۔

**انشیے:-** انشیے ناوی یہٕ کینژھاہ کاشرس اندر لیکھنہٕ آمت چھ سہ چھ نیوٗتاہ کم زِ امیک کیاہ ذکر کرو۔ وون گو ویہ ظوٗن چھ باضابطہ ادبین زنتی تکمیل چھ انشیے ہس اندرے سپدان۔ دراصل ییلہ کُنہٕ زبانی ہٕند نثر بالیغ سپدان چھ تتہٕ چھ سنجید محاورس اندر لوتہٕ واے کتھ تہٕ لوتہٕ واے محاورس اندر سنجید کتھ وَنہٕ نگ بتھر لیوان۔ انشیے چھ زتم ہوان کلہم

ہیکو اُسی اکھ درجن تخلیق ترتھ کڈتھ یم ایسے ہمَس نکھہ آسن۔ کاشرِ ایسے ہُمک ضرورتھ محسوس
سپدان چھُنہ داہ پندہ وری زیادٕ گومت مگر یتیس وقتس تہ چھُنہ کانہہ نثر نگار اور کُن دِنہ
پننہ لوگمت۔ رسول پونپر (یتہ چھُ بنہ وُن، نہ تھوونہ پتاہ، شُنی) حکیم غلام حسن تسکین (اُلاسی)
یموٗ لیشہ نجات، ناوکہ پروُن ناو) رتن لال مجو (پرُن) مکھن لال کنول (آریلی) عبدالاحد حاجنی
(مترز، شیچھ) ہشہ کیہہ کوشش چھے اتھ کُن سپدیمژ۔ یلہ نہ نقاد وتہ ہمُن محاورہ تہ زبانی
پیٹھ قدرت حاصل کریتھ ہیوک ایسے ہُمک شوٗد نثر کتہِ ہیکن لیکھتھ؟
امہ علاوٕ چھِ کاشرِس اندر کم کاس سمرنہ تہ رپورتاج تہ لیکھنہ آمتی مگر یم چھِ ادنگین
پیٹھ گنزرنس لایق۔

# پروفیسر حاجنی مرحوم تہٕ کاشُر نثر

مشعل سلطانپوری

مرحُوم پروفیسر محی الدین حاجنی چھُ کاشرِ زبانۍ ہندین ادبین منز برونہہ وانہ چھُو کھ
منز اکھ سُہ اہم ناو یمۍ پنُن سورُے توجہ کلہم پانٛژ کاشرِ نثرِ ہُنٛد تکھنس کُن دیُت۔ یم کیرن اکھ
تس لوکہ چارِ پیٹھے۔ یہ شوق رُود چھانہ پھلان تہٕ بالیغ سپدان۔ یوتان سُہ وق وِدت ییلہ
تسند لیکھمُت "گریسی سُند گرٕ" ڈرامہکۍ گیہنہ قسط اس پی کالجکس "پرتاپ" میگزینس منز چھپنہٕ
ہیتِن۔ مرحومہ سُندِ پنٛن گف چھُ زِ سُہ اوس سنہ ۱۹۳۸ء منز اس پی کالجہ پران تہٕ یمنے دوین
اوس پرتاپ میگزینس منز پروفیسر توشخانی تہٕ پروفیسر کول صابن کاشرِ سکشن شروع کورمت
چھپان اوس دیونا گری تہٕ فارسی رسم الخط منز۔ امہ وِزِ چھپے یہ امہ ڈرامہکۍ قسط
"گر کلی پاتھر" ناوس تحت تہٕ لکھاری اوس محیؔ الدین محیؔ۔

مرحوم حاجنی صابن لیوٗکھ انگریزی، اُردوٗ تہٕ کاشرِ پانٛژ۔ یوٗزا تھ منز چھُ باگہ بوٗرت
حصہٕ کاشرِ کُے۔ تمو لیوٗکھ مختلف حثیتن منز، طالب علمانہٕ پانٛژ تہٕ، ووستاد آسنہٕ
کِس دورس منز تہٕ، صحافی سندِ حیثیتہِ تہٕ ییلہِ تم درپرِ دکینزن اُردوٗ اخبارن منز کالم

لیکھان آسی، مُنش ٹنیھ تہِ ییلہِ تم بٹیِن ہندی تقریر لیکھان آسی، نقاد محقق، عالم، شارح
بیتر کرِتھ حتیٰ تہِ زن منز۔ یِمہ کِنہِ تِہندس لیکھیمتس نثرس بیوٚن بیوٚن انہار چھُ۔ کیھنہ
چھُ لُکہ ادب انہار، کیھنہ عالمانہ، کیھنہ صحافیانہ کُنہِ چھُ محققانہ انداز تہ کُنہ نقاد سنز بش
زبان۔ کُلیات وہاب پرے کُلیات مولوی صدیق اللہ تہ اسد پرے صابن کلام ترتیب
دِنہ وِزِ چھِہ تم بیک وقت محقق، نقاد تہ شارح ٹنیھ برونٹھ کُن یِوان۔ "گاموٚ منز کُ
پھیری پھیری" تہ "لُکہ رس" کتابیِن منز چھُ تِہند نثر لُکہ ادبہ ہیوٚ باسان۔ مقالات
کتابہ منز تہ بیٚین موضوعن پیٹھ مقالہ لیکھن وِزِ چھِیہ تِہنز حیثیت کُنہ محققانہ تہ کُنہِ
مورخانہ۔ تم چھِہ موضوعک اعتبارہ زبان ورتاوِنچ کوٚشش کران۔ عُمر عمران عربی ادبک
دوستاد آسنہ کِنہ گوٚڈھ تِہندس نثرس عربی کہ اثر دیومُت۔ آسن یوٚز عربی لفظ
لیسہِ ورتاوِ کرِتھ تہ چھِہ تم کاشر لفظ سرمایک یتھ وُنی زِ تیتھ فائدہ تُلان تہ دوہمجہ
زبانی نِتھ روزنچ کوٚشش کران۔ بہ کرہ تِہندِ کاشر نثرک کیھنہ نموٗنہ پیش۔ یہ مثال
چھے تِہندِ لیکھمتہ کرِیسی سند کرہ ڈراما منز۔ رزاق بٹنہ کرواجنی چھے خانداس کُن
ونان "بڈہ نانہِ ہند وقتہ پیٹھ چھے منے زُٹ سوٗمرتھ۔ سوے اوٗری کرتھی تہ اوٗری
نہ ییتہ پیٹھ باگہ آیی یتھ منز۔ یلس منز تہِ پیٹھ وُچھ منے ییتہ توٗٹ تہ حمامے۔ منے وُچھ
دوہے یتھ کرس منز تاونے۔ ازلہِ نس نیائیں کیاکرہ، نہ تہ بہ تہ آسس اکس بڈس ببہ
سنز کوٗر" یتھ کردار چھُ ترٛتھے چھے زبان، شوٗزتہ صاف، چھراکاشر محاورہ ہیتھ۔

یہ مثال چھے ییتہ سوٗرے چھُ وِیان "عنوانہ اکہ تنقیدی مکالمہ منز۔

**نقاد** :- مگر تِمن ماخبر زسون معیار چھُ اکس اجتماعی فاصلس پیٹھ درِتھ آسان
تہ چون افسانہ اکی دکماغچ کارستانی۔ یمہ کِنہ سائنس فاصلس پرُت چھُ زیادہ آسان تہ جانِ

بلبھنس منز کم۔

افسانہ نویس:۔ مےٚ چھےٚ یہ خبر۔ مگر صرف چھُم یوٗتے یوت پزٕ ژھن زِ
"پرٚزر" کتھ وَنو۔ تکیازِ علم ریاضی سواچھُ پرٚزرس مُلکہ پیٹھ مُلکہ، زمانہ پیٹھ زمانہ،
بلکہ نقادَ پیٹھ نقادَ الگ تعریف کرنہ آمژ۔"

لہٰذا چھےٚ میانی خوش نصیبی زِ یلہ اُکی ستدِ وَتہٕ میانہ زیوٚ بھیارتہ نیرتھ ژلہ، کانہہ
نہٕ کانہہ دَپہ زِ کتھن منز چھےٚ یہ تہٕ ترٛٹھے اکھ ضروری کتھاہ۔ یتھ کُنہ دَبہ غس ڈنجہ
نھاوہ خاطر باقے تان سِتیٚ ڈٔمب تہٕ بوکہ وَجہ تہٕ ضروری چھےٚ۔ حالانکہ پرتھ کانہہ
چھےٚ یہ خبر زِ یمن منز کیاہ چھُ آسان۔"

یمتن تہٕ چھیہٕ مکالمہ زبان کتھ کرن والین ہنز خصیتٕز نسبہ یوٚن تہٕ بدون باسان۔

دیوان وہاب چھُ مرحومن دون جلدن منز ترتیب دیمُت تہٕ گوڈنس منز چھ
وہاب سنزن تخلیقن متعلق پوٚرزان کأری دِوان۔ دیوان کِس شرحس متعلق کتھ کران چھہِ
وَنان زِ "یوٚتام یمہ دیوان کِ شرحک تعلق چھُ یہ چھُ مےٚ عمداً ژھوٚرِ ووٚمت تہٕ کیازِ
اکثر وَرِ پرٚ اصطلاح تہٕ لفظ چھہِ ووٚنی سانہ زبانہِ تہٕ شاعری منز تمی شرحٕ ہیٚتی زِ پرٚن وٲلین
چھہِ یم لفظ بلکل کأشرٕ ہوی باسان، بلکہ ہیکو اُسی یہ تہٕ وَنتھ زِ یم فارسی تشبیہہ تہٕ استعارہ
تہٕ اصطلاحات سخن وہاب نہٕ وقتہ سانہ شاعری منز تازہٕ تہٕ پھولہ وٕنی آسی تم چھہِ
پٔتی میوٚ شیشھوٚ ستیوٚ وٕری یوٚ پیٹھےٚ صد زیادہٕ ورتاوِ موجوب گدہ آمتی تہٕ بیٚے مہ ہوی
بنے متی۔ مگر وہابنہ عہدہ اوس یہ ناممکن زِ کانہہ کأشر شاعر کیا ہیکہ ہے شوٚد
کأشر ورتاوِتھ۔"

مولوی صدیق اللہ سنز کُلیات ترتیب دِوان چھہِ زان عنوانس تحت تمہٕ زندگی

پیٹھ کتھ کران لیکھان زِ "وُنہِ آسی مولوی صاب صرف پنداہ وُہرِ تہٕ تام آو کشیر بایکھ مصیبت۔ کشیر آیہِ ڈُو گرن کنہٕ۔ ڈُو گرِ فوجہِ علاوٕ دٕرائے کھکھ تہٕ بمبہ تادکرِ زِ تھیل قبیلہِ دوٕہلہٕ کشیر لوٗٹنہٕ۔ امہِ وقتہٕ نہٕ اوس کنہِ ٹیکس تہٕ نہٕ عدالتھ۔ لوٗٹک حد اوس یہِ زِ پانہٕ گلاب سنگھ مہراج اوس پرتھ دوہ علاقہٕ علاقہٕ پھیران دادرسی ہندِ خاطرٕ سائیس اکھ روپے درخواستَن ہُوان تہٕ دوہس یتھے کُنزٕ زٕ ژور ہتھ روپیہ جمع کرِتھ شامسے یم درخواست نارٕ برٕزی کران"۔

واقعات چھادرٕ مس کنہٕ۔ تہٕ ہَن اوٗکطرف ترٕ اوِتھ چھُ میون مقصد یوٗتے زِ حاجنی صاب مرحوم کمہِ فصیح زبان چھ ورتاوان۔ یہِ عبارت ہیکہٕ فارسی عربی لفظن ہندس خارس تل تہٕ یتھ۔ یوٗرٕ تھہنز کوشش روز برابر یہے زِ چھر اکاشر آسان تہٕ عام فہم زبان گژھ ورتاونہٕ یِنز۔

"سون بوڈ ہیوٗ ضرورتھ، کوشُر لغات" عنوانس تحت چھ "کاشر نشرِ کتاب" ہندس صفحہ نمبر ۵۲ ہس پیٹھ لیکھان۔ کاشرِ یک نوٗو دور گژھہِ نہٕ توٗتام شروع یوٗتام نہٕ اسہِ کاشرِ یک اکھ سُہ لغات پادٕ سید، یتھ اندر پرگنہٕ وار کاشرِ کی نموٗنہٕ ین آنہٕ تہٕ یموٗمنزٕ معیاری کاشرِ خاطرٕ مستقل لفظ ین ژارنہٕ۔ یتھ اندر لفظن ہندی منبع، مثالن محاورن تہٕ تلمیحن ہندی تاریخی نوٹ تہٕ صاحب طرز ادیبن ہندِ کلامکی نموٗنہٕ تام آسن"۔

مقالات کتابہِ ہندِ اکہِ مقالہٕ منزٕ دِمہٕ یہِ باکھ مثال "یتھے موغلو دوکھ دِتھ ژکن ہنزٕ حکومت ختم کرٕ، سانی زبان سپز یتیم تہٕ شاہی دربارٕ پیٹھ گامہٕ مکتبن تام رُودنہٕ کانہہ تیتھ سرکاری ذریعہ یُس کاشرِ س (کاشرِ زبانی) پلالہٕ کرِہا۔ یہِ اوس صرف عوامی ردعملک

خاراتھ ژساًنی زبان رۄزِ زِندٕ ورنہٕ آو موغلو یہٕ فارسی زبانۍ ہندسہٕ خشار پٮ۪تھ تٔلۍ نہٕ صرف ساننہٕ زبانۍ ہندی ہٕنہٕ واد لفظ پیٚر گٔے بلکہ ٹٔگو ساًنی ساًری عالم تہٕ اکثر شاعر صرف فارسی زبان منٛز چھنس تہٕ ادبی کیو علمی کارنامن منٛز فارسی زبان وٕرتاوس کٔرُن"۔ (کٲشرِ پیٹھ موغلن ہٕنٛد حٲکم)

بقولِ نشاط انصاری مرحوم "پروفیسر حاجنی ہنٛز اَمہِ کوٗشش روزان ژِمتروک تہٕ منساوٕنہٕ آمتین کاًشرین لفظن ہنٛز بازیافت کرِتھ سپدٕنی، یِتھ ساننہٕ مادری زبانۍ منٛز لفظ راش بہم پٮ۪دٕ کھ وِہ پٔر زبانن ہٕندٕ ژۄر آویز بٮ۪ییہٕ ہارٕنہٕ روزِن ........ توے اوس سٕہ پننِس تحریرو تقریرس منٛز اوٕژ ژمُت، اُژرُوٗن، اوٚب دوٗب، اٗنی گٕس، اموب بے لٔلہٕ ہوی ٹھیٚٹھ کاًشرۍ لفظ ورتاوان" نشاط صابن چھ یِتھین لفظن ہٕندٕ زیوٗٹھ فہرست دِتمٕژ تہٕ یِمن ژٕمن ژاورن تہٕ تٕمیحن ہندٕ تہٕ یم تہٕندین تحریرن تہٕ تقریرن منٛز آمتی چھ۔ زبان پایہٕ پرجاونہٕ خاطرٕ تہٕ نٔو بھا پھلاونہٕ موکھ چھُنے حاجنی صابنہٕ یمہٕ کوٗششہٕ سٕتھٕ تعریفن لایق۔

مرحوم حاجنی صابن چھ ترجمہٕ تہٕ کٔرۍ متۍ۔ یِموٚ منٛز خاص کٔرِتھ "الف لٲل" ہاوی ترجمہ مشہور چھُ ترجمس متعلق چھُ حاجنی صابٕ زٕ راے یہ زِ "ترجمس اندر چھ بوڈ ہیو فرض اصل کتابہٕ سٕتۍ وفاداًری۔ امہٕ ترجمہٕ منٛز چھُ یہ اقتباس پیش"۔ "زنانہٕ دوٚپُس" زرا یہ صبہٕ تہٕ عقل ہٮ۪یہٕ کام۔ پٔرتہٕ وُچھ زِ یہ گٔیس بہٕ یٮ۪می ژٕ دوٚہ ن اُژرٕنہٕ دوٚہ ن ژٔرن منٛز تیوت رادرُودُکھ یوت زٕ ن اکھ پاگل چھُ راوان۔ دوٚہ نۍ بیلہٕ ژٕ ترٕ ترٕشنٕ کانہہ شخصا چھ پٮ۪نہٕ آشنہٕ ہنٛز شکایتھ ہٮ۪تھ یوان حالانکہ ژٕ نے چھے نہٕ امہٕ چور ہنٛز یا ہٮ۪ندین حالاتن ہنٛز کہیں تہٕ خبر آسان۔ ژٕ چھکھ برہٕ نہنے اراد کٔرِتھ آسان زِ مرد چھ خطا کار تہٕ امہٕ وزٕ چھکھ نہٕ یہ سوچانی زِ زنانہٕ چھے اکثر اوقات ساًروے کھوتہٕ غلط کار آسان تہٕ مردن چھُ اہنٛدِ دستہٕ سخ اذا واتان"۔

امہٕ تٔلہٕ تہٕ چھُ نَنان زِ مرحوم چھُ ترجمہٕ زبان تہٕ سہل کھوتہٕ سہل آسنہٕ کِس حقس منٛز۔ مجروح رشید

صابنٕ یہِ راے چھےٚ میانہٕ کتھِ تایید کران زِ "سادگی چھےٚ حاجنی صابنہٕ اسلوٗبٕچ پرٕزنتھ"۔ مرحوٗمن یوسہٕ زبان "لکہٕ رس" تہٕ "گاموٗ منٛزی بھیری بھیری" کتابن منٛز ورتاوٕمٕژ چھےٚ اتھ لکہٕ ادبس نکھٕ انان تہٕ عام مزازس وَیہٕ وۆنۍ اتہِ چھُسہٕ اکثر اکس دلیلہٕ گرٛی ہنٛدِس سوٗتھرس پیٹھ وسان تہٕ دلچسپی ہُرراونس کُن کل تھوان۔

شاد رمضان

# کأشرِس منٛز فارسی لفظن هُندِ ورتاو

کأشُر زبان چھےٚ دُنِیہِچ قدیم کألی زبانو منٛز اکھ زندٕ زبان یمہِ وہ پرٛزنانن ہُند اثر قبوٗل کرِتھ یا یمن زبانن ہُند لفظہٕ راش پانناوتھ باوجوٗد پننہِ پرٛزنتھ تہٕ ساخت رٕژھرِتھ تھاو۔ کأشرِ زبٲنی چھُ اکھ بٔڈ حصہٕ پانژن ساسن ؤرین ہُند تواریخ ڈیکھس تہٕ امہِ کِس لفظہٕ راشس، محاورن، ڈپتن، پرٛژن، کہاوژن، تلمیحن تہٕ مثالن منٛز چھُ امیک ساختیاتی نظام تہٕ پرٛزنتھ ہندی آثار تہٕ آکار تیتھ کٕنہٕ تہٕ ٹاکارٕ زِ تمن لوکن ہِندِس دُنیاوی بیانس چھُ کجر پھران یم کأشرِ زبٲنی سنسکرت یا عبرٲنی ہش زبانن ہنٛز کوٗرمانان چھِ۔ حالانکہ محض لفظن ہنٛز بُنیادی پیٹھ اکھ زبان بیٚکِس زبٲنی ہنٛز کوٗر مانٕنی یا دوٚن زبانن اکےٚ لسٲنی خاندانس ستیٚ واٹھ دِنُک گیہ جلدبٲزی۔ بلکہ چھُ ما تہٕ آمُت پرٛزنی زِکنہٕ زبٲنی ہُند لسٲنی مُطالعہٕ کرِتھ تمہِ کِس گرتس، بناوٹس، صوتیاتی نظامس تہٕ یہ ڈیپٕز تہٕ تمہِ کِس گرامرس پیٹھ مبنی آسُن تہٕ دوٚن زبانن ہُند لسٲنی مطالعہٕ کرن واٲکِس گرتھ

یاتہٕ دوشوٕنی زبانن ہندِن لسانی زاوِی جارن ہُند پورٕ پورٕ علم آسُن نہٕ تہٕ گژِھ ہیس سۄے
وَنُن یوسہٕ ساہن تِمن مُحقِقَن گامژ چھےٚ یِم فقط کینژن لفظن، ناوَن، جایَن تہٕ ذاتن
ہنزِ بُنیاد پیٹھ کأشرِ زبأنی ہِندِ آگُر سنسکرت یا عبرانی (بلکہ چھِ ووٚنی کینہہ لُوکھ اَتھ اوستادی
زبأنی ستۍ تہٕ ہشر اوان) ہِش زبانن منز ژھانڈان یا لبان چھِ ۔ یوٚدوَے سر ابراہِم گریرسن
لسانی اصولن تحت کأشرِ زبأنی دردخاندانس ستۍ رشتہٕ جوڑِتھ اصلس نکھہ واتنچ اکھ سنجیدہ کوشش
کران چھُ، اما پوٚز گریرسنس پتہٕ گیہٕ نہٕ اَتھ نظریہس متعلق ترژھ کانہہ مُستند کام یتھ اَتھ نظریہس
ستۍ واضح پاٹھۍ یا حتمی طور اتفاق یا اختلاف سپدِتھ ہیکہ ہے ۔ ہرگاہ فقط اُسی لفظ راشن
ہنزِ بُنیاد پیٹھ زبأنی ہِندِ آگُر یا امیک لسانی رشتہٕ مشخص کرو، تیلہٕ کیاہ ووٚنی زِ فارسی واہ
یہندی لفظ ہرگاہ موجوٗد کأشرِ منز نبر کڈِتھ ہوکہ تہٕ کأشر زبان گژھِ پہ ڈٚپی زِ تہٕ یتیم تہٕ ہرگاہ
زمانُک رفتار یوٚہے روٗد تہٕ کینہہ کال گژھتھ مالکن کینہہ جذبأتی تہٕ جلد باز محقق کأشرِ
زبأنی ہُند آگُر اردوٗ منز ژھانڈنہٕ تہٕ وأری ماداتہٕ انگریزی وٲلین ہنزِ تہٕ، ہکیا زِ ووٚنی
چھُ اردوٗ تہٕ انگریزی زبأنی ہندی متہٕ واد لفظ کأشرِس منز ورتاونہٕ یوان ۔ پزر چھُ یہِ زِ
کُنہٕ زبأنی ہندس لغوی سرمائیس ووٚن دِتھ چھےٚ یہِ کتھ عیان زِ دۄن زبانن ہُند باہمی
ورتاو چھُ اکھ اَکی سندس لفظ راشس پیٹھ اثر ترٲوان ۔ بیٚیہ ییلہ اکھ زبان آسہِ
حاکم تہٕ بیاکھ آسہِ محکوم ۔ کأشرِ روٗدی توأریخکین بیشتر دورن منز محکوم تہٕ حکمرانن
ہنزِ زبان روٗز ساہن تعلیمی تہٕ ثقافتی شعبن ستۍ سأنِس دوہہ دِنکِس لین دینس
پیٹھ تہٕ حاوی ۔ محکوم زبان چھےٚ بامنے شعوٗری تہٕ بلاضنے غار شعوٗری طور پننۍ لفظ
مُشراوِتھ ووہہ پرٕ زبأنی ہندی لفظ قبوٗل کرِتھ تیتھ کُنہٕ پانناوان زِ تس چھُ زنتہٕ یمو
ووہہ پرٕ لفظو ورأے پننِ اظہار بیان یا پننہٕ وجوٗدُک تعمیر نامکمل تہٕ ناگہار باسان۔

ہیہے بأسِ گیہِ کأشُر زبأنی تہٕ تہٕ اَتھ صوٗرتِ حالس منٛز ترأوی کأشرؠو مختلف سیأسی
دوٗرن منٛز تٕہٕ ضروٗری حدس تام ودہٕ پرٛ لفظ ورتأوِتھ یمٕ کأشرِ لفظ تھہٕ مشرف
خانس منٛز بیٛتہٕ یُہند تیب لکن بہر حال ناممکن نے تہٕ مشکل ضرور چھُ۔

کأشرِ زبأنی ہِمَن زبانَن ہُند لفظ راشک غالب اثر قبوٗل کوٚر تِمَن منٛز چھے
سنسکرت تہٕ فارسی سرِس ہکیازِم دوشوے زبأنی روزٕ ہٕ تہٕ واریاہ وٚری کشیر منٛز
دربأری تہٕ علمی زبانہٕ تہٕ کٔشیر ہندِ زٕ بڈی تہٕ اہم تہذیبی دور چھ کأشر زبأنی ہندو ساتھہٕ
تہٕ اَسہٕ نِش زٕ ٹھرتھ۔ اکھ گو گوڈنِکس دورس بیٚٹھ ثبوت حاوی زٕ امکی تہذیبی آثار
چھ یاہ تہٕ تواریخ کین صفن ہندی زینتھ تہٕ روٗدی کم کاسہ کأشر زبأنی تہٕ کأشرس لگہٕ
زٕ یتہٕ وٕترِس منٛز زٕ ٹھرتھ۔ بۆر وے تہٕ فارسی زبأنی ہندی اثرات آسہٕ ہن کأشرس پیٛٹھ
راز للتادِتیہ (۲۵-۷۶۲ء) ہند دورِ پیٹھے پیٛنی ہنیٚ متیٛ یلہِ کٔشیر مُسلمانن ہندین
گرٕ مُھن شروٗع گو ڈی۔ امابوٗز زٕ دأہم صدی منٛز گوڈ فارسی زبأنی تمہِ ساتہٕ واتِن
وہراویلہ شھیمری دورس منٛز آیہِ کٔشیر وسط ایشیا بیٛٹھ صوٗفی تہٕ سادات یِمو پانس
ستی پنٕ تہذیبی تہٕ لِسأنی میراث تہٕ اوٚن۔ یہٕ اوس کٔشیر ہُند اکھ انقلأبی دور یِتہٕ
پرأنی عقیدہٕ تہٕ رسم و رِواج پرٛانان تہٕ نوٚی نوان گیہِ۔ اتھ ردِقبوٗلس منٛز گیہِ سنسکرت
لفظ موثران موٗزان تہٕ فارسی لفظن ہند ورتاو گو وموٗل دِوان۔ یِمنی لفظ مشرأوِتھ

---

ل فتح اللہ الکشمیری سُند قرآن مجید ُک فارسی ترجمہٕ یُس بقولِ محمد یوسف ٹینگ
۱۲۳۷ء یس منٛز تحریر کرنہٕ آمُت چھُ، چھُ یِمہٕ کتھِ ہند واضح ثبوت زِ کٔشیر منٛز
چھنے فارسی زبان ترٛوأہم صدی منٛزے پوٚر پوٚر پھانپھلے مٕژ آسان بلکہ چھُ کأشرِ
اتھ زبأنی بیٚٹھ دسترس اوسمُت۔

یِم لفظ کاشرِ زبانِ سنسکرت زبانِ ہندی پاناوی، تِمن متبادِل رُودی اکثر پاٹھی فارسی لفظ جاے رٹان ۔مثالے ۔

| کاشُر | سنسکرت | فارسی |
|---|---|---|
| رَو | سِری یہ | آفتاب |
| ووٚنی | پونی | آب |
| شوٗژ | پوتر | پاک |
| نب | گگن | آسمان |

ییٚتِھ ہیٚکہِ یہ سوال تہٕ وُتھتھ زِ امہ یِم لفظ چھاپزی کاشرِ نِکیا زِ دوہ دِن چھہِ زبانِ منز چھِنہٕ تِھین لفظن ہُند عام پاٹھی ورتاو سپدان ۔اما پوٚز ووٚدہ پر زبانَن ہُند غالب اثر قبوٗل کرنہٕ باوجوٗد چھِنہٕ کانہہ زبان موٗلے مران یا پننہِ بُنیادی پرٔزنتھ راوران بلکہ اکثر نیٖ تہٕ وارِیاہن لفظن ہُند موٗلہٕ انہار چھُ زبانِ منز اکہِ نہٕ تہٕ بیٚکہِ رنگہِ رٔژھرتھ آسان، یُہند شعوٗری ورتاو چھُ لفظن ہُند موٗلہٕ انہار رٔژھرتھ زبانِ ہُند ساختیاتی یا صوتیاتی نظام زِندہٕ تھوان ۔مثالہٕ پاٹھی ہیٚتو کھیٚے گوڈنکی زِ لفظ، یعنے "رَو" تہٕ "ووٚنی"۔ یِمن دوشونی لفظن ہُند چھِنہٕ ازکل زبانِ ہِندس لین دینس منز ورتاو سپدان ۔اما پوٚز اُسی چھِ ازِ تہٕ وَنان 'کاجک رَو' تہٕ کاجک رَد گوو دُپہرک افتاب ۔ ووٚنی وُچھتون یہِ ترکیب تشبیہ تہٕ استعارکس ورتاوس منز تہٕ ۔'سُہ بیوو زنہٕ کاجک رَو چھنہٕ (تشبیہ)۔' دارِ درٛاو کاجک رَو' (استعار) ۔یٔلہِ اَسہِ کانٛسہٕ خوبصورتھ انسان

پٮنٕز مِثال دِنۍ آسہٕ، اُسۍ چھِ وَنان "سُہ چھُ زنٛتہٕ کاچِک رَو" یا "سُہ چھُ کاچِک رَو"۔
یِتھے کَنۍ نیتون "ووٗنۍ" لفظ یُس اُسۍ غار شعوٗری طور تہٕ وَرتاوہٕ باوجوٗد تہٕ بار بار
ورتاوان چھِہن مِثلن رۄد ووٗنۍ، آدر ووٗنۍ، گرُ ووٗنۍ، سہلاب ووٗنۍ تہٕ وفج ووٗنۍ
تہٕ ژھٕلِن ووٗنۍ بیتر۔ اُسۍ چھِنہٕ عام زبٲنۍ ہندِس لین دینَس منٛز "نب" لفظ ورتاوان
بلکہٕ "اسمان" مگر زبان وَرتاوان وَرتاوان چھِ بے شوٗنکۍ پٲٹھۍ "تارکھ نب، اۄر نب
نبکۍ تارکھ، نبہٕ دُب، نبہٕ نار، نبہٕ ترٛٹھ، نبہٕ گگرٕنۍ، بیتر اظہار ورتاوان۔ ووٗنۍ ژھوٗتھ
تم کاشرۍ لفظ یِہند جاے فارسی لفظو پرٲوٕ تھٕ ژھٕنے مگر تہٕ کرِتھٕ تہٕ چھِہم سٲنس یادہِ وُترس دِیٚدی
تہٕ یِتھی ہوۍ لفظ چھکھ اُسۍ وِز وِزِ وَرتاوان۔ شاید اَدے کِنۍ تکیاز لفظ راش بدلنہٕ سِتۍ
چھُنہٕ ہرگز تہٕ زبٲنۍ ہندِ مزاز تہٕ اَپج جمہٕ گرتھ بدلان۔

| فارسی | کاشُر | ورتاو |
|---|---|---|
| زمین | پٔتھر، بُتراتھ | پٔتھرۍ وان، پتھر بِہُن، پٔتھرۍ ملایک، موج بُتراتھ۔ |
| نار | زوٗنگ | زوٗنگ لگُن، زوٗنگ دیُن، زوٗنگ زالُن، نارٕ زوٗنگ۔ |
| جسم | پان | پانہٕ مور، پان وتھرُن، پان پٲرُن، بالہٕ پان۔ |
| مرد | موہنیو/زوٗن | مردٕ موہنیو، گن زوٗن، اکھ زوٗن۔ |

زبانٕ ہند باہمی ورتاو تہٕ چھِ باضے تِتھۍ لفظ یا ترکیب بارسس یوان یِم دۄن
زبانن ہندۍ ہم معنے لفظ کٕھٹے وَرتاوِتھ تہٕ کنٛہ معنہٕ دِوان چھِہ۔ مِثالہٕ پٲٹھۍ نیتوکھ
کاشرۍ تہٕ فارسی لفظ یِم ہم معنے آسنہٕ باوجوٗد تہٕ کٕھٹے وَرتاونہٕ یِوان چھِہ تہٕ معنہٕ مفہوم

تہٕ چھکھ کُنے روزان۔

| کاشُر | فارسی | رٔلہِ مِلہٕ ورتاو |
| --- | --- | --- |
| زُو | جان | زۆجان |
| پلو | پوشاکھ | پلوپوشاکھ |
| کھیٚن | خوردن | کھیٚن خوردن |
| ژۆک | آتش | ژۆک آتش |
| کرٕہُن | سیاہ | کرٕہُن سیاہ |
| زۆنگ | نار | نارٕزۆنگ |
| توٚت | نار | توٚت نار |

اَمہِ قسمہ کہِ باہمی ورتاوِ ستہِ چھےٚ باضےٚ شعوٗری یا غآرشعوٗری طورٕ زبانٕ منٛز کینٛہہ تہٕ ژھ تبدیلیہ بارسس یوان ییمہٕ زبانٕہ ہِنٛد لفظٕ راش بجنا وٕر بنا وتس منٛز۔ بارآوٕرثابت سپدان چھےٚ۔ اَمہِ اعتبارٕ تہٕ چھےٚ فارسی زبان کاشرِس لفظٕ راشس اضافہٕ کران۔ زبانٕ ہُندیہِ مارفیمی پھیر چھُ اکثر یا کھڈ یانٕ یلنےٚ وجوٗد لبان تہٕ وارٕ وارٕ زبانٕہ ہُنٛدین لفظٕ راشن بنان۔ وُچھتوٚ فارسی لفظن ستہِ کاشرِ گوڈٕ لگی (Prefix) تہٕ پوٚت لگی (Suffix) تہٕ کاشرِ لفظن ستہِ فارسی گوڈٕ لگی تہٕ پوٚت لگی تہٕ یِہنٛد باہمی ورتاوٕ کِتھ کٔنۍ چھُ کاشرِس منٛز چھُرا کاشُر اظہار بنان۔ مثالے؛

ا۔ کاشُر لفظ تہٕ فارسی برٕ وٕنہٕ لوٚگ بےٚ مند چھ، بےٚ زۆ، بےٚ بۆج بےٚ سوٚم بےٚ سو کھ یا بد ہوٚن، بد بُجھ، بیترِ۔

۲۔ کاشُر لفظ تہٕ فارسی پوٚت لوٚگ : پوشہٕ دان، ژٕھی در، ڈکہٕ زد، دگ دار کرٕزھی خور۔

۳۔ فارسی لفظ تہٕ کاشُر بروٚنہہ لوٚگ : وَردار، اَڈٕ سیر، اَوک انگ، ہنگٕ طوٗمار۔

۴۔ فارسی لفظ تہٕ کاشُر پوٚت لوٚگ : شامہٕ پیٚتھ، راتھ کیٚنٛت، دیدٕن تَل، یارٕبل روٗف گر۔

یُہ برعکس زبانی چھُ یِنہٕ اکھ صوتیاتی نظام آسان یُس وۄدِیُر زبانَن ہُند اثر قبوٗل کرنہٕ باوجوٗد تہٕ زبانی ہِنز اصل پُرزنتھ یا موٗلہٕ انہار برقرار تھوان چھُ۔ اَمہٕ اعتبارٕ یِیلہٕ اکھ زبان بیٚیِس زبانی ہٕندی لفظ قبوٗل کران چھےٚ اما یوٚزسو چھےٚ تِمن وۄدیُر لفظن یِنہٕ منزٕ، ماحولہٕ تہٕ صوتیاتی بیٚیِر مُطابق وَرتاوان۔ بلٕکہ چھُ لفظن ہُند پھوٚر بدلان تہٕ بلٕکہ آوازن ہُند نظام بدلان۔ وۄچھتَو فارسی زبانی ہِنزٕ آوازٕ کیتھٕ کٕنہٕ چھےٚ کاشُر پھوٚر پٔرٲوِتھ وَرتاوَس یِوان مثلن :

فارسی "اُ" آواز چھےٚ کاشرِس منز "او" آوازِ منز تبدیل گژھان،

فارسی "آ" آواز چھےٚ کاشرِس منز "اَ" آوازِ منز تبدیل گژھان،

فارسی "خ" چھُ کاشرِس منز "کھ" لفظٕچ آواز کڈان،

فارسی "ق" چھُ کاشرِس منز "ک" لفظٕچ . . . . تہٕ

فارسی "غ" چھُ کاشرِس منز "گ" لفظٕچ آواز کڈان۔

باضے چھ فارسی "ع" کاشرِس منز "ی / ے" لفظن ہِنزٕ آواز کڈِتھ وَرتاوَس یِوان۔ حالانکہ اکثر جایَن چھ یِم لفظ لِکھایہٕ وِزِ یِتھنہٕ اصلی شکلِہ منز روزان، فقط چھےٚ یِہنزٕ آواز بدلان۔

| فارسی | | کاشُر | |
|---|---|---|---|
| آواز | لفظ | آواز | لفظ |
| اُ | اُستاد، خُدا | او | ووستاد، خودا |
| آ | عالم، عاقل، ظالم | أ | ٲلم، ٲقل، ظٲلم |
| خ | خار، خالق، خواب | کھ | کھار، خاۤلق، خاب |
| غ | غنیمت، غنیم | گ | غنیمتھ، غنیم |
| ع | عزت، علاج، عبادت | ی | یزتھ، یلاج، یبادتھ |

زبان چھےٚ اکِہ قومُچ اَرزنھ تہٕ پرٛزنھ یُتھ منز تمہِ قومُک تہذیبی میراث تہٕ جنیَس زُزٕمھر بتھ آسان چھُ۔ ووٚنی یَلہِ زبان بیٚکِس زبانہِ منٛز اثر قبوٗل کران چھےٚ سو چھےٚ تمہِ کہِ تہذیبی میراتُہ نِشہِ تہٕ اِستفادٕ کران۔ یِتھ کٕنۍ کاشرٕ زبانۍ فارسی زبانۍ مٔنٛد اِستفادٕ کرِتھ پننۍ لفظ راش مالامال کرِنس ستۍ ستۍ پننۍ تمدنی میراث تہٕ نِنچھنوو۔ اَتھ صوٗرت حالس دوران چھِ اثر قبوٗل کرن واجنہِ زبانۍ منٛدی لفظ تہٕ منٛدی تہذیبی آثار وقتس ستۍ ستۍ گٔہِہ (گِسہ) یوان تہٕ نٔوۍ لفظ تہٕ منٛدی تہذیبی آثار چھِ اَتھ متبادِل پٔنٕنۍ جاے شیران۔ یا تہٕ کُنہِ زبانۍ منٛد یا کُنہِ تہذیبُک اثر قبوٗل کرُن یا بیٚکِس پیٚٹھ پننۍ اثر ترٛاوُنس چھِ بظاہر ترٛےٚ اہم وجہ۔ اکھ گوو شعوٗری طور، دوٚیِم غارشعوٗری طور تہٕ ترٛیِم مجبوٗری کِنۍ۔ کتھ ہُناواش کڈنہٕ باپتھ ہیکوٚ تہٕ اَسۍ شےٚ ہتھ وری پتھ گرٕٹھتھ وٲتِتھ صدی ہنٛدِس لفظ راشس تام واتتھ بلکہ چھُ اَسہِ اَمہِ حوالہٕ موجوٗدٕ زمانُک لسٲنی مطالعہ

کرِتھ حقیقتس نِکھہٕ واتنٕچ کوشش کرٕنۍ۔

شعوری طورٕ تہٕ غار شعوری طورٕ چھُ بعض اوقات کانٛہہ شخص محض احساسِ کمتری کِنۍ غار ضروری حدس تام پننۍ علمی دبادتڑادنہٕ موکھ یا پننۍ تعلق سماج کِس بارسوخ طبقس سٕتۍ پننۍ وجوُد گنڈنہٕ کِنۍ دوٚیمس شخصس سٕتۍ وۄپرزبانۍ منز۔ تھدٕ بٔنہٕ کتھ کران۔ بلکہ چھُ چھاان پرٛتھ تہٕ وۄپرزبانۍ ہندۍ لفظ صحیح یا غلط پاٹھۍ ورتاوِتھ بار وٕہن سٕتۍ تھک دِیُن یِژھان (خاص کٔرتھ چھےٚ یہِ بمٲری کاشرِن زنانن)۔ مثلن پننۍ لفظ موجوُد آسنہٕ باوجوُد چھ تم پرابلم، بین، بیوٹی فلُ، کپ، باتھ روٗم بیتر لفظ ورتاوان۔ یتھے کِنۍ چھ اُسی 'مول' بدلہٕ 'ڈیڈی'، "موج" بدلہٕ "می یا مما"، "بٔینہٕ ٹاٹھ" بدلہٕ "سسٹر جی"، "بابے جان" بدلہٕ "برٛدرجی"۔ بیتر لفظ ورتاوِتھ احساسِ برتری ہِنٛد باس دِتھ ژکہِ احساسِ کمتری ہِنٛدی شکار۔ غار شعوری طورٕ چھ اُسی "سمکھن" بجایہٕ "میلن" "پرارُن" بدلہِ "انتظار"، "مرٕ راوُن" بدلہٕ "کھولُن"، "وَتھرُن" بدلہٕ "بستر" ہوی لفظ ورتاوِتھ پننۍ لسانی تہٕ تہذیبی پرزنتھ مسخ کران۔ مجبوری کِنۍ چھ عام پاٹھۍ تم وۄپر لفظ ورتاوُن پیوان یم نوۍ عقیدٕ تہٕ نوۍ تہذیب پھانٛپھلنس دوران ردٕ قبول کٔرِتھ صوُرت حالس منز۔ ورتاونہٕ پیوان چھِ۔ یہِ عمل چھُ پرٛتھ زبٲنۍ تہٕ پرٛتھ زمانس منز زمانہٕ کِس تقاضن مُطابق جاری روزان۔ یمہِ سٕتۍ بہرحال زبٲنۍ ہِندِس لفظہٕ راشس برٛتھ رسید بِتھ زبان مالدار بنان چھےٚ۔ امہِ اعتبارٕ کوٚر کاشرِ زبٲنۍ مختلف دورن منز باقے زبانن نِشہِ استفادٕ۔ مثلن: نماز، روزٕ، توحید، سجد، جماعت، حوض، درویش، عرش، کعبہ، ٹی وی، ریڈیو، دوٗربین، تھرمامیٹر، کریک ڈاوُن، بنکر، کراس فائرنگ تہٕ کرفیو ہوی وۄپرزبانن ہِندی لفظ پانناوِتھ بنووُن پنُن لفظہٕ

خزانہ بخناور۔ اَمہِ اعتبارہ چھِ کاشرِس منز فارسی لفظن ہُند تیوٗت ورتاو سُید مُت زہرگاہ کاشرِ زبانۍ منز فارسی الفاظ، ترکیبہٕ تہٕ محاورٕ ہیتر کڈ ہو کھ تیتھ گرٛھٕ یُسے حال یُس انگریزۍ زبانۍ لاطینی تہٕ فرینچ یا اُردو زبانۍ فارسی، عربی تہٕ ٹھیٹھ ہندی الفاظ کڈنہٕ سِتۍ گرٛھہِ۔ تکیازِ سانہِ زندگی ہندِس پرٛتھ شعبس منز چھُ فارسی لفظن ہُند تیوٗت وَرتاو زِ کُنہِ چھُ باسان زِ کاشرِ زبانۍ چھِ فقط بنٕ کرٕ نہٕ رۄدمُت تہٕ وجوٗد چھُس فارسی لفظن ہُند۔ مثلاً پاکھٕ نیتو کھ زندگی ہندۍ کینہہ اہم شعبہٕ تہٕ تِمن شعبن منز وَرتاوٕ نہٕ یِنہٕ داجنی زبان۔

**پوشاکھ**:- دستار، ٹاکانۍ، پھیرن، قمیض، پاجامہٕ، سینہ بند، چوغہٕ، اچکن، موزٕ، دُشالہٕ، قصابہٕ تہٕ قوراہٕ بیترِ۔

**گرٛگروٚیٹھ**:- دیگ، دیگچہِ، مجمہٕ، سرپوش، پیالہٕ، رِکابی، طش ناری، چلامانۍ، صندوق، پھولدان، نمدہٕ، قالین، پلنگ، گنجینہٕ، فرش، مسند تہٕ بالینہٕ بیترِ۔

**کھین چین**: رِستہٕ، گوشتابہٕ، آبگوش، روغن جوش، فراش بین، کباب بیترِ

## دوہ دِنُک چہ زندگی وَرتاوٕنہٕ

**یِنہٕ وٲلۍ لفظ** :- علم، قلم، کتاب، زبان، صُبح، شام، شاعر، فقیر، خاندان، مدرس، بیان، تشریح، تفصیل، غزل، مثنوی، رُباعی، مرثیہ، غُلامی، آزادی

افلاس ، دوست ، دُشمن ، خویش ، ناراض ، عشق ، عاشق ، وصل ، فراق ، اضطراب ، اِنتظار ، اِنقلاب ، موسیقی ، نغمہ ، فن ، تنقید ، تحریر ، حال ماضی مستقبل تعارف ، اصطلاح ، آدم ، مومن ، حوض ، قلمدان ، قلم تراش ، دُر ، صدف ، نیست نابُود ، اعتراض ، بزاز ، اظہار ، اعتبار ، افواہ ، اقدار ، اُلفت ، اُولوالعزم ، الوداع ، اِملا ، اوتاد ، ایمان ، باب ، جائزہ ، جَد ، حرف ، حکیم خلق ۽ خالق بیتر۔

## کہاوتز ، تلمیح ۽ محاورہ بیتر:

گوڈ خویش اڊ درویش ۔ تو بخیر ما بہ سلامت ، بدبدی خود گرفتاری ۔ چاہ کن را چاہ درپیش ۔ من ترا حاجی بگویم تو مرا حاجی بگو ۔ آب نہ دیدم موزہ کشیدم ۔ نقل کفر کفر نہ باشد ۔ خلق بر خدا خدا بر خلق ۔ نارِ نمرود ۽ سوزِ منصور بیتر۔

وہ نی دُجھتو ساڈانی محقق ۽ نقاد کتھ کنہ چھ شعوری یا غار شعوری طور بنس تحقیقی ۽ تنقیدی نثرس منز فارسی لفظن ہُند استفادہ کران ۔ شعوری طوراہ کِنہ زِ تم ہیکن بنس خیالس مطابقتن زیادے بہن قابلِ قبول ، مارہ موند ۽ معنہ سوو بناو تھ کمیا زِ کانہہ ترکیب یا اصطلاح بناوِنہ یا تتھ قبوٗلِ عام پرِاونہ باپتھ چھ لازمی طور فارسی زبانی ہِندِ دامن پھہلاوُن پیوان مثلن موجوٗد دورس منز گرنہ آمژ کینہہ ترکیبہ ۽ کینہہ اصطلاح یم ہمو کاشرِس تنقیدی ۽ تحقیقی نثرس منز قبوٗلِ عام پرِدو ۔ سنگلاب ( سنگ + گولاب ) ، دیدآگہی ( دید + آگہی ) حِساگہی ( حِس + آگہی ) بیتر ساڈنس معتبر نقاد پروفیسر رحمٰن راہی سُندِ یہ اقتباس دُجھتو۔

بازرتماوِتھ چھ ادیب ۽ بنیہ ادب پارک ہیتھے اکھ

قآری بنان یتھ تَس ورأے بێیہ کانہہ نفر ہێکہِ آسِتھ۔ ادب
پارکس معنہٕ لیس یاونو تَمہِ چہِ باوٕژ نسبتھ چھُ نہٕ ادیبس تہٕ
نہٕ تسندس اُکس یا بێیس پٮ۪ٹھ واُس کانہہ امتیازی اختیار
روزان۔ شرح لِسانٔی صوٗرتھ لیس لوٚت واتناونہٕ توٚت
پریتھ کانہہ ہێکہِ ادب پارچ لِسانٔی صوٗرتھ نظرِ تَل تھاوِتھ
پننس واتنیارس دِفاع کرِتھ۔ حتمی فاصلہ نہٕ چھُ پانہٕ ادیب
روزان تہٕ نہٕ تسُند کانہہ خاص پٮ۪ٹھ وول بلکہ بجایہِ خود
(اِشارِ شناسی)
ادب پارٕ۔
مذکورہ اقتباسس منز چھ بازر، ادیب، ادب، قآری، معنہٕ، نسبتھ،
امتیازی، اختیار، لِسانٔی، صوٗرتھ، دفاع، حتمی، بجایہِ خود بێتر لفظ سیدِ سیوٚد
فارسی۔ یتھے کٔنی وُچھتو مُعتبر محقق محمد یوسف ٹینگ سُندِ یہِ نثر پارٕ۔
موغلن ہُند زیوٗ بٹہ تہٕ عموٗمن میوٗ کھ دوراوس کشیر منز فارسی
چہِ حکمرٲنی ہُند۔ اکھنے اُمچہ دل رُبایی تہٕ نقش کٲری ہُندِ تہٕ۔
سیاسی، انتظٲمی، مجلسی تہٕ تہذیبی زندگی۔ سارنے ضرورتن،
فرصتن تہٕ فرحتن ہُند سامانہٕ شیران تہٕ تمن سنبالان۔ اَتھ
زمانس بنے یہِ فارسی سانین اشرافن ہنز زبان تہٕ ماجہ زبو۔
برٕ مسلمان اکھ اُکی ہند کھوتہٕ (شش رنگ)
یتھ موختصر نثر پارس منز چھ عموٗمن، دور، حکمرٲنی، دِل ربایی، نقش کٲری، انتظٲمی،
مجلسی، زندگی، فرصتن، فرحتن، سامانہٕ، اشراف زبان بێتر موٗلہِ تہٕ فارسی۔

حالانکہ اَمہِ اعتبارٕ چھُ وُہمہِ صدی ہِندِس نثرس مقابلہٕ کنٕہ وُہمہِ صدی ہُند نثر مقابلتن مۄلے مختلف یِتہٕ شعوٗری طور فارسی لفظن مقابلہٕ ٹھیٹھ کاشرٕ لفظن ہُند ورتاو سیٚدان او سمُت چھُ۔ مثالہِ پاٹھۍ نیٚتون انجیلِ مقدس ہِندِ ترجمُک یہِ اقتباس:

تۄ پتہٕ آو یسوعؑ روح کہ قووَتہٕ سیتۍ بیابانَس اندر تہٕ
یُتھ شیطان تَس آزماوِ تہٕ یِیلہِ ژٕ تُجھہن راتٕن تہٕ ژٕ تُجھہن
دۄہن روزٕ تھاوِتھ مۄکلیوو، اَخرس لُجس بوچھ تہٕ آزماون
والۍ دۄپ تَس نِش یِتھ تَس ژٕ ہے خُدایہِ سُند فرزند چھکھ۔
ژٕ دِیھ تہٕ یِم کنہٕ سیٚتن ژوچہِ ترجمہ کار: یار محمد خان (۱۸۹۹ء)

کُنٕہ وُہمہِ صدی منٛزٕ (۱۸۷۶ء) چھُ رام جو در جیومیٹری متعلق اکھ تدریسی "تحریر اقلیدس بزبان کشمیری" ناوٕچ اکھ درسی کتاب تیار کران۔ اَمِچ شۄود تہٕ سۄتۄ زبان تہٕ وُچھتو۔

یِمہِ ترٕ کۄنجہِ ژٕ کۄنجہ آسن پانہٕ واَنۍ سۄمۍ، تِمن دۄن پانہٕ واَنۍ سۄمۍ کۄنجن منٛز سیٚدِ سیٚود ژٕ لنجہ تہٕ گرٕ تھن پانہٕ واَنۍ سۄمہِ۔ مانِو و ب ج چھُ ترکۄنجل۔ د ب ج کۄنج چھُ د ب ج کۄنجس سۄم۔ اَکھ گرٕ تھن آسنہِ اب تہٕ د ج لنجہ پانہٕ واَنۍ سۄمہِ۔ بحوالہ: کاشرِ ادبُک تواریخ (ناجی منور، شفیع شوق)

گویا وُہمہِ صدی ہِندی نثر نگار چھِ کنٕہ وُہمہِ صدی ہِندین نثر نگارن مقابلتن فارسی آمیز زبان ورتاونٕچ شعوٗری کوٗشش کران یِمہِ سیتۍ سون توجہ یتھ کتھ کُن گژھان چھُ ژٕ ساَنۍ برٕاَنۍ آسۍ اَسۍ مقابلہٕ کانہہ نعرٕ بازی یا پروپگنڈا کرٕ تہٕ بغار کاشر زبان تہٕ ثقافت ژٕ تھراونٕچ زیاد سنجیدٕ تہٕ سۄ حُن فہم۔ یِمیُک ثبوت اَمہِ کتھہِ علاوٕ یِم لفظ چھِ

یم کینہہ وۄ پر زبانی ہندن لفظن ہندی مُتبادل بناوِتھ وَرتاوتہٕ یِوان، اَسی مِثلے "سائیکل" لفظُک متبادل "زٕلہٕ گُر" ASHTRAY لفظُک مُتبادل "سۄرٕ ڈٲنی" WALKER لفظُک متبادل "وٕطٕنہٕ گُر"، تھرمامیٹر لفظُک مُتبادل "تپہٕ تُل / تپہٕ تٔج" بیتر بیتر۔

نوٚو زمانہٕ کینہہ نوٚو ین لفظن ہُند کانہہ متبادل ژھانڈنہٕ رٕوستے چھِ اَسی غار ضروٗری طور تہندی کینہہ مُتبادل ژھانڈنہٕ رٕوستے تہندے جاۓ پاٹھۍ استعمال کران بلکہ چھُ اَسی غار ضروٗری پاٹھۍ پننۍ خوبصورتھ لفظ مُشراوِتھ وۄپر لفظ وَرتاوان مثلن "سمکھُن" بدلہٕ "میلُن"، "دانگن یا راُکھ ڈانگن" بدلہٕ "ٹماٹر"، "دگ" بدلہٕ "پین"، بیتر بیتر۔

ہنٹن نولزٕ سنزٕ جمع کرمژٕ لکہٕ دلیلہٕ (فوک ٹیلز آف کشمیر ۱۹۹۳ء) یا بیٚیہِ کینہہ وُچھتو تم کاشرِ لکہٕ دلیلہٕ یم سر آرل سٹاین کاشرِ زبٲنی ہندس مشہوٗر دلیلہٕ گرس حاتم تِلہٕ وانس نشہٕ بوٗزِتھ تِہنٛزٕ اسلوبس تہٕ اَنٛہ غانٛ تِمنے لفظن منز نقل کٔرِتھ گریرسن سُند دیباچہٕ ہیتھ ۱۹۲۳ءدیس منز لندنہٕ چھاپان چھُ۔

طوطہٕ بیٚیوو اُتی پھر۔ یہِ ژاد پادشاہ پننس مٔرس
منز۔ یُس یہِ وندیر اوس، سُہ چھُ ہائیس منز۔۔
پادشاہ اصل یُس اوس، سُہ کھوٚت گُرس پیٹھ۔ "دوٚپُن
یِمَن لُکَن: ماریون ہا پیتھ! لاییوسس بوٚند وکھ
پھرٕ اُدیُوس زنگ!"
اُدنکھ ژٕٹِتھ پادشاہس نش۔۔۔۔۔۔

حاتم کیتھ

وۄنۍ ہرگاہ تِمن لُکہ دلیلن ہُند مثن وُچھوِیم کلچرل اکادمی ہِند ذٔسی مختلف دلیلہ سوٗمبرنَن منز چھاپ کرنہٕ آمژ چھےٚ ۔ یہندِ زبان چھےٚ دراصل تِمَن سوٗمبرنَن ہِندِ ترتیب کارن ہنز زبان یتھ سارنہٕ لُکہ زبٲنی ستۍ یا تِمَن لُکہ دلیلن ہنز اصل زبٲنی ستۍ کانہہ تعلق چھُنہٕ تکیازِ تِموٚیم دلیلہ بوزیا یا دآسکھ تِم کریکھ یِنہٕ زبٲنۍ منز بیِش نرِ یتھ زبٲنی منز یوسہ تِہنز اصل زبان آس ۔ مثلن:

پادشاہن دیُت حکم زِ مُلکچ ساری عالم کٔریو کھ حاضر ۔ تیار کیا آس ۔ حکم حاکم مرگ مفاجات ۔ عالم سپدی حاضر ۔ پادشاہن وُننکھ ونو سانہٕ ژٕ وٕ دأہم علم کُس علم چھُ عالمو ہیوٚکنہٕ جواب دِتھ ۔ تِموٚ وٕنی مختلف جواب ۔ امایوٗ زِ تِم علم آسی پادشاہن پُری متی ۔ پادشاہ گو پریشان تہٕ لوٗگ وزیرس ستۍ مشورٕ کرنہٕ ۔ گور ماکس سوٗزِ وی یچھ ژے دنہٕ ژٕ وٕ دأہم علم کُس چھُ ۔ تتھ منز تہٕ آیکھ منز چھ ۔ خبر سہ ما سونچِ سون شہر چھُ مُڈن ہُند شہر تہٕ مُڈن چھُ مُڈہ پادشاہ ۔

( کاشرِ لُکہ کتھ )

( کلچرل اکادمی )

یتھ کنۍ چھےٚ یہ کتھ واضح سپدان زِ وُہمہِ صدی ہندس علمی دورس منز چھُ کاشرِ زبٲنۍ ہندس غار افسانوی نثرس منز ۔ فارسی زبٲنۍ ہُند کنو ہمہِ صدی یا تمہٕ برونہہ زمانہٕ کِس ادبی نثرس ہنا زیادے بہن ورتاو میلان ۔

بہر حال کاشرس منز فارسی لفظن ہندِ وَرتاوِ ستۍ یُس موٗلُل اضافہٕ کاشرِ زبٲنۍ ہندس لفظہٕ اثس سپُد تمیک انداز ہیکہ مرحوم مولانا حضرت محمد یوسف شاہ صابنہٕ "بیان القرآن" برٕ تھ ٹھیک پاٹھۍ سپدتھ یُس اصل کاشرس تہٕ فارسی یس میٖل سپدنہٕ ستۍ تیار سپُد مُت چھُ ۔




# کاشُر تنقیدی نثرچ زبان : اکھ تجزیہ

Ernest : There is something in what you say, but there is not everything in what you say. In many points you are unjust.
Gilbert : It is difficult not to be unjust to what one loves. But let us return to the particular point at issue.
(Oscar Wild : The Critic as Artist: A Dialogue in Two Parts)

تخلیق تہٕ تنقید چھہِ زٕ بیوٚن بیوٚن ادبی سرگرمیہِ تہٕ دۄنوٕنۍ ہٕندۍ اغراض و مقاصدِ چھہِ الگ الگ۔ اَدیب یا شاعر چھُ نقادٕ سندِ باپتھ اکہِ تھہِ رۄشن ستارٕچ حیثیت تھاوان یتھ اَندۍ اَندۍ نقاد گتھہ چھہِ دِوان تہٕ اَتھہ گتھہ کرنچہ عملہِ دوران چھُ سُہ شاعرس نِشہٕ حسی سوٚتھرس پیٹھ فیضیاب سپدان۔ یہ فیض چھُ تنقیدی تجزیہِ چہ عملہِ دوران گاہے فن پارچہ معنویژ کلے نِکھشان تہٕ بعضے چھُ فن پارُک وُنۍ گاٹُلتن نقادس تمہِ اَنمانہٕ متاثر کران زِ خود تمی سُند تاثرُ چھُ فن پارس پیٹھ اَثر انداز سپدان۔ یُہ رتہٕ چھُ یہِ زِ اَدبی تنقید چھُنہٕ کانہہ سائنس بلکہ چھُ موٚلہِ کنہِ اکھ ادبی سرگرمی یمیُک تعلق فنس (شاعری) اسِتے چھُ تہٕ فن چھُ بقولِ آئی اے۔ رچارڈز pseudo-statements یُس پَرن والس اندر اکھ جذبہ ووتلاوان چھُ یا چھُ ذہنی سطحس پیٹھ تمس کانہہ مخصوص attitude ژینہٕ ناوانس یا پانہٕ ناوِنس پیٹھ آمادٕ کران۔ ظاہر کتھا چھےٚ زِ یہِ تھ کنہِ انسانی جذبس یا کُنہِ تہٕ انسانی اِٹی ٹیوڈس

( attitude ) متعلق کانٛہہ کتھ سائینسی بُنیادن پیٹھ کرٕنۍ چھےٚ سٮ۪ٹھے مشکل۔ نقاد ہیٚکہ نہٕ زٕنہہ تہِ سائینسدانہٕ ہندی پاٹھۍ چیزن تہٕ تہنٛز ماہیرٕ متعلق کتھ کٔرِتھ۔ سائینسدانہٕ ہندِس زبانہِ ورتاوس تہٕ شاعرٕ تہٕ نقادٕ سندِس زبانہِ متعلق وٕطیرس پیٹھ چھُ ارسطو، ہاکسلے، ڈی ایچ لارنس تہٕ آئی، اے رچاڈز ہیوٚو نقادو واریاہ تفصیلی بحث کٔرمٕژ۔ یمن ہندی عکس کاشرِس تنقیدس منز کُنہِ حوالہٕ بغار نظرِ چھہِ گژھان۔ بہرحال یمن سارنٕے معتبر نقادن چھُ یتھ کتھِ پیٹھ اتفاق زِ تنقید چھُنہٕ کُنہِ تہِ حالس منز مکمل طور سائینسی تہٕ نہٕ ہیٚکہ یہِ کنہِ زانٛہہ بنِتھ۔ تاہم چھُ یمن یتھ کتھِ پیٹھ مکمل ایکان زِ تنقید چھُ سٮ۪ٹھاہ تجزیاتی تہٕ غار جانبدار ( dispassionate ) آسنہٕ باوجود چھیکرس ذاتی ( personal ) آسان تہٕ یہِ چھُ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ قدرن ہُند تعیُن کران یمہِ نِشہِ منطق زانن والۍ تہٕ سائینس دان انحراف چھِ کران۔ مطلب یہ زِ شعر پرکھاونُک یا تمیک سنجیدٕ مطالعہٕ کرنُک موٗلہٕ کھوٗٹ چھُ جذبہٕ۔ تنقیدچ کام چھے یتھ پاٹھۍ یہِ بیان زانُن چھُ تمہِ تاثرُک مُطالعہٕ کران یُس اَسہِ کانٛہہ نظم پٔرِتھ سپدان چھُ یا دوٚیمین لفظن منز ہیٚکو وٕنِتھ یتھ پاٹھۍ وُنِتھ زانُن چھُ تنقیدی عملہٕ دوران تتھ خاص جذبُک تابع رودنُک کوٗشش کران یُس نظمہِ منز وٕتلان اَسہِ۔ وونۍ چھُ بُنیادی سوال پادٕ سپدان زِ ییلہِ اکھ ناقد کُنہِ مخصوص فن پارُک مُطالعہٕ کران چھُ تمہِ ساعتہٕ کیاہ رول چھُ تمۍ سنٛز اتھ سرگرمیہِ باپتھ مخصوص سپدان؟ تہٕ یہِ چھُ پٔزۍ پاٹھۍ بڈٕ اہم سوال۔ باسان چھُ زِ اکھ رُت تہٕ جان نقاد گژھہِ اتھ عملہٕ دوران یا نہٕ فن پارٕ نِشہِ لُطف اندوز سپدنس سٮ۪تۍ سٮ۪تۍ پرن والۍ سندِ ذہنچ تربیت تہٕ تہذیب تمہِ آیہِ کران یُتھ کینٛہہ مخصوص معیار قایم سپدن ( یِم معیار سکن نہٕ سائینسی معیارن ہندی پاٹھۍ عمل کٔرِتھ ) نقاد چھُ بہرحال ادبی تخلیقن متعلق بحث کران تہٕ یمٕتِس تنقیدی بحثس دوران چھُ زبانۍ ہُند مخصوص

ورتاو تھٲونہٕ خاطرٕ ناگزیر بنان تکیازِ اکہِ طرفہٕ چھُ سُہ فن پارس پننہٕ مخصوص زاوِیہٕ نگاہ
کِنۍ وُچھان تہٕ دوٚیمہِ پاسہٕ چھُ تمِس فن پارچ معنوٗیت تہٕ تمہِ چین مختلف جہتن تہٕ
خصوٗصیژن سام ہیوان ہینٛز تہٕ یہِ ہیکہِ نہٕ زبانہٕ ہندِ ورتاو ورٲے ممکنے سپدِتھ۔

کاشرِس ادبی تنقیدس تہٕ تمہِ زبانہٕ ہٕنٛدِ مُطالعہ کرٕتھ چھےٚ کیٛنہہ مخصوص کتھہٕ ذٕہنٕس
منز یوان یمہٕ بعضے کاشرِس طالبِ علمس گمراہ چھےٚ کران تکیازِ وارِیاہن کاشرِ ن تنقیدی
بحثن منز چھےٚ سوٚ زبان ورتاو نہٕ یِوان یوٚسہٕ پرٕن والیس محفوٗظ چھےٚ ضروٗر کران
تاہم یُس فن پارٕ زیرِ بحث آسان چھُ تتھ چھےٚ سوٚے باتھ گرٕ ژھان یوٚسہٕ تمِس محبوٗبس
گیامہ یمہِ سُندِس عشقس منز عاشق سنگتراشن زبردست محنت کرٕتھ اکھ تیٚتھ فن پارٕ
گرٕ ووٚتُس یُس سٹھاہ اثر انگیز تہٕ حسین و جمیل اوس مگر یہِ فن پارٕ وُچھتھ پیوو نہٕ کانسہ تہٕ
فن شناسس عاشق سنگتراشہٕ سُند محبوٗب یاد۔ مطلب چھُ یہِ زِ سوٗن وارِیاہ تنقید چھُ فن پارن
پیٹھ بحث کرنہٕ بجایہٕ نقادن ہندِس فن پارن متعلق تاثرس پیٹھ ڈرٕتھ، یہِ زن بظاہر کانہہ
عاب چھُنہٕ مگر یہِ تاثر یتھہٕ زبانہٕ منز پیش کرنہٕ یوان چھُ سوٚ زبان چھےٚ تتھ حدس تام استعارٲتی
آسان زِ پرٕن والیس چھُ اصل فن پارٕ مشرٕنس لاران تہٕ سُہ چھُ نقادٕ سٕنٛدِ تنقیدی بحث پرٕتھ
مخصوٗص اندازس منز سرورٕ تہٕ انبساط حاصل کران یہِ زن تنقیدی علاوہ بر چھُ باسان۔
استعارگ تجزیہِ استعارس منزے کرُن چھُنہٕ شاید پرٕتھ ساعتہٕ تنقید بنان تہٕ نہٕ ہیکہِ
اَمہِ ستۍ تنقیدس کانہہ ذہنی تہٕ فکری اوبر گوبر میلتھ۔ تھٕس تنقیدس متعلق ہیکَو یہِ کتھ
وثوٗقہٕ سان ڈٕنتھ زِ اتھ چھُ تاثراتی یا جمالیاتی تنقیدس ستۍ واٹھ تہٕ اَمہِ قسمہٕ کِس تنقیدس منز
چھُ بقولِ آسکر وائلڈ ( Oscar Wilde ) عام طور نقادین آسُن تہٕ بأسُن تیچھناوان
تہٕ اَمہِ علاوہ گرٕتھ نہٕ تمِس پیٚیہٕ کانہہ سوال کرنہٕ یُن۔ وُہمہِ صدی ہٕندِ سارٕوے کھوٚتہٕ بوٚڈ

انگریزی نقادٹی، ایس، ایلیٹ چھُ پنٔنہِ مشہوٗر کتابہِ دی سیکرڈ وُڈ (The Sacred Wood) منز آرتھر سِمنز Arthur Symons ہِندِس جمالیاتی تنقیدس پیٹھ تنقیدُک ہدف بناوان لیکھان زِ

"...The moment you try to put the impressions into words, you either begin to analyze and construct, to '*eriger en lois*', or you begin to create something else." [۱]

چھُ ایلیٹ ہِندی کِنۍ کانہہ تنقیدی نثر لیکھنہٕ بجایہِ اکھ تیتھ نثر تخلیق کران یُتھ پیٹھ SYMON سنزِ شاعری ہُند واریاہ گوٚن تہٕ سوٚن اثر باسان چھُ۔ Swinburne

ایلیٹ ہِندی کِنۍ چھُ جمالیاتی یا تاثراتی نقاد جذباتی اِنسان آسان اوکِنۍ چھُ تمی سُند تنقید غار مکتفی تہٕ نامکمل آسان۔ ایلیٹ چھُ یُتھ کتھ پیٹھ تہٕ زور دِوان زِ امہِ قسمکین نقادن چھُ کانہہ فن پارٕ پرِتھ تمن تمام جذبن کھولنگان یمن فن پارس سٟتۍ کنہِ تعلق چھُنہٕ آسان بلکہ چھُ یم جذبہٕ تھین نقادن ہنزن ذاتی وابستگی ہِندین واقعاتن سٟتۍ واٹھ آسان تہٕ اوکِنۍ چھُ یم نقاد نامکمل فن کار آسان [۲]

مگر امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہِ زِ ساںہِ زبانہِ منز کیاہ چھُنہٕ تیُتھ کانہہ نقاد یمۍ ہِندی تنقیدی نگارشات امہِ قسمکو عالو نشہٕ مچھ چھِ۔ ساںہِ زبانہِ ہُند گوڈنیُک ادبی موٚرخ تہٕ نقاد عبدالاحد آزاد (یوٚدوے تمۍ پنٕنۍ تنقیدی بحث ناگزیر مجبوٗری کِنۍ اردوٗس منز کٔری) چھُ سو اُردو زبان ورتاوان یوسہٕ بیک وقت علمی تہٕ دانشورانہٕ تجرُک باس چھِ دِوان تہٕ سٟتۍ

چھےٚ تِمَو سٔنزَن ناقدانہٕ صلاحیژَن تہٕ آنہٕ ہاوان۔ اُکِس مخصوٗص فلسفہٕ حیاتَس سٟتؠ تعلق تھاونہٕ باوجوٗد چھُہ سُہ سوٗزبان ورتاوان یوسہٕ تجزیاتی تہٕ غارجانبدار چھےٚ۔ یتھ منز آزادنہٕ تنقیدی صلاحیژ گِہہ چھےٚ ترٛاوان مگر آزادنی ذاتی پسند تہٕ ناپسند چھِنہٕ کُنہٕ تہٕ یاٹھ تِمَو سٔنزِ تنقیدی عملہٕ منز ٹھوٗرہٕ ہیکان تنھ۔ یِہن والین ہنز دلچسپی خاطر چھُہ یِتِھن تِمَو سٔندِس تنقیدس تہٕ تِمَو سٔنزِ تنقیدی بانہٕ آنہٕ ہاوُنہٕ موکھ تِمَو سٔنزِ کتابہٕ ہند اکھ اقتباس تہٕ ترجمہٕ پیش یِوان کرنہٕ۔

"ییلہٕ مقصدس منزٕ کانہہ افادی حیثیت آسہٕ تیلہٕ چھُنہٕ اظہار کِہن ذریعن ہنز خوٗبصوٗرتی ہُندہٕ تہٕ بانکپنکہ قیمتھ سٟترٕ بیٹھ شوٗگ گلٹھ کرنہٕ کھوتہٕ زیادہ اہمیت تھاوان۔ یِژھ شاعری چھِنہٕ نظر فریبی یا سامان تفریحِ طبع وَرٲے بێیہ کانہہ حیثیت تھاوان۔ اگر تفننِ طبع۔ واہ واہُک غلغلہ، عارضی سروٗر، حیرت و استعجاب تہٕ رقتِ قلب شاعری ہند مقصد چھُ تیلہٕ چھِنہٕ ساقیس، مدارس، قوالس تہٕ شاعرس درمیان کانہہ فرق۔ تان بوٗزِ دِل چھُ موم گرٛژھان۔ مداری سُند تماشہٕ وُچھو تفریحِ طبع سپد۔ داماہ جێیو غم گرٛژھہ دفع۔ اکھ برجستہٕ شعر بوٗزِتھ چھُ اُسی وَوہٕ ٹلان تہٕ محظوظ سپدان مگر یتھس شعرس منز چھِنہٕ صحیح تنقید حیاتچ صلاحیتھ آسان۔

یُتھ شعر اگر نے رہزنِ قلب تہٕ ابلیسِ نظر چھُ تیلہٕ کیاہ چھُ"

آزادس پتہٕ یِم غارجانبدار تہٕ پزٕ نقاد کاشُر زبانہٕ یاد کرِ تمن منز چھُ شفیع شوق گلشن مجید تہٕ رتن لال شانتُن زیادِ بہن قابلِ ذکر۔ یمو علاوہ تہٕ کوٗرو وار یہو معتبر ادیو تہٕ شاعرو پننہٕ تنقیدی بصیرتُک منظاہر مگر تمہ ہیکہٕ نہٕ کانہہ منفرد تنقیدی نظریہ اینا وِتھ تہٕ نہٕ چھےٚ تمہنز

زبان تمن کاہنہ مخصوص اسلوٗب ووتلاونس منز مددگار ثابت سپدان۔ شفیع شوق ،
گلشن مجید تہٕ رتن لال شانت چھِ اوکنۍ اہم ناو یمن نِش زانکاری تہٕ ہندی تنقیدی بحث
تجزیاتی تہٕ دوٚیم چھِ تم صاحبِ اسلوٗب نقادن ہندِس صوٗرتس منز ووتلتھ ہیکان۔
ممکن چھُ زِ یہندِس تجزیاتی ذہنس یِتہٕ کنہٕ آسہِ یہندِس وٚن مُطالعہٕ تہٕ خود پانہٕ تخلیق کار
آسنُک عنصر تہٕ شامل۔ شوق چھُ شاعری تہٕ فکشن دوٚنوٗنی ماداتن منز پننہِ اہمیت زینہٕ ناوان
تہٕ فن پارس تجزیہ کرتہٕ وِز چھُ سُہ تمو تمام تعصباتو نِشہٕ مُچھِ روزان (خصوصن ییلہٕ سُہ پرانین
شاعرن متعلق بحث چھُ کران) یم سائنس دارِ ہس تنقیدی سرمایس پیٹھ غالب چھِ۔ ڈلو
وُچھو زِ شعر تہٕ افسانہٕ پرکھاونہٕ وِز کیتھ پاٹھی چھُ شوقس پنُن پان تہٕ پننہِ ذاتی وابستگیہٕ مشرفس
گرٛھان تہٕ سُہ کیتھ پاٹھی چھُ چھِ افن پارچہٕ خصوصیژ پرٛن وٲلس تام واتہٕ ناونچ کوشش
کران۔ تمی ستہٕ دِس تنقیدس یِتہٕ کنہٕ چھُ تمی سُند ( scientific temperament )
غارِ شعوری طور کارفرما اوکنۍ چھُ امیُک فوکس فن پارٕ بنان نہ زِ فن پارن تہٕ فنکارن متعلق
stock responses شوق ہنز کتاب زبان تہٕ ادب تہٕ واریاہ دوٚیم تنقیدی مضموٗن
چھِ میانِس احساسس تہٕ باسس درٛبر کران۔

" للہٕ واکھن ہُند فکری پہلوٗ چھُ تہٕ دار تہٕ کاشرِ شیومتُک لُبِ لُباب اُستھ
تہٕ زمانی بندشیہٕ نِشہٕ آزاد، یِہ پتھ دورس منز لگھار۔ یہ چھُ دراصل فردٕ ہندِس
وجوٗدس منز گُپھتھ امکان گاشراوان تہٕ وجوٗدِ حِن خوفتہٕ تہٕ بیدار حالژن ہنز
باوتھ کران۔ فرد چھُ غفلتس تہٕ جہالتس منز تمہٕ وِزِ غرق گرٛھان ییلہٕ سُہ
مادی زھرٕ تہٕ ژھرٕ تہٕ منز ظاہری رسم ورواجن منز آور چھُ روزان

موٗڈو کرٕے چھٕے نہ دارُن تہٕ پارُن موٗڈو کرٕے چھٕے نہ رچھنۍ کاے

ٹِل چھےٚ اَمہِ غفلژ ہُند اکوے وجہ زانان، سُہ گوو یہِ زِ ریژو تہٕ
رسمو چھُ پرٕزرِ زیادَے اِنسانَس نِشہِ دوٗر زونمُت۔ تیٚلہِ زَن یہِ وجوٗد
کُے اکھ ریٚچھ چھُس پرٕزناوُن گژھ" [۴]



"بہرحال روٗز کاشرِس افسانَس منز تِمَن دوٚن روِشَن درمیان
ترٛاے گژھاے، اکہِ پاسہٕ اِستعاراتی، علامتی، تمثیلی، شعری، اساطیری
تہٕ مصنّفانہٕ رُوِش، بیٚیہِ طرفہٕ حقیقی، ضمیراتی، ترادفی، دید بدید
آوری، نثری تہٕ قاریانہٕ رُوِش۔ دوٚشوٚنی روِشَن منز آیہٕ پھیری
پھیری مُقرر روِشہٕ نِشہِ گریز کرنٕکی تجربہٕ کرنہٕ۔ کیٚہن محض تجربہٕ کرنکہِ
شوقہٕ تہٕ کیٚہن بہتر ترسیل پرٛاونہٕ موکھہٕ دوٚشوٚنی روِشَن منز روٗدی
ناکام گژھنٕکی اِمکان۔ دراصل چھُنہٕ اَدبس منز مستقیمی ارتقا ممکن
اَدبس منز چھےٚ صرف دایرٕ بند یتھ یِروِنہٕ حرکت ممکن، تِکیازِ زبانہٕ
وَراے چھُنہٕ اتھ بیٚیہ کانہہ وسیلہٕ۔ افسانہٕ نِگارَن چھےٚ لامحدوٗد
تخلیقی تخیلی صلاحیتھ حاصِل مگر وسیلہٕ چھُس سے ساسہٕ بوٚد ؤری
پرون قصہ وننُک فن یتھ ہر دورس منز تازٕ کرنہٕ موکھہٕ دِنہٕ چھےٚ یِوان دِنہٕ
تہٕ بیٚیہ تہٕ بیٚیہِ وَرتاونہٕ یِوان یُتھ زندگی ہنز تخیلی بازیافت سَہل بیٚترٕ" [۵]

گلشن مجید تہٕ چھُ شوق سندی یا ہٹی ہنٛز تنقیدس منز تجزیاتی لب ولہجہٕ وَرتاوان
یتھ منز ہتہٕ بیٚتہٕ طنز۔ اکہِ زیرِ یں لہر سندی یا ہٹی کارفرما چھُ روزان سُہ تہٕ چھُ فن پارس
سنہٕ ہنٛج کوشش کران تہٕ تتھ منز وُچھتھ چھُ تمہِ چہ مختلف جہژ، محاسن یا عائب بروٚنہہ کُن

اَنہٕ چ کوشش کران۔ تمی سندِس تنقیدی لب و لہجس تہٕ تنقیدی زبانہٕ لیُس عُنصر دۆیمو کاشُر لو نقادو نِشہٕ الگ تہٕ ممتاز بناوان چھُ سُہ چھُ تمی سٕندِ زبانہٕ ورتاوُک ایجاز تہٕ اختصار۔ سُہ چھُ لفظٕ تہٕ اَرسِتھاہ سوٗنچھ سمجھتھ کران تہٕ تمی سٕندی جُملہٕ چھِ پانہٕ وانٛی complementary تمی سُند منطقی ذہن چھُ تمی سٕندِ ن نگار شاتن (figurative) زبان ورتاوہٕ نِشہٕ دوٗر تھاوِنس منز۔ شاید لاشعوٗری طور کار فرما۔ تمی سٕنز کتاب" نقدِ شعر' تہٕ دۆیم اہم تہٕ بِسیار تنقیدی مضموٗن چھُ تمی سٕنزن صلاحیژن ہٕندی ٹاکارٕ ثبوٗت۔

" وہاب صابنس معروضس تہٕ اَمچہ تشبیہہ چھینہٕ سید سیوٗد واتھ۔ یم چھِ بالواسط واتھ۔ معروضہٕ پیٹھٕ تشبیہہ کُن سفرس دوران چھُ اَتھ منز جسی تبدیلیہ تہٕ سپدان۔ مثلن الکھ سُہ منظر یُس چھرا محسوٗس ہیوت ہیکہٕ سپدِتھ چھُ وونی وُچھن لایق تہٕ۔ یم چھینہٕ ترٛیمہٕ درجہٕ کین یمَن استعارن ہٕندی پاٹھۍ :

ا = ب ، ب = ( قسمیہ الجرائی فارمولا یعنے آب: وقت، وقت = آب

تہٕ یتھ پتھ جایہ وونی وقت، آسہ تتھ جایہ 'آب' تہٕ آبس سٟتی وابستہٕ عبارت لیکھتھ اَتھ استعارچ شکل دِنی مگر وہاب صابن یم استعارہٕ ورتاوی منز چھِ تم چھِ اکی طرفہٕ پنُن سفر شروٗع کران تہٕ یم چھینہٕ باہم اور پور تبدیل گژھان۔ یعنے ا۔ب۔ یُتھ استعارہٕ چھینہٕ کنہٕ سائنسی منطقہٕ پیٹھٕ تخلیق سپدان بلکہ چھے یِہنز بنیاد شاعرانہٕ منطقہٕ پیٹھٕ۔ شاعرانہٕ منطقہ ہٕند گرت

چھُ جناب پرٛے صایِبن منٛز یِتھہٕ پاٹھۍ۔" ٦




"یہِ نظم چھےٚ اَکھ مُتحرک پینٹنگ ہندی پاٹھۍ سانہِ ذہنہٕ کِس
کینواسس پیٹھ وۄتلان۔ تھَرٛہٕ شرٕ تہٕ کانٛپہٕ وۄنی عقل یوسہٕ زمان
تہٕ مکان کِنۍ اصولو ژۄمرٲوِمژ آسہٕ۔ تہٕ دوسہِ تَل اَکِس کوٚ کرٕ پوٚتۍ سِندۍ
پاٹھۍ پھِرٕ بکہٕ شرٕ تہٕ آرکرٕ مِشش روٗزِتھ آسہٕ تہٕ دٕرایہِ مو چھِ منٛز دِل ہٕتھ
تہٕ ژَج اکھ پھہلونِس گاشس منٛز۔ لامتناہی دانہٕ پھُلہِ سوٚمبراونہِ۔ اَکھ
پھہلونِس گاشہِ اَنبارس بروہہ کُنہٕ اوسہٕ یہِ عقل تہٕ
وجدانُک طاقت یا تاب بلکہِ یہِ پریژتھ زِ "وجدان" چھُ اَمی گاشہِ اَنبارچ یا اَمی
نوٗرٕچ اکھ زٕژ۔"

دوٚنی یوٗت امتھ فِکشن تنقیدُک تعلق چھُ اتھ چھُ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ دیُت رتن لال شانتن
سُند۔ شانتن چھُ پانہٕ ہندی زبانہِ ہُند اکھ مُعتبر شاعر تہٕ کاشُر زبانہِ ہندیو اہم افسانہٕ نگارو
منٛز اکھ تہٕ اَمہِ حسابہٕ چھےٚ یِہنٛز ادبی شخصیت ہمہ جہت۔ یِمَن چھُ ہندی، اُردوٗ، انگریزی
ترٛنونی زبانَن ہُند سنجیدٕ مُطالعہٕ۔ یِمہٕ کہ بدولتھ یِہندِس تنقیدی رجحانس اکھ تجسیم چھےٚ
میلان تہٕ یِہنٛز۔ باوتھ چھےٚ فِکشن تنقیدس اکھ نظریاتی بساط تہٕ فراہم کران تہٕ مختلف

تنقیدی نوکتہٕ ووتلاونہٕ خاطرٕ چھُ تۄن شبدَن ہنٛدِ تلاشُک اکھ سٕنجیدٕ منزل تہٕ اتھ منز
نظرِ گژھان۔ یِہنز باوتھ تہٕ چھےٚ اکہِ حسابہٕ گنٛژ ( dense ) یَتھ منز معنہٕ مطلبکۍ مختلف
وِہنظر چھِ گژھان۔ کاشرِ ثقافتی تہٕ تہذیبی زندگی ہُند گوٚن احساس چھُ یِہنٛدِس
نُو زبان ورتاونس زانُین دِوان تہٕ تِمن چھُ نوٚی لفظ تہٕ تہنٛد تازٕ گرُت تنقیدی تجزیَس
دوران رنگہٕ رنگہٕ مدد کران تہٕ یِمہ کنہِ تِم پرٕن والس تام یِنہِ تنقیدی نوکتہٕ زبرٕ باپٹھ
واتناوان چھِ۔ یِمو چھُ کاشرِ افسانہٕ، کاشرِ افسانہٕ ازتہٕ پگاہ، شِہ کتابہٕ تہٕ دویم وارِیاہ مضموٗن لیٚکھی مٕتہِ
یِم یِہنز سنجیدگی تہٕ ادبس نسبت یِہنز قولہٕ ہارِی ہنٛدٕ ٹاکارٕ ثبوت چھِ۔

"یہِ کتھ پرٕزناوٕ کُنہِ پیس وِییشہِ بغار مانٛنہِ زِ ۱۹۵۵ پیٹھ
تقریبن بندہٕ ن وری یَن روٗٹ کاشرِ افسانن پوٚز کاشُر رنگ،
ییتہٕ کِنہِ لوٗکن ہندی عقیدٕ، جذبات، رِواج تہٕ آتہٕ دراونٕ
ییتہٕ آو ورتہٕ باپتھ افسانن منز کاشرِ کردارُک شوٗزرتہٕ
فندبازی، کتھ کتابی کُنہِ لبٕڈگی، بلہوسی تہٕ مولوی ٹاکارٕ پاٹھۍ
ووتلتھ۔ کاشرِ سُند متضاد سوبھاو تہٕ توارٔخی یلغار برداشت
کرنُک مادہٕ تہٕ آو نُنٛ راونہٕ۔ سیاستس پیٹھ چھُنہٕ اتھ وقتس
دوران کانٛہہ رائے زنی کران مگر بیشتر کردار تہٕ واقعہ چھِ
سیاسی ریاکارِیہ کُن اشارٕ کران۔ تِمی زٕ دوشٕ نین وارِیہَن
افسانَن ہُند مُدعا چھُ یِ زِ انسان چھُ کینژھاہ قیمتس اوٚیزان
تہٕ کینژھاہ کرِمن لوٗرٕ"۔ ۵



"یتیمؤ دٔیس چھ کاشرِس افسانس باضابطہٕ پرٛاوت
(اچیومینٹ) اکھ طرفہٕ گژھیہٕ موضوعن ہنٛز وُسعت
تہٕ بیٚیہ طرفہٕ اِنسانی مسلن پیٹھ اٚزۍ کہ نظریہٕ وُچھنہٕ سٟتۍ
ہیٚتھ ہندین نوین وتہٕ یدین ہنٛز تلاش شروع —
اختر محی الدّین سندۍ "جاؤ دی نال"، "ژٕ رے چھکھ ژٕرے
چھکھ"، ہری کرشن کولنۍ "دٕہ آنہٕ ژٕتسے آنہٕ"، عریاں کھٕ
"ہٕٹ ہنٛز دریمہ کتھا" فاروق مسعودی سندۍ "الفتح
من ہ تہٕ یون"، کوہِ قافس پیٹھ پرٛی جب تہٕ ہیرو،
ہردے کول بھارتی سندۍ "ژکرودیوہ"، "ہم۔اد"
رتن لال شانت سندۍ "ٹھوٗر"، "راوی متی معنے
تہٕ ترٕکونجل چمن لال ہکھو سندۍ "جنگ"، بشیر اختر سُند
"کیہنہٕ یوٗز کیہنہٕ نیب" تہٕ رتن لال مجو سُند "تریش"
ہوی افسانہٕ چھ واضح پاٹھی ہاوِتھ دوان کہ کاشرۍ
افسانن چھ وقتہٕ موجب ینٛنۍ جوکاٹھ پُھٹراوی متۍ
تہٕ اسلوبس تہٕ اظہارس اندر نوۍ تجربہ کرٛی متۍ۔
اٚزیک افسانہٕ نگار چھ اٚزۍ کین مسلن پیٹھ اٚزۍ کہٕ
سوچہِ کہٕ آیہٕ ژھتھ دوان۔ سبٹھاہ تیز نیہ تہٕ اکہ جان
رفتار سان پکھ چھ ساٚنی زندگی بدلان" ٩

کاشُر تنقید چھُ ازنوِین منزلن کُن رواں دوان تہٕ کیہہ GENUINE نوٚی نقاد چھِ اَتھ ادبی سرگرمیہ منز ورتھ واتنہٕ شامِل تاہم چھُنہٕ یتین مضموٗنچہ طوالتہٕ کنہِ تمن ہیٚنڈ بحث کرُن ممکن۔

○

# حوالہ جات


1. T.S.Eliot, The Sacred Wood, Essay on Poetry and Criticism, Indian Edition 1976.p.5.

2. Ibid, p.7.

۳۔ عبدالاحد آزاد۔ کشیری زبان اور شاعری۔ جلد سوم کلچرل اکادمی۔ صفہ نمبر ۱۷

۴۔ شوق شفیع۔ نوٚو کاشر ادبک تواریخ۔ کاشُر ڈیپارٹمینٹ یونیورسٹی آف کشیر صفہ نمبر ۵۷

۵۔ ،، ،، ،، ،، ،، ،، ،، ،، ،، ،،

۶۔ گلشن مجید، نقدِ شعر۔ ساہتیہ اکادمی نوٚدِل۔ صفہ نمبر ۳۶

۷۔ ،، ،، ،، ،، ۷۰۔۷۱

۸۔ رتن لال شانت۔ انہار (افسانک فن) ۲۰۰۲۔ کاشُر ڈیپارٹمینٹ یونیورسٹی آف کشیر صفہ نمبر ۱۲۶

۹۔ رتن لال شانت۔ نثرچ کتاب ،، ،، ،، ،، ،،

رتن تلاشی

# کاشرِس نثرس منز تحقیقی تہٕ تنقیدی نثرٕچ کیہہ رنگ

کاشرِ زبانی منز چھُنہٕ نثرُک تواریخ زیادٕ پرٛون کیہہ تہٕ۔ یوٚدوَے امہٕ کہِ تواریخُک ابتدا اکتوہمہٕ صدی دورانے شروع سپدان چھُ مگر امیُک باضابطہٕ آغاز سپُد وُہمہٕ صدی ہندیوٚ نثرٕ ڈلہٕ پیٹھے۔ امی وقتہٕ پیٹھٕ آیہٕ نثرکی مختلف رنگ برونہہ کُن یمن منز افسانوی تہٕ غار افسانوی نثر تہٕ شامِل چھُ۔ غار افسانوی نثرس منز چھُ تحقیقی تہٕ تنقیدی نثرُک حصہٕ ترٛوٚرُے بہٕن۔

تحقیقی تہٕ تنقیدی تحریرن ہُند ابتدا تہٕ اوس یتھٕ پاٹھٕ ۱۹۴۷ عیسوی برونٹھے سپُدمُت مگر ۱۹۵۰ عیسوی ہس منز ییلہٕ کوٚنگ پوش رسالہٕ شایع سپُد امہٕ ستہٕ میوٚل امہٕ قسمچہِ نثر نگاری تہٕ پوٚچھر۔ گوڈٕ کوٚنگ پوش تہٕ پتہٕ گُلریز رسالٕچ آد نثر نگارن ہُند اکھ کاروان برونہہ کُن یمن منز پی، این، پُشپ، غلام نبی فراق، اختر محی الدین، صوٗفی غلام محمدّ تہٕ رحمان راہی بیتر شامِل چھِ۔ امین کامل تہٕ محی الدین حاجنی تہٕ آیہٕ اَتھ دورس منز نثر لیکھنس کُن۔ نثر نگارن ہندِس اَتھ کاروانس ستہٕ رلے یہ پتہٕ بییہِ تہٕ کیہہ لکھاری تہٕ تہٕ پیٹھٕ ووٚنس تام چھُ مختلف رسالہٕ تہٕ انفرادی

تصنیفہٕ دِسی کاشُر زبٲنؠ منز تحقیقی تہٕ تنقیدی نثرس کٲفی بڈٕ زُر سپدمُت ۔ یتھ موختصر مقالس منز اَتھ سارِسے نثر سرمایس جایزٕ ہیوٚن تہٕ یمن سارِنے نثرنگارن ہنز ناو شُمٲری کرٕنۍ نہ چھُ مُناسب تہٕ نہ چھُ یہِ میون مقصد ۔ بلکہ چھُ میون مقصد یِمن پانژن شِن ڈلین دوران بروٚنہہ کُن آمتین کینژن اہم نثرنگارن ہنز اہم اسلوٗبی خصوٗصیژن تہٕ تہندِس زبٲنؠ ورتاوس کُن اِشارٕ کرُن ۔

گوڈٕ دورکین نثرنگارن منز یِم نثرنگارسون توجہ پانس کُن پھران چھِ تِمن منز چھُ محی الدین حاجنی اکھ اہم ناو ۔ حاجنی یَن چھُ کاشُر زبٲنؠ ادب تہٕ تہذیب کین مختلف گوشن پیٹھ یِمن قلم تُلمُت ۔ حاجنی یَن یۄدوے ڈرامانگٲری ہندی تجربہٕ تہٕ کٔرۍ اَمہٕ پوز کاشُرس ادبی تواریخس منز چھُ سُہ صرف پننٕ تحقیقی کامہٕ سٟتۍ مشہوٗر ۔

حاجنی سُند نثر پرِتھ چھُ باسان زِ یہِ چھےٚ تمہِ دورٕچ زبان یێلہِ کاشُر زبان علمی یا تحریری زبٲنؠ ہُند رنگ رٕپ پراونچہ تگ دو منز آس ۔ ترقی یافتہ نثری زبٲنؠ ہنز اکھ اہم خصوصیت چھےٚ یہِ آسان زِ یہِ آسہِ کینژن گرامری تہٕ غار قاعدی سوٚتھرن پیٹھ دوہ دِشچہِ بوٗل چالی زبٲنؠ نِشہ اکہِ نہٕ بێیہِ رنگہٕ بدلاونہٕ ۔ باضے ہیکہِ یہِ بێیہِ تیوٗت تہٕ آسِتھ زِ اَمہِ زبٲنؠ ہُندین بولن والین ہِندِ باپتھ ہیکہِ یہِ کنہِ ثانوی زبٲنؠ ہُند درجہ پرٲوِتھ ۔ مگر حاجنی ہنز نثر زبٲنؠ منز چھےٚ نہ یہِ تفاوت زیادٕ ۔ بلکہ چھےٚ اَتہِ یہِ تفاوت قایم کرنٕچ اکھ کوشش نظر گژھان ۔ عام بولچالی زبٲنؠ نِش ہٹہِ نثری زبان مختلف بناونہٕ باپتھ چھُ حاجنی مختلف وَل ورتاوان یِمن منز زٕ وَل اہم چھِ ۔ گوڈنیک وَل چھُ ٹرانزِشنل ( TRANSITIONAL ) لفظن ہُند ورتاو تہٕ دۆیم سوالہٕ دوتلاوُنٕچ عمل ۔ یِم وَلو ڈٕسی چھُ حاجنی بیانس منز تسلسُل تہٕ یاد کران تہٕ پننس تحریرس منز بٕنگُک رنگ تہٕ یاد کران ۔ حاجنی ہندِس نثرس منز چھُ یتھ ورتاوکٕس تہٕ سان سپدمُت ۔

مگر اَمہِ باوجود تہِ چھِے اَتھ زبانؠ پیٹھ بول چالی زبانؠ ہنز چھاپ ۔ اَتھ چھِ شاید زٕ وجہ۔ اوَل یہِ زِ حاجنی چھِ عبارژ منز ٹھیٹھ تہٕ عام محاورٲتی زبانؠ ہند ورتاو کران تہٕ دوٚیِم یہِ زِ سُہ چھُ تہٕ کنہِ کنہِ بولچالی لہجہ بنشہِ ہِنٛ انداز بیان یتھ رٔٹتھ ہکان ۔ مثلن وُچھتو یہِ بولچالی لہجِ چھاپ ۔

" بڈشاہ صابن خارتہٕ یلہِ کاشر زبانؠ علمی درجہ لوٚب تہٕ خوش ہمتی سِتؠ اوس اَتھی عہدس منز گومت کاشر زبانؠ ہُند گوڈ کال لل دیدِ ہند صدقاتہٕ شروع ۔ لل دید یِہ کمہِ کالا گرٕ تھٕ آے شیخ نورالدین نورانی یمو پتو شرکوستؠ نوٚوُے سوزا یاد کوٚر۔"

ہیٚرِمِس اقتباسَس منز چھِ "خارتہٕ"، صدقاتہٕ، کال بدلہٕ "کالا" تہٕ سوز بدلہٕ "سوزا" ہیو ورتاو عام بولچالی لہجِ چھاپ ٹاکارہ کران ۔

عام بولچالی زبانؠ سِتؠ قربت تھاونہٕ علاوٕ چھُ حاجنی سندین نثری جملَن منز لفظ یا جملہ چھلن ہنز ترتیبی پابندی گوتاہی یہِ ۔ اَمہِ سببہ چھُ فاری سند یاپتھ بلکہ یہِ زانُن مشکل سپدان زِ جملس منز کتھ نوکتس پیٹھ چھُ زور دِنہٕ آمت ۔ مثلن یِم زٕ جملہٕ نی توٚ:

(۱) " یہِ چھُ سیٹھاہ زیوٚٹھ مسلہ زِ ساَنہِ زبانؠ ہندین لفظن، لہجن تہٕ اَچھرن منز لیٚپاچ عہد پیٹھ وُنِس تام کمہِ قومک کیا اثر روٗد ۔"

(۲) اگرچہ اَمی وقتہٕ پیٹھ آیہ سُلطان شہاب الدین نہٕ وقتہٕ پیٹھ کیشر منز فارسی زبان درباری زبان بناونہٕ۔

گوڈنکس جُملس منز چھِ ترور جملہٕ اڈیم (۱) یہِ چھُ سیٹھاہ زیوٚٹھ مسلہ۔

(۲) ساَنہِ زبانؠ ہندین لفظن لہجن تہٕ اَچھرن منز۔ (۳) لیٚپاچ عہد پیٹھ وُنِس تام تہٕ (۴) کمہِ

قومک کیا اثر روٗد۔ چنانچہ یمن جملہ اڈن ہنز ترتیب چھےٚ تمہٕ انہٕ دِنہٕ آمژ زِ یہٕ زاننس چھُ
ڈلیمُل گژھان زِ حاجنی چھا "مسلسل" لفظن ہنٛز کیہٕ "اثرس" پیٹھ زور دِوان۔ دوٚیمس
جملس منز تہٕ چھےٚ اصل جملہ تہٕ ذیلی جملیٚن ترتیبی تہٕ بندتی کوتاہی۔ یمہٕ موجوٗب اتھ منز تہٕ اصل
کتھ راوِمژ ہش باسان چھےٚ۔ حاجنی چھُ اکثر پنٛنین جملن منز ناوِتی یا بعضے کرہ اوِتی حصن منز
تہٕ زیچھر وۄتلاوان یمہٕ سِتیٚ ڈیٚجر یا دِسید تھ روانی تہٕ اختصارچ خوبی تہٕ متاثر سپدِمژ چھےٚ۔
حاجنی ہنز نثر زبانی منز چھ سوال وۄتلاونکہ ولُک ورتاو تہٕ لیسلہ یا کھُٹ سپدمت۔ امی ولہٕ
ڈسر چھ حاجنی ہیٚر کنہٕ دِنہٕ آمژ کوتاہیو باوجود تہٕ نفسیاتی تہٕ ادبی بیتر معاملن بارکی سان
دل دِتھ بروہ تھ کنہٕ انتھ ہیوٚکمت۔ بولچالی زبانی سِتیٚ قربت اتھ تہٕ چھُ حاجنی ہنز نثر زبان
یہٕ کتھ ٹاکار کران زِ تس چھُ ونُن کیتھ کنہٕ ہیچ ترسیل سٕہ بنہٕ زمانکہ یدس محدود زبانی محاور
ڈسر تہٕ سادگی تہٕ صفائی سان کرِتھ ہیوٚکمت چھُ تہٕ سِتیٚ وضاحتہٕ سان۔

وضاحتی اندازِ بیانک بیاکھ اکھ اہم نثر نگار چھُ رحمان راہی، حاجنی سند زبانی ورتاو
ییٚتہٕ عام بولچالی لہجس قریب چھُ تہٕ چھُ راہی سُند ورتاو عام بولچالہٕ نشہٕ بدوٗر تہٕ باضے چھُ یہ
عام بولچالی لہجہ نشہٕ تیوٚت وُکھ سپدان زِ عام قاری ہیکہ تہٕ آسانی سان اتھ اندر منز ڈگر تھ۔
یتھین موقعن پیٹھ چھُ باسان زِ نہٕ سُہ شاعری منزی یاکھٹ پنٛن نثر تہٕ محدود قاری حلقہ باپتھ
لیکھان چھُ۔ بہرحال راہی روٗد کونہ پوشہٕ کہٕ زمانہٕ پیٹھے برابر زِ تام کاشرِس نثرس بنہٕ
قلمہٕ برزر کران۔ راہی چھُ اکھ پایہ بوڈ شاعر تہٕ تہٕ باریک بین نقاد تہٕ۔ تنقیدس منز چھےٚ
یژ پاکھٹی تس نز وُچھن تژاے تخلیقس سِتیٚ تس ند ذاتی ردِعمل باوکھ آسان۔ راہی چھُ پنٛنس تنقیدس
منز تخلیقہ منزی خارجی تفصیلات نظرانداز کرنُک تہٕ خود تخلیقی تجربس ورتھنے کرنُک
قائل۔ چنانچہ توتژاتی وُچھن تژایہ موجوٗب چھُ یتھین موقعن پیٹھ تس سُند نثر تخلیقی رنگ

رٹان مِثلن یہِ اقتباس نی تو۔

"شیش رٔنگیٖ زبان چھےٚ گوڈنٔچ نظر یٚرن وٲلِس وہ وٕنہٕ
نارِ منز وہ پدٕن واجنہٕ اکھ ژھرٹہٕ ژھرٹہٕ کرونہٕ ریٚہہ ہُند
شدید باس دِوان۔ یہِ باس چھُ اکِس ترٲٹھ زندٕ تہٕ تیز حس
تہٕ بےٚ سوکھ لولہِ منز نِش واتناوان لیس محبوبہٕ ہندی لولکن ہن
ہُن چھےٚ بٔرمرنہٕ تہٕ یوسہ بیچارگی منز زہر چھےٚ ژاپان"۔

چناچہ تٔسند نمایندٕ شاعری ہنز خوبی چھےٚ اَمہِ ترکیب سازی تہٕ یہِ ترکیب سازی چھےٚ اکھ نٔوٕ بٔیہ رنگ تٔسند بس نثرس منز تہٕ آمژ۔ اَمہِ سٕتی چھُ اَتھ منز تخلیقی زبانٕ ہنز ترآے تہٕ نظر گژھان تہٕ صفاتی لفظن ہُند لسیلہٕ ورتاو تہٕ۔ یہِ چھُ ہیٚرکنہٕ دِنہٕ آمتہٕ اقتباسہٕ نِکلتہٕ عیان سپدان۔ حالانکہ صفاتی لفظن ہُند یہِ تہٕ بیٚٹھی ورتاو چھُ نثر زبانی بابتھ مُفر نگر راتی سندٕ وضاحتی انداز بابتھ چھ پہُند ورتاو لابُدی بنان۔ راہی چھُ اکثر وضاحتہٕ بابتھ تقوٚیکس یا (ANALOGY) تہٕ کام ہیوان۔ مثلن

... بیٚھ کٔنی ہارِ پرِتس یا تنکرآچارس کھسان قدمہ پتہٕ
قدمہ اَندی ٹکھی نظرِ ڈلتھ حصہِ رٔژھ رٔژھ بینیتہٕ بینیتہٕ نوٚن نیران
چھُ تھےٚ کٔنی چھُ پرِتھ کانہہ تخلیقی ادب پارِ پرن وٲلی سُند
شعورٕ رٔژھے پیوٚتتے گاشرادان"۔

راہی سندِ نثرچ اکھ اہم خصوصیت چھےٚ یہِ زِ اَتھ منز چھُ بوزن وٲلی یا پرن وٲلی سنز موجودگی ہُند احساس جایہ جایہ سپدان۔ سُہ چھُ پننس نثرس منز تتھین لفظن ہُند یتھ پاٹھی ورتاو کران یم بوزن یا پرن وٲلِس کُن اشارٕ کران چھ۔ دوٚیم یتہٕ زِ راہی چھُ نہٕ صرف

یُدس زبانٕ محاورس بیٹھ روزان بلکہ چھُ سُہ تیٚنہٕ خیالہٕ باوٕنہٕ باپتھ لفظ ساز ی تہٕ کران۔ حالانکہ یتھ متعلق ہیکن ہٕ رایہٕ آسِتھ زِ زبانٕ ہندِس امہٕ آیہٕ ورتاوس منٛز چھا لفظ سازی مُناسب کِنہٕ نہٕ تکیازِ امہٕ ستۍ ہیکہٕ واتناوٕنہٕ تہٕ مُتاثر سپد تھ۔ وون گوٚو یتہٕ بحث ہیکہٕ کرِتھ خود کفیل زبانٕ متعلق صحیح آسِتھ کاشُر ہمیشہٕ ترقی پذیر زبانٕ باپتھ چھےٚ اَمِچ از حد ضرورت یہ کتھ تہٕ چھےٚ اہم زِ تسند دسی پیٚٹھے بانہٕ ورتاو تہٕ آمتۍ کینہہ لفظ تہٕ اصطلاح چھ اَزٕ کلکی مختلف کاشرۍ نقادن ہٕ تنقیدی نثرس منٛز۔ ورتاوان۔ "بھیر ہاد"، "لکاو"، "کوٚل باس"، "بوزکھ" بیتر چھ راہی سندِ دسی ورتاوٕنہٕ آمتۍ تم کینہہ لفظ یمن ساری اَزٕ چہٕ تنقیدی زبانٕ منٛز قبولِ عام حاصل سپدمُت چھُ۔

راہی ییٚس ستۍ چھ مُحمد یوسف ٹینگ تہٕ اَزٕ کہٕ دورک سُہ اکھ نثر نگار ییٚس پنُن انداز تہٕ اسلوب چھُ۔ کاشر زبانٕ ہندین بیشتر نثر نگارن ہندی پاٹھۍ چھنہٕ سُہ بانہٕ اکھ گوہر فروش بلکہ چھُ سُہ اکھ گوہر سنج۔ زبانٕ ورتاوس منٛز چھ ٹینگ اکھ شیرین کار مانہٕ آمُت تہٕ وَنہٕ چھ یوان زِ سُہ چھُ پننہٕ نثر زبانٕ ذریعہ گوہر فروشی ہنٛز ٹھٹھ ہوٚمراوان۔ تسنٛز نثری زبان چھےٚ بیشتر جاین النکارِی تہٕ پرٕھن جاین چھےٚ تشبیہہ تہٕ صفتی لفظن ہنٛز برمار دِرینٛٹھی گرٕھان، یمو ستۍ اَہنٛز زبانٕ منٛز میچھر پادٕ سپدمُت چھُ۔ مثلن یہ اقتباس نیٚتو ؎

"نادم سنٛز آواز سپز تیتھے بنٛیل شاپتھ یمۍ سوٚد رِکین سنٛزن پاز کرِتھ تمہٕ منٛز اظہارک ہمالہ پربت ہیوٚر کھور۔ نادم سندی آوَن دیت کاشرِ کِس لفظ سمندرس چھونپتھ تہٕ امہٕ کِس تھٕس پیٚٹھ لگۍ اظہارٕ تہٕ باوٕنہٕ ہندی پرٕونٛز اووٕنی تہٕ ہے بنٛگ کرونی لال تہٕ موختہٕ امبرٕ۔"

یُتھ ہیو ورتاو ہیکہ یِزی زبانی ہند سیچھر ووتلاوِتھ دوٚن گو ویتہ چھُ اغلب زِ یُتھ
ہیو زبانی ورتاو ہیکہ نثر نگارس منز۔ وُچھِن ترٲیہ دوٚیہ طریقہ ہُٹوٚر یادِ کرِتھ۔ اوٚل یِزِ تخلیق
ستی جذباتی وابستگی قایم کرِتھ تہٕ پننوکہ نظر ٹاکارِ کرنہ یِتہ ہیکہ تہ یُتھ ہیو نثر نگار
بحیثیتہ نقاد امہ دایرہ نیبر نیرتھ یتھ پاٹھی ہکن تخلیقہ ہندی کینہہ پاس تمس وِنظر وڈٕتھ۔
یعنے یا تہ ہن تس امچہ خوبیہ خوبہ یا تہ خامیہ خامیہ نظر۔ دوٚیم ہُٹوٚر چھُ یِزِ امہ انداز ہیکہ
نہ کُنہ تخلیقہ ہُند تجزیاتی مطالعہ کرِتھ یِتھ تہ تجزیاتی انداز چہ عدم موجودگی منز الگ الگ
تخلیقکارن منز انفرادی تہ بیہم خصوصیژ بد کڈنہٕ چھُ مشکل۔ ووٚنی گو ویہ کیتھہ ہیکہ
نہ ٹمیگس متعلق صحیح اسیتھ تکیار۔ سہ چھُ توٚژراتی تنقیدُک قایل تہ توٚژراتی انداز باپتھ چھُ یُتھ
ہیوا لنگاری زبانی ورتاو کرنہ یوان۔

ٹینگ ہنز نثری زبانی ہنز نمایاں خوبی چھے امچ روانی تہ روانی ووتلاونہ باپتھ
چھُ سہ اکثر اکیہے جُملس منز ترٛہن لفظ جوڈن ہُند ورتاو کران یِم یا تہ ہم وزن آسان
چھِ یا ہم معنے یا قریب معنے۔ بعضے چھِ یم لفظ جوڈ مخالف معنے تہ تھاوان۔ اکھ زٕ مثالہ
وُچھو۔

۱۔ "کاشُر زبانی ہند دوٚر چھُ ماگ تہ درٛاگ ژالنہ باوجود یہ سوُیے
وہترا ونچ توٚژھ تہ تیہ تھاوان"۔

۲۔ حٲری ناتن ہنز زبان چھے ناز کار تہ ساد روار یمن ہندی پیکر
تہ تصویر چھِ مشاہدچہ زہانژ تہ زاوِ جارُک آینہ بردار"۔

ٹینگ تہ راہی سندس زبانی ورتاوس درمیان چھے اکھ نمایاں فرق یِزِ دوٚیمہ سندس نثرس
منز یِیتہ مخاطب ہنز موجودگی درِ تھمان سپدان چھے ٹینگ سندس نثرس منز چھینہ یہ ننی۔

ٹینگ ہندِس نثرس منز چھےٗ زٕ خصوصیژ یِم کنہٕ کنہٕ ساعتہٕ اَچھ کوتاہیہٕ تہٕ بنان چھےٗ۔ اوٚل اَہنز CONDUCIVE وۄدھ کٔڑ یِس کنہٕ ساعتہٕ مُبالغہٕ آمیزی ہندِس صورتس منز۔ یہٕ ووٚہنہ کُن پوان چھےٗ تہٕ دوٚیِم یِتھ کیتھہ پلناونک اندازُ وُنتھ ہیٚکو۔ دوٚیِمہ کیتھ پلناونکہ اندازٕ ستیٚ چھُ موضوع نِشہٕ غارمتوقع پاٹھۍ انحراف تہٕ سپدمُت۔ مِثلن نی تو دیباچہ رُسل میر سِنٛدِس منز ٹینگ میرس اَتی تراوتھ مہجورس متعلق ٹی، این، رینہٕ ہندِ ڈسی لیکھہٕ آمتِس مقالس پیٹھ واتان چھُ یہٕ زن موضوع مُطابق غارضروری باسان چھُ۔ اَمہٕ سببہٕ چھُ اَمہٕ ہندِس نثرس منز۔ کنہٕ کنہٕ REACTIONERY ترٲے تہٕ وۄدٕ لیمژ۔ یہٕ ترٲے چھےٗ سانِہ دوٚیمین دۄن اہم نثرنگارن منز تہٕ یِم چھِ امین کامل تہٕ موتی لال ساقی۔

کامِلس چھُ جدید غزلس منز پنُن اَکھ مُنفرد مقام تہٕ تسُند افسانوی نثر تہٕ چھُنہٕ کم دلچسپ کینہہ۔ اما پوز تنقیدی تہٕ تحقیقی مقالن منز چھُ سُہ زبٲنۍ وَرتاوس منز۔ غار رسمی روزنچہ کوشش منز اَکھ عام بولچالہٕ زبٲنۍ نکھ واتناوان۔ کامل تہٕ راہی ہندِس نثرس منز چھُ اکھ ہشر۔ یعنے مخاطبہ ہنز موجودگی ہُند باس دوشونی منز۔ مگر پنہٕ پنہٕ انداز۔ راہی ہندِن بیشتر مقالن منز چھُ متکلم پُراعتماد تہٕ زانکاری منز مخاطبس ہیوٚر۔ مگر کامل سُند مخاطب چھُ کنہٕ کُنہٕ تس ہم پلہٕ۔ باسان چھُ زِ کامل کیچھ بنتس مخاطبس کُن درجواب۔ چنانچہ "جواب چھُم عرض" چھُ اَمِچ ہرِ مثال۔ یِژھن جاین چھےٗ تسند تحقیقی یا تنقیدی زبان REACTIONERY اسلوبک رنگ ہیتھ۔

موتی لال ساقی ین تہٕ چھُ زنگارنگ موضوعن پیٹھ بسیار لیوکھمُت۔ یتھ منز تحقیقی نوعیک نثر زیادٕ ہین چھُ۔ اَہندِس نثر منز چھُ اطلاعاتی نثرکو مختلف گون تہٕ تہٕ لفظن پیٹھ تہٕ چھُس جان تھپھ مگر کامِلنہٕ پاٹھۍ چھُ اَہُند لہجہ تہٕ بعضے زِکھ ہیوٚت سپدِتھ تحقیقی زبٲنۍ ہندِ سوٚتھر نشہٕ ڈلان۔ مثالے ؎

"... کیہنہ دوس چھ وَنان زِ کلہن آسہ راج ترنگنی فردوسی ہندِس

شاہنامس نش مُتاثر سپد تھ پیچھ۔ کتھ کرنس تہ گبلہٕ نگاوَنس
چھُنہٕ کانہہ تہ اعتراض۔ سانیٚن ادبی کاروانس منز چھِ تِتھی واریاہ
لُکھ یِمو گبلہٕ لایِتھ ناو بنووِ تہ میر چودھری بنیہٕ۔"

یِہ اقتباسَس منز چھےٚ کینژن محققن مُند کلہنس متعلق اکھ مخصوص خیال رد کرنہٕ
آمُت۔ مگر رد کرنہٕ باپتھ یِژھ زبٲنی ہنٛد ورتاو کرنہٕ آمُت چھُ تِمہٕ ستی چھِنہٕ صرف نفاست
مُتاثر سپدان بلکہ چھےٚ نثر نگار ہٕنز رٕژھ تہ سطحس پیٹھ آمٕژ۔ سانیٚن ہنٛدین تحقیقی مقالن منز چھ
بعضے زٕژھی زٕژھی تمہیدیم کُنہٕ کُنہٕ غار ضروری باسان چھہٕ۔ "تارا ناتھ" تہ "کشیر منٛد سیاسی جغرافیہ"
مقالہ چھ اَمچہٕ رٕژ مثالہ۔

کاشرس نثرس چھُ شفیع شوق سنٛد دیت تہ اہم۔ نہ صرف افسانوی نثرس بلکہ غار افسانوی نثرس
تہ۔ شوقس چھ کاشرس ادبی تنقیدس منز ییٚن اکھ مقام تہ پاینہٕ اکھ تخلیقکار آسنہٕ باوجود چھ تخلیقی زبٲنی ورتاو
تہ نثر زبٲنی ورتاو چہ باہم تفاوُت زٕنیہٕ۔ حسبہٕ ہوشیار شوقن ورتاو نثری زبان رنگہٕ رنگہٕ موضوعن باپتھ یِتھ منز
ادبی، سائنسی تہ باقے علمی موضوع شامل چھ تہ موضوعن ہنٛد باپتھ موزوٗن زبٲنی ورتاو چھُ تَسنٛدیٚن تحریرن منز
اکھ ٹاکار خوبی۔ اَہنٛد نثرِچ بییہ اکھ خوبی چھےٚ اوہنٛد OBJECTIVE انداز۔ ٹینگ تہ راے ہنٛدس نثرس
منز ییٚتہٕ موضوعس تہ متکلمس باہم جذباتی وابستگی ٹاکارہٕ سپدان چھےٚ شوقس نثر چھےٚ یِژھ وابستگی
غار موجود۔ اَہنٛد نثرِچ بٔڈ خوبی چھےٚ اوہنٛد تجزیاتی انداز۔ یِتھ منز سُہ کُنہٕ تہ موضوعکہ یِژھ ضروری
پہلوٗ ٹنگ تفصیل وٕژھناوان چھ۔ مگر اَمہٕ باوجود تہ چھ اَتھ منز اختصار روزان۔ شوقہٕ ہنٛدس
زبٲنی ورتاوس منز چھ یہ اختصار مختلف وسیلو ستی آمُت یِمن منز دعویٰ دلیل، فہرست سازی
(LISTING) تہ وضاحت (DEFINITION) بیترِ تہ شامل چھہٕ۔ فہرست سازی ہنٛز
یہ مثال وُچھو۔

"ژٕورِمس ذٕلِس منز یِم واقعہٕ انفرادؠ یِتھ کِہ بارسس یِکۍ تہٕ نظمِ
ہِندِ تجربکۍ ذمہٕ وار بنییہِ تِم چھِ (۱) پبلک ہائے سکوٗل تہٕ کالیج
قایِم سپدٕنۍ (۲) کرکٹ کھیلِ ہِنٛد مقبوٗل سپدُن (۳) ۱۹۳۱ء
یَس منز شخصی راجس خلاف بغاوتھ"۔

اَمہٕ انداز بیانہٕ سٟتۍ چھِ شوق ہِندِس نثرس منز صاف گویی تہٕ سادگی آمٕژ۔ اُہِنز زبان چھےٚ
النکارو تہٕ بارٕ وٕنشہٕ چھٕلِتھ چھکِتھ اَمایُو زِ عام بولچالی زبانی نِشہٕ تہٕ چھےٚ یوٗر۔ اُہِندِس تنقیدس منز
چھےٚ موروٗضیت یِمہِ سببہٕ ادہٕ ہِند تنقیدی نثرس موضوٗع مطابق تہٕ کُنہِ غارضروٗری تفصیلہٕ
درأے آسان چھُ۔

شوق ہِنز نثر زبان چھےٚ تحقیقی تہٕ تنقیدی زبانی ہِنز اکھ معیاری تہٕ ٹکسالی زبان۔ کاٗشرِس
نثرس منز تہٕ چھےٚ بیشتر ترقی پذیر زبانن ہِندی پاٹھۍ لِسانی تہٕ لوغاتی بے ربطی تِکیازِ اکثر چھُ پریتھ
کانسہِ نثر نگارسنز نثر زبانی منز تِمنٛد علاقہٕ واد بِہِر واَرِ د سپدان مگر شوق ہِنز زبان چھےٚ کُنہِ حدس
تام اَمہٕ نِشہٕ مُچھ۔ رأہی ہِندی پاٹھۍ چھُ شوق تہٕ اصطلاح سازی کٕرِتھ کاشُر نثری زبانی ہِند دامنہٕ
وسیع کرنس دٕرِ پے۔ اَمایُو زِ اصطلاح سازی باوجوٗد تہٕ چھےٚ تہٕ قاری یَس اُہِنز زبانی سٟتۍ ووپرأزی
باسان۔ بلکہ چھُ یہِ پٔز زِ اُہِنز زبان یِتھ پاٹھۍ اکس سنجیدہٕ عالمہٕ ہِندِ باپتھ دلچسپ روزان چھےٚ تِتھے پاٹھۍ
چھےٚ اکس طالبہٕ علمہٕ ہِندِ باپتھ تہٕ لایق فہم روزان۔ شوق چھُ تِمو نثر نگارو منز یِہِند اندازِ بیان
تہٕ زبانی ورتاوس نوٚ پٕیہِ ہِندی نثر نگار تہٕ تقلید کران چھِ۔

آخرس پیٹھ چھُ یہِ وَنُن تہٕ ضروٗری زِ یِمن نثر نگارن ہِنز مےٚ وُنِس تام ذکر کٕرِ تہٕند یس
زبانی ورتاوس آسُن اَمہٕ علاوہٕ تہٕ بییہِ کینہہ مُنفرد خصوٗصیژ۔ یِمن کُن زِ مےٚ توجہ گوٚمٕت
آسہِ۔ یا یتہٕ چھُ صحیح زِ سانہِ زبانی منز چھِ غلام نبی فراق، رتن لال شانت یا ناجی مُنوٗر ہِوی

مقالس یتھ موجب طوالتُش مۍ نہ یمِن تہٕ۔ چھُ لایق مطالعہٕ نثر ہٕند نگارٕ نثرٕ اہم تہٕ بیٚیہِ
منزِ دِ حاطہٕ کرِتھ ہیٚوک۔



بشر بشیر

# کأشر تبلیغی ادبُک نثر

کأشرِ تبلیغی نثر ہیکون اَسی موضوعی اعتبار سر سری پأٹھی ترین زُمرن منز باگرأوِتھ:

۱. مذہبی نثر
۲. سیأسی نثر
۳. اطلاعأتی نثر

یہ چھےٚ الگ کتھ زِ بسا اوقات چھِ یمن ہندی سرحد پانہٕ وأنی یتی رلان زِ یم بیون بیون کرٕنی چھِ مشکل بان۔ توأریخی اعتبار اگر وُچھو تیٚلہِ چھےٚ ادبِچ یہے لَنٛڈ تبلیغی نثر سارِوے کھوتہٕ پرأنی تہٕ یتہٕ قدامت کہ اعتبارہٕ باقے تمام ادبی صنفن سرٕس۔ انسانس چھُ یہِ تھ دورس منز یُن نوقطے نظر بٔیین تانی واتناوُن تہٕ باقین پنٕن ہم خیال بناوُنہٕ خاطرٕ بیان بازی تہٕ تقریرِک ذٔریعہٕ کارگر باسیوو مُت تہٕ یہ ذٔریعہٕ چھُ سُہ آدن کالہٕ پیٹھ برٕوے کارانان آمُت۔ لفظ تبلیغ چھُ یہ تقاضہٕ تہِ کران زِ ونٕنہٕ وول چھُ اکھ تہٕ بوزن والی اکی آہنہٕ داریاہ۔ بوزن والین ہنٛز ذہنی صلاحیت تہٕ چھےٚ بیون بیون درجن ہنٛز۔ تہٕ تقریر کرن والِس چھُ تقریرُک اکھ خاص

مُدعا آسان۔

تبلیغی نثرٕس مُتعلق کتھ کرٕن وِزِ یژھ بہٕ گوڈٕ یتھ اہم کتھہِ کُن تہٕ اشارٕ کرُن زِ نثرچ یہِ لُنڈٕ کرتھ تمہِ لٹریچر نِشہٕ یوٚن زانہٕ نہٕ یتھ منز تفسیر، فقہ، شریعتکی یا تصوفکی زاوِلی نوکتہٕ بیان چھِ کرنہٕ آمتۍ۔ تبلیغ لفظس چھُ سیٚدٕ سیوٚد واٹھ خطابتس سٟتۍ تہٕ یہِ اصطلاح یوٚدوَے یژھ پاٹھۍ اسلامی پرچارٕ خاطرٕ ورتاونہٕ چھِ یوان تاہم چھُ امیُک دایرٕ امہِ نِشہِ بۆڈ۔ امہِ لحاظٕ اگر اُسۍ یتھ موضوعس سام ہموٚتیلہٕ یہِ اَتھ منز سُہ کاشُر نثرٕ یُس نہٕ آسنس برابر تحریرس منز چھُ اَمُت مگر تمہِ یہِ تہٕ غار معمولی اہمیت چھُ تھاوان۔ یتیتھ یژھ بہٕ ناجی مُنورٕ تہٕ شفیع شوق صابن یہِ اقتباس تہٕ پرُن زِ "کاشرِ نثرُک تاریخ (؟) ژھانڈنس منز چھےٚ بُنیادی غلطی کرنہٕ آمژٕ۔ تہٕ زن گوو صرف چھُ تھٕوِ تخلیقہٕ (؟) نثرٕ وتنہٕ یوان یہِ تحریرس منز آسہِ حالانکہٕ تحریرس منزٕ یُن چھُ اکھ اضافی معاملہٕ۔ واریاہ ادب چھُنہٕ زِ ہینۍ تہٕ تحریرس منز یوان۔ تہٕ تمہِ زبانہٕ (؟) تہٕ چھےٚ یمن منز ادب چھُ مگر تحریرچ رِوایت چھےٚ نہٕ"۔

گویا کاشرِ تبلیغی نثرٕکی یاوَنو تبلیغی ادبکہٕ نثرٕکی ابتدائی نموٗنہٕ چھِ تمے یموٚ کاشرِس باشہٕ یہِ تہٕ بُنیادی ضرورتھ یعنے کھین چین، روزن جاے تہٕ پلو دلوکی مسلہٕ اَندٕ تھٕ سماجی ضرورتن تحت خیالَن ہندِ ترسیلچ سبیل باوژٕ منز پژاو۔ تمۍ وُنی تہٕ اکھ اکس شیچھ خبرے یاژٕ بلکہٕ کرٕن باقے بێنن تجربن، احساسن، خوشین تہٕ غمن نِشہٕ تہٕ زانی یاب۔ اَتھ عملہِ منز ورتاو تمۍ زبان جسمانی حرکژ تہٕ فنکارانہٕ یا تخلیقی صلاحیت۔

تبلیغی نثرٕ چھُ اکثر صورژن منز غار تخلیقی نوعیژہٕ ہُند آسان یمیُک مقصد شیقہٕ عقیدن تہٕ خیالن ہُند ترسیل چھُ آسان تہٕ امہِ کہ برکتہٕ چھُ زانی تہٕ علمس منز ہُر برسیدان لہٰذا چھےٚ مُبلغ ہنز کامیابی یتھ کتھ منز زِ مُختلف چیزن یا علمن ہُند کرِ سہٕ تجزیاتی مطالعہٕ بێنن دعواہ

وٚیل کٔرِتھ ترتیٖبہٕ تہٕ انداز پیش یُس سمجھن سہل پید۔ تَس گرٛتھ یہ کتھ تہٕ زیر نظر آسنۍ زِ تَس کم چھ
بوزن وٲلۍ۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ دلچسپیہِ نِشہٕ دوٗر زِ کیٛتھن مُبلغن ہندِس زبان و بیانس منز چھُ
تیٚتھ تاثیر آسان زِ یہ چھُ تخلیقی اظہار ہیوٗ بٔرِاوان۔ یِتھۍ کٕنہٕ تخلیقی صنفِ ہنٛزۍ اصوٗل چھ
تِتھۍ کٕنۍ چھےٚ مُبلغ ہندِس تقریرس اکھ داخلی تہٕ منطقی ساخت آسان۔ یِتھۍ کٕنۍ رٕتہٕ یا
اعلیٰ پایہِ تخلیق پُراثر چھِ آسان تِتھۍ کٕنۍ چھ بلند پایہِ تبلیغی ادب تہٕ پُرکشش آسان۔
امہِ خاطرٕ چھ ضروری زِ مُبلغس آسہِ یہ پتاہ زِ تَس کوتاہ تہٕ کیاہ چھُ وَنُن۔ سُہ کمہِ ترتیٖبہ
وَنہٕ ہیٚکہِ کتھ تمۍ سٕنز۔ کتھہِ منز کتھ کدس تام آسہِ استدلال۔ سُہ کوتاہ ہیٚکہِ ہنٛزِ تجربہ چہ بنیاد
پیٹھ کتھ وٕرتھنےٚ کٔرِتھ۔ مُبلغ سند تقریر چھ مثال چھےٚ عمارژ ہنز۔ ہش پر بتھ کانہہ کٕنۍ تہٕ
سیر یوٗت تام تہٕ صحیح انداز لاگنہٕ یِیہِ توٗت تام بنہٕ عمارت پایدار تہٕ حسین۔ تقریر کۍ الفاظ تہٕ
جُملہِ چھ سوے حیثیت تھاوان یوسہٕ عمارژ منز کٕنۍ تہٕ سیر یا اینٹ چھ تھاوان۔ دُچھوے
تہٕ تخلیقی نثر کھوتہٕ گرٛتھ تبلیغی نثرس زیادٕ دلکشی آسنۍ تکیاز تخلیقکار قاری چھ بہرصورت
گوڈے پنٕنۍ ذہن یمہِ خاطرٕ تیار کران زِ تَس چھُ کانہہ چیز پرُن یا بوزُن تس چھےٚ ضرور
یمہِ کتھہِ ہنز شوٗق لوٗد آسان زِ تَس کیاہ پرِ نوٗد پرُن یا بوزُن۔ یوٗدوے سُہ تخلیق نِشہِ متاثر
تہٕ سپدِ تہٕ تمہ پتہٕ یہ تہٕ تخلیقکار سندین دوٚیمین پرن والین پیٹھ کانہہ خاص اثر۔
اَتھ برعکس چھےٚ مُبلغ پنٕز مجبوری یہ زِ سُہ گرٛتھ بوزن والین تِتھۍ کٕنۍ آدراوُن یِتھنہٕ تم
اَڈ وانی تمۍ سُند تقریر ترٛاوَن۔ دُچھنہٕ چھ آمُت زِ یُس نفر کانٛسہٕ خاص مُقرر یا مُبلغ
بُنٛزن نشستن منز دوٚو تھان پہان آسہِ تمۍ سٕنز سوچن ترٛاوے چھےٚ تمۍ سُندے
سوچن اظہار بٔرِاوان۔
تبلیغی نثرچ زبان چھےٚ بَرٕ پاٹھۍ سہل تہٕ شوٗز آسان۔ بولن وٲلِس گرٛتھ

زبانی پیٹھ قدرت آسنہٕ۔ اکثر صورتن منز چھ سائنی مبلغ اکی لفظکی واریاہ ہم معنہ لفظ پننس تقریرس منز ورتاوان۔ یمیک فائدہ یہ چھ نیران زِ اکھ چھُ معنہٕ واضح گژھان تہٕ دوٚیم چھُ مخاطبس منز جوش تہٕ جذبہٕ ہُران۔ یمہٕ آسہٕ کینہہ کتھہٕ تبلیغی نثرٕچن خاصیژن متعلق۔ وون یوٚت تام کاشرِ تبلیغی نثرٕک سوال چھُ تتھ متعلق آو یہ گوڈے وَننہٕ زِ کاشُر بولن وول یُتھے بنیادی منز وَر تونشہ فارغ سپد۔ یعنے جنگلی پھل پھلی ژھار ژھارٕتھ کام مچھ ترأوتھ تمہِ باقاعدٕ بستی لاج تھٲوٕتھ پیوو تبلیغی نثرتہٕ تھٲوٕنہٕ۔ تاہم ہیکوٚ تہٕ امہِ خاطر کانہہ ثقہ تواریخی دور آسی متعین کرتھ۔

تواریخی اعتبار چھُ یہ کتھ کھر سپزِ مرتز کشیرِ پتھ اکھ وقتہٕ بوود وقتک گدر روزمرتہٕ بودھ بھکشوسن ہندا کھ عام طریقہٕ اوس مقامی زبانن منز تبلیغ۔ پانہٕ مہاتما بدھن کوٚر پالی زبانی منز دھرمک پرچار۔ یہ کتھ اگر پزٕ مانو زِ ترییم عالمی بودھ کانفرنس آس کشیرِ منعقد تہٕ زناگ سین اوس کاشرٕ تیلہِ پتیہ آسہٕ یہ مانُن زِ تمی ستی مشہور کتاب ملند پانہ آس کاشرٕ تبلیغی نثرٕک اکھ نادر نمونہٕ۔ بقولِ پروفیسر محی الدّین حاجنی از کل چھُ وَننہٕ یوان زِ ناگ سین آس یہ کتاب کنتواری کاشرس منز سوالہٕ جواب کِس صورتس منز ڈٲنی مرتہٕ۔ از بروٚنہہ کینہہ ؤری میوٚل منے جوٚم یونیورسٹیہ ہندس بدھسٹ سٹیڈیزٕ شعبس منز اکس سیمنارس منز شرکت کرنک موقعہٕ۔ ترتہٕ سپز امہِ کتابہٕ ہندس موضوعس تہٕ اہمیتس پیٹھ کتھ۔ سیمنارس منز آسی ملکہِ کیو طرفو پیٹھ آمتی سکالر موجود۔

تہندخیال اوس زِ ازتام چھنہٕ یہ پتاہ زِ ناگ سین کُس تہٕ کتینک اوس تمن پیلہِ منے پتہٕ کم کاسہٕ مطالعہٕ تہٕ یادو وٚترکِنی کینژن ثانوی اہمیت ہنزن ریفرنسن ہنز بنیاد پیٹھ یہ کتھ ڈٲنی زِ ممکن چھُ ناگ سین آسہٕ ہے کاشرٕ تہٕ ملند آسہٕ ہے تمہٕ وقتہٕ کس کاشرس

منز تہِ موجود سارِ نے سکالرن ہُند خیال اوس زِ اتھ کتھ پیٹھ گوژھ مزید تحقیق سپدن۔
کٲشِر منز ووت تبلیغی نثر ژوداہِم صدی یہ منز عرف جس ییلہ کٲشِر منز اسلام وت۔
امیر کبیر میر سیّد علی ہمدانیؒ، تہندی فرزند میر محمد ہمدانی رحؒ تہ تمن ستۍ آمتۍ سادات پھری کٲشِر
ہندِ پرٛ طرفن تہ لوکھ تبلیغ کرن۔ ظاہر چھُ زِ یم آسہن فارسی، عربی زبانی بولان تہ
اکھ دور یس منز اوس گوڈے فارسی زانن والین کاشرن ہند تہ اکھ جان تعداد موجود۔
سادات ہنز علمی زندگی نِشہ متاثر سپد تھ تہ فارسی زانن والین کاشرن نِشہ تہندس
فلسفس تہ نظریہ حیاتس متعلق زانی یاب سپد تھ کوٚر عام لوکو اسلام قبول۔ گویا عام
لوکن میچ۔ یہ دعوت یِتہ کین عالمن تہ دانشورن نِشہ یہندی پیشوا علمدار کشمیر شیخ نورالدین
نورانیؒ ہوی بزرگ آسی۔ تہنز یوسہ شاعری آسہ تام واتمژ چھے تہ تہ چھُ خطابی تہ تبلیغی
رنگ تہ ظاہر چھُ زِ یہ کینژ تھاہ تم نثرس تہ عام کتھ باتھ ہندِ انداز فرماوان آسہن، تہنز
شاعری بروہہ کنہ تھ آسہ ہے تتھ عالمانہ انداز تہ تہ لوکہ ادبک ہیو منس پریون
تاثیر بیتسھ پرشہ یہ بیہ اکہ پھِر یہ ونُن زِ خالص مذہبی موضوعن ہنز۔ یوٚدوے کاشرس
منز کینہہ زانہ مژ مانزِ تہ ورژ کتابہ موجود چھے یمن منز سرام پور مشنری ہند طرف
نوٹیسٹامنٹک ترجمہ تہ برٹش بائبل سوسایٹی ہند طرفہ اولڈ ٹیسٹامنٹک ترجمہ قرآن
شریفکی تہ امہ کین سوٚرن ہندی ترجمہ تہ تفسیر، اسلامی فقس، حدیثن تہ شرعی معاملن
متعلق مابا قے کتابہ شامل چھے تہ یوٚدوے یمہ کتابہ تبلیغی مقصد خاطر لیکھنہ آیہ تاہم
ین نہ یم براہ راست تبلیغی نثر کِس زمرس منز شامل کرنہ۔ مذہبی موضوعاتن پٮ۪ تبلیغی
نثرِ وضاحت کران چھُ تتھ منز چھ واعظ شامل۔ یوٚدوے مختلف مولوی خاندانن منز
مختلف موضوعن متعلق واعظ تحریری صورتس منز تہِ موجود چھ تاہم چھنہ یمن واعظن

ہندی تحریری نُسخہٕ عوامس برٕس ۔ سرینگر میر واعظ خاندانس منز، بڈگامہٕ آغہٕ خاندانس
تہٕ بیٚین مولوی گرَن منز چھ یتھی نسخہٕ اما پوز یِمن تام چھُنہٕ عام لُکن رسائی ۔ وُچھنہٕ چھُ
آمُت زِ یِم صاحب یِمن گرن سٟتؠ تعلق تھاوَن والین مبلغ حضراتن ہُندیٚو دربیر واعظ
بوزان آسن آمتؠ تمن نشہٕ چھُ یہ نَنان زِ واریاہن موقعن پیٹھ چھ تِمن باسان زِ امہٕ موضو
پیٹھ یِمہ کتھ وَنٕنہٕ آیہٕ تمہٕ آسہٕ تمو بر دِ ہہ تہٕ یتھی ہے وعظس منز بوزمژ۔ البتہ واعظ سُند
ذاتی تُلُن تراوُک تہٕ کتھ باتھ یا دِنُو اسلوبُک چھُ وعظہٕ تہٕ تبلیغ کِس اثرس ہُراوان یا
چھوٚ تراوان ۔ یِم حضرات اَز تہٕ بیوٚن بیوٚن جایَن وعظ بوزان آسن تِمن آسہٕ ضرور یِمہٕ
کتھ ہُند انداز زیر پیٹھ مُبلغس چھُ ہِنٛ اکھ منفرد اسلوب تہٕ انداز تہٕ کیسٹن صوٚرژن
منز چھ مولوی صابن ہندی خاص تکیہ کلام یا تکہٕ تراوُک انداز لُکن ہندین ذہنن
منز گنگراوان روزان ۔ آڈیو و جول شعبس منز تکنیکی ترقی کِنہٕ چھ وونی کیسٹن مذہبی
عالمن ہندی تقریر تہٕ واعظ کیسٹن پیٹھ رِکاڈ کرِتھ میلان یِمن منز مولانا داوٗدی، مولانا
سیّد اشرف بُخاری تہٕ دارالعلوم رحیمیہ ہِس سٟتؠ وابستہ علماہن ہندی واعظ شامِل چھ ۔ کاشُر
مذہبی یا دِنو تبلیغی نثرٕچ اکھ خاص خصوصیت چھےٚ عربی تہٕ فارسی لفظن ہُند زۆرٕ استعمال ۔ زبانی
ہتھ روایتی کُنہ کُنہ مقفی عبارژ تہٕ امہٕ علاوٕ شائستہ زبانی ہُند ورتاو چھےٚ یِمن خصوصیژ ۔
چونکہ تبلیغی نشستن ہُند اہتمام چھُ مذہبی جایَن تہٕ محفلن منز یِوان تہٕ یِمن جاین ہرگاہ
کانہہ مسلہٕ یا کتھ پُوٚچھتہٕ تہٕ وَنتہٕ آسہٕ لفظ گرژھن بہر حال شائستگی ہندِس معیارس پیٹھ وُترٕنۍ ۔
ییلہ زَن سیاسی موضوع کِس تبلیغی نثرس منز یا سیاسی تقریرس اتھ حدس تام شائستگی، سلیقہ
تہٕ انکساری قایم چھُنہٕ روزان ۔ مذہبی تبلیغک انداز پُوت حلیمی، نرمی تہٕ لطافہ ہسان
آسہٕ تیوٚت چھُ پُرَاثر تھےٚ گنی چھُ سیاسی تبلیغ زور و شور جوشہ تہٕ دلولک تقاضہٕ کران ۔

کأشِر تبلیغی نثرچ اکھ اہم خصوصیت چھےٚ یہِ زِ اَمۍ بخش لوکن تنقیدی شعور۔ سأنۍ مُبلغ
بلکہ تِم مذہبی یا سیاسی پرچارکران رُودۍ، تِمَن تقریرَن منز چھ تِم ضرور کانہہ نہ کانہہ
شعر پرَان ہَتہٕ تِمَہ کِس معنیس سام ہیوان۔ سانیٚن مسجدن منز یِتہِ اقبال تہٕ شیخ العالمٕنۍ شعر
وعظ محفلَن منز ورتاونہٕ چھِ یِوان تہِ چھِ یمے سان دوٚیمیٚن شاعرن ہُند کلامہٕ سیاسی
تقریرن منز جلے پرٛاوان۔ یِمَو رن ووٚلو ہا باغو یا بھتی ہوۍ دوٚیم تِمَہ سِیدۍ عوامس
منز تبلیغہ کِنۍ متعارف تہٕ مقبوٗل۔

ترقی پسند تحریکہِ زیرِ اثر کوٚڈ کأشرِ ادبی نثرن وارِیاہ کاڈ، ڈراما، افسانہٕ تہٕ ادبی
مضموٗن منز۔ سِیدُ بڑھ تہٕ بولیتھ اَمہ تحریکہِ ہُند پرچار اکثر صوٗرتن منز۔ یوٚدوَے یأ پیغام
موادیا پرچار فنی قدرن پیٹھ غالب سُپدِ تِمہ باوجوٗد تہٕ ہیکَن نہٕ یِم تخلیق خطابتی یا تبلیغی ماننہٕ۔
تبلیغس چھےٚ بہرحال یِمَن تخلیقن منز ثانوی حیثیت۔

۱۹۴۷ ہس کیو سیأسی حالاتو پتہٕ آیہِ کشیر منز کیہنہ ادبی تہٕ ثقافتی انجمنہٕ بارسس کلچرل
محاذ، کلچرل کانگرس، آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس بزمِ ادب وغارٕ تنظیمن ہند طرفہٕ اَسی
ادیبن تہٕ دأنشورن ہندۍ اجلاس لگان تہٕ کیہنہ جریدہ تہٕ سپدۍ شایع۔ یِمن تنظیمن منز
ادس یتھ پأٹھۍ پریتہ طبقہٕ شأمل یِتھ کنۍ یِم تقریرہٕ یِمن مجلسن منز سپدان آسی تہنز۔ تمۍ یِت
اَس یِہام تبلیغی اسلوٗبہٕ نِشہِ منایوٚن۔ مُقررا آسی لفظن ہندس استعمالس متعلق زیاد حِسہٕ
ہُشار۔ یِمو تقریرو منز یوٚدوَے اکثر لوکن یاد رُودۍ نہٕ مگر فن خطابتس میوٚل کأشرس
منز نووٚ واتھار۔ کیٚنہ کیٚنہ چھ اَسہِ یِمن تقریرن ہندۍ اقتباس مختلف رسالن منز نظرِ
گژھان۔ مثالے کوٚنگ پوش رسالس منز مرحوم غلام محمد صادق صأبن یہِ اقتباس۔

" اَز چھ امریکی تہٕ فرنگ سام آجی سأنس قومس غلام

> بَناوُن یَرتھان تہٕ سازشہ کرِتھ چھ یَرتھان سویت
> رٕوسس خلاف فوجی اَڈٕ بناوُن کوٚنگ پوش تہٕ تمہِ
> لیکھن والی ترقی پسند اُدیب تہٕ شاعر چھ یہ کتھ پوٗر
> پأٹھی سمجھان ۔ یِہ تام زٕ یِم خطرٕ دوٗر سپدن تہٕ یوٚتام
> ہٕ کاشرٕ لُکن پننہِ مُستقبلُک فیصلہ کرنہٕ خاطرٕ
> آزادی میلہِ توٚتام کرنہٕ کاشرٕ لُکن ہنز تمدنی زندگی
> تہٕ پوٗرٕ پأٹھی ترقی ۔ لہٰذا یمِن سامراجی سازشن نِنگہ
> کرِتھ کوٚنگ پوش لُکن ہندِس جدوجہدس تہٕ
> رہنمأیی"۔

یہ اقتباس یوٚزِتھ چھ واضح سپدان زِ ممکن چھ یِتھی تقریرٕ آسہن گوڈے ترتیب دِنہٕ یوان یا پیٚٹھ برونہہ لیکھنہٕ یوان ۔ ہرگاہ تہٕ تیلہ آسہن یِم تقریرٕ یمِن ہندی اقتباس چھپنہٕ برونہہ زبأنی اعتبارٕ شیرنہٕ پأرنہٕ یوان تکیازِ دُچھنہٕ چھ آمٕژ زِ تقریرس منز چھپنہٕ زیادٕ تر صورتن منز لفظن ہٕنز ترتیب مکمل پأٹھی ڈٕ بجہِ مکان روزِتھ ۔ سیاسی نثرُک بیا کھ اکھ اہم پہلو چھ یہ تہِ وقتہٕ مسلم کانفرنس، نیشنل کانفرنس تہٕ محاذ رائے شماری ہٕندین اجلاسن منز یمِن منز سپدن والی تقریرٕ آسہ زیادٕ جوشہ جذبہٕ برِتھ آسان ۔ اقبال تہٕ مہجورنی شعر آسہ یمِن سیاسی تقریرن منز پأٹھی استعمال کرنہٕ یوان ۔

بحیثیتِ مجموعی چھُ عام کاشر سٕتھے زیرک اَتھ تہٕ تقریرٕ تہٕ تبلیغ کِس معاملس منز شرمیلہ طبیعتُک ۔ اَتھ شعبس منز چھ روزِتھ چھ زیادٕ وجہ سیاسی نوعیتٕچ ہندی ۔ سانِن سیاسی رہنماہن ہندی تقریرٕ چھپنہٕ تہٕ پأٹھی ادبی نثرٕکی نموونہٕ ہیکی نہٕ بنِتھ کنہ

اَسہِ ناما دارِ سٹیٹس مینٛز ہندی تقریرٕ دِنہٕ یوان چھ۔ دُچھنہٕ چھ آمُت زِ یِتہٕ وَتھ چھ
سیاست کارَن ہٕنٛز معیارٕ ی تقریرٕ تہٕ پالیسی بیان دِوَن والیٚن دانشورَن ہندِ مشورٕ تیار
کران اورکُن چھ سانِہن سیاست کارَن تہٕ کِمیٚ بہن ظون گومُت یِمہ کنۍ تہندِ ین
تقریرَن منز ترٛٹھہ ہش تہہ تہٕ توٗرٕ ٹھ باگہٕ چھنہٕ یوان یُتھ یِم بروٚنہہ کُن تہٕ بھرٕ نہٕ پہن۔
بیاکھ وجہ چھُ یِہ زِ کشُر منز۔ چھُنہٕ یُتنہٕ ہِن کہٕ تہٕ وادوٚریَن تقریرٕ تہٕ تبلیغک شعبہ علمی
سطحس پیٹھ دٕرسی اہنارٕ بھابلیو مُت۔

کاشرس تبلیغی نثرس پوچھر دِنس منز چھ ریڈیو کشیرک تہٕ اکھ زبردست رول۔
ریڈیو پیٹھ یِم کاشرِ تقریرٕ نشر چھ سپدان تہنز حیثیت چھےٚ عام طور اطلاعاتی آسان۔
خبرَن تہٕ تبصرَن ہندی سکرپٹ چھ سانِس ریڈیوس منز بنیادی طور اردوس منز تیار
سپدان تہٕ ترجمہ کرنہٕ ورِ چھنہٕ یِمَن کاشرِ مزاز باگہٕ یوان تہٕ کُنہٕ کُنہٕ چھنہٕ یِم کاشرِ بھور
مُطابق تہٕ آسان۔ تاہم اگر کاشرس محاورس پیٹھ بولَن والیس گرفت آسہٕ تیلہٕ چھ تھن
بے اثر اطلاعن تہٕ ادبی نثرک ہیوٗ مزٕ یوان۔ شمبھوناتھ بھٹ حلیم سندی ترجمہ کرٕ ی متی
نیوز بلیٹن چھ کُنہٕ نہٕ کُنہٕ مجلس منز سون توجہ آورادان۔ چھیکرس دِنہٕ یہ پی زِ تبلیغی
نثرس چھ عام سماجی زندگیہ منز اکھ اہم رول تہٕ یہ شعبہ بھاپھلاونہٕ خاطرٕ گرٕ ژھن کھوٚسی
قدم تُلُنہٕ ینۍ یُتھ زن کاشرِ سُند سوچن اہنارٕ یِزنہٕ یاگھٹی پریتھ دورس منز بادتھ پزادٕ۔

مجروح رشید

# نثرس منز باوتھ : کینہہ کتھہ

نثر چھُ انسانی باوتھ ہند اہم ترین ذریعہ تہٕ اکھ تیتھ وسیلہ یتھ شاعری ہندی پاٹھؠ بسیار رنگ تہٕ روپ چھہٕ۔ زبان دانن تہٕ بڈین لکھارین چھُ یتھ کتھہِ پیٹھ اتفاق زِ نثر چھےٚ مولہٕ کنہِ اکھ ادبی اظہار یُس شاعری نشہٕ بینہٕ آہنگچہِ رنگارنگی تہٕ بےٚ نظمی (IRREGULARITY) کنہِ مختلف چھُ تہٕ اتھ چھےٚ دوہ دِشکین گفتارٕ طرحن (SPEACH PATTERNS) سٟتؠ زیادٕ مطابقت شعرس تہٕ نثرس درمیان چھےٚ اکھ فرق یہ زِ شعر اگر نے فکرِ تہٕ ترِ تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ اتھ منز بوزن وأل سند باپتھ تہٕ پرن وأل سند خاطرٕ جمالیاتی فرحتک سامانہٕ بہم آسان تہٕ اتھ برعکس چھہٕ نثر یارک مدعا تہٕ مقصد معنہٕ ہُک مکمل ابلاغ بنان۔ شعر پرنچہِ عملہٕ دوران چھُ قاری شاعرٕ سند منفرد لب ولہجہٕ تہٕ تمی سند کلہم اظہار سٟتؠ حظ پراوان تہٕ نثر پرنہٕ ورزتہِ چھُ تمِس نثر نگار سُند اسلوب متاثر کرِتھ رنزناوان۔ نثر نگارٕ سند اسلوب تہٕ اظہار کوتاہ تہِ رنگین تہٕ مرصع آسن تام چھےٚ معنی تہٕ مطلبس نثر پرنچہِ عملہٕ دوران

بُنیادی اہمیتھ۔

نثرس چھ واریاہ رنگ تہٕ بسیار پاس تہٕ یمن سارِنے کوم کرٕنی چھِنہٕ گژھ کتھاہ۔ تاہم چھ اَسہٕ ہوٕن طالب علمن ہنز آسانی باپتھ بڈ بوادیو اتھ سلسلس منز سیٹھے کارآمد بحث کٔرِمتۍ ییم اَسہٕ پرتھ مرحلس پیٹھ رہنمائی کرِتھ ہیکن۔ یموے بڈ بو لکھارو منز چھ اکھ اہم ناو L.G ALEXANDER یُس نثرس تریہ قسمہ باگنے کرٕ۔

١۔ افسانوی نثر NARRATIVE PROSE

٢۔ بیانی نثر DESCRIPTIVE PROSE

٣۔ منطقی نثر ARGUMENTATIVE PROSE

کُنہ تہٕ ذاتی، ماہر یام۔ ازگ نثر پرکھاوہٕ وِز چھُ فاری تمہٕ نثر پارک اسلوب آسانی سان بدٕ کڈتھ ہیکان تکیازِ کانہہ تہٕ خیال، تصور، کشف یا سونچ چھ لفظن ہند اکھ خاص التزام سۭتۍ کاے ہیکان لبتھ تہٕ لفظن ہندیو ہے مخصوص التزام چھُ لکھارِی سنز پرزنتھ۔ یہ کتھ تہٕ چھِ قابلِ ذکر زِ پرتھ نثر نگار سُند اسلوب (شاعر سُند تہٕ) چھُ تمی سُند ذہنک عکس یا وتو گنڈ۔ بعضے چھُ یہ سپدان زِ کانہہ شخص چھُ شعوری یا غیر شعوری طور کانہہ بڈس لکھارِی سندِس اسلوبس توسیع کرنہٕ بجایہ مسخ صورت کران۔

مولہٕ پزٕ چھُ یہ زِ پرتھ کانہہ لکھارِی چھُ بینہٕ بینہٕ آیہٕ تہٕ انداز مختلف النوع سونچہ نہن تہٕ تراین اکس منفرد اسلوبس منز پیش کرِتھ بینہٕ وجود کہ اشانگ سنز کران تاہم چھِنہٕ پرتھ کانہہ نثر نگار نہٕ نہرل انداز بیان ہیکان پراوتھ تہٕ نہ چھُ بینہٕ تخلیقی وجود کہ باہے قارس دِتھ ہیکان۔ مگر بڈین تہٕ ناما وار ادیبن ہنز شخصیژ چھِ تہندین نثر پارن منز جہار لبان تہٕ قارئیس چھ نہٕ صرف بینہٕ آسنک باس دِوان بلکہ چھس یِمن آسن پزٕنہٕ پاکھ باسناوان۔ چونکہ

پریتھ لِکھارِ سٕندی لیکھ چھِ مۆلہٕ کنۍ ذٲتی سوٚتھر کیٚن مسلن تہٕ معاملن اکھ آفاقی سطح عطا
کرنک امتحان آسان تہٕ پریتھ امتحانس منز چھِنہٕ سارٕے وۄمید وارن ہنز کامیابی ممکن۔
آفاقی قدرن ہنز باوتھ سیٚدنہٕ باوجود چھےٚ یہِ کتھ شبقہٕ زِ لِکھارِ سٕنز شخصیت
(تخلیقی شخصیت) چھےٚ لاشعوری طور اتھ عملس منز کارفرما روزان۔ اَدے چھ باوتھ
مختلف رنگن ہنز کیمہٕ چھِ ہُمِش ہُمِش پاٹھی لکھان۔ کینژن چھِ نثرٲنی ہنز "وۆنل خیالن" ولنہٕ یوان تہٕ
کینژن ہندین نگارشاتن منز چھِ اسلوبُک سلیقہٕ مندی تہٕ باوژ ہنز نفاست ٹاکارٕ۔ عالمن ہُند
دوٚپ چھُ زِ پریتھ بجہٕ زبانہٕ ہندین نثرنگارن ہندین کینژن نثرپارن منز چھِنہٕ باوتھ واضح تہٕ صفا بلکہٕ
چھےٚ بےٚ ڈول تیٚھین نثرپارن منز تہٕ چھےٚ ایجازس کانہہ اہمیتھ نہٕ اختصارس کانہہ معنویت۔ اَتھ برعکس
چھُ تیٚھین ادب پارن منز لفاظی، تصنع، باوژ ہند گجرتہٕ ہنگہٕ تہٕ منگک ابہام ٹاکارٕ تہٕ حاوی۔
ظاہر کتھ چھےٚ زِ تیٚھس نثرس منز چھِنہٕ ادیب سٕنز باوژنہٕ کانہہ معنہٕ تہٕ نہٕ مطلبے بلکہ چھُ
پزریہ زِ باوژ ہند انتشار چھُ قٲری سٕندس ذہنس تہٕ منتشر کران تہٕ تمِس چھُنہٕ تیٚتھ منز
پرنس دوران انتشار وراے کہنے چیز ییلہٕ یوان۔ اَتھ مقابلہٕ چھےٚ واضح، صاف تہٕ سلیقہٕ
مند نثری باوژ منز قٲرِیس تیٚچھنک عمل آیٚت تہٕ روٗحانی تہٕ ذہنی آسودگی بہم روزان۔

وۄنی چھُ سوال پادٕ سیٚدان زِ صاف، واضح تہٕ نفیس نثر کتھ پاٹھی تہٕ کمن کمن رنگن
منز ہیکہٕ لیکھنہٕ ییتھ یا یہِ کم کم صوٗرژ ہیکہ برٲوِتھ۔ ژھوٚٹی پاٹھی ہیکو وۄنتھ زِ اَمہٕ قسمکس نثرس
ہیکن زٕ طرح اَستھ۔ اکھ گوٚو سادٕ تہٕ بیاکھ گوٚو مرصّع۔ تیٚتین چھےٚ یہِ کتھ وَنہٕ تہٕ ضروری
زِ سادٕ نثر لیکھُن تہٕ تتھ منز برٕزی کانہہ مخصوص کتھ، تصوٗر، یا سوچ باوُن چھُ دشوار گُزار
مرحلہٕ۔ وُہمہ صدی ہُند انگریزی نقاد ایلیٹ اوس سادٕ، واضح تہٕ شفاف باوژ منز یقین
تھاوان مگر سادگی رٹتھ وُتھیم باوژ ہندی اعلیٰ منزل نمی برٲوِ دیٚمیک اعتراف اوس نمی سٕندین

دشمن تام ۔ اُردوٗ زبانہِ منٛز کوٚر امہِ قسمُک اسلوٗب شمس الرحمن فاروٗقی صابن اختیار۔
اگر اَسی ییٚنہٕ کاشُر زبانہِ ہندِس نثری سرمایس پیٹھٕ بیٛٹھی تہٕ نظر ترٲوٕ وٕ اَسی کرٕو شدٕ ژ
سان محسوٗس زِ سون نثری سرمایہ چھُ زیٛادٕ پاٹھۍ مرصع تہٕ مسجع ۔ تاہم چھِنہٕ وونی سادٕ تہٕ شوٗد
نثر لیکھن والین ہنٛز تہٕ کانہہ کمی ۔ یتھ روٗز کتھ تمہٕ کاشُر نثرچ یُس زیٛادٕ پاٹھۍ مرصع چھُ تتھ
ہیکوٚ اَسی سوے نظر کرِتھ یوسہٕ کینہہ وری بروٚنہہ شمس الرحمن فاروٗقی صابن ابوٗالکلام
نِس نثرس پیٚنس "شبِ خوٗن" رِسالہِ کس اَکِس خاص شمارس منٛز کٔر ۔ "شبِ خوٗن" رِسالس
منٛز کوٚر تمہٕ مرحوم مولانا ابوالکلام سندِس نثرس پیٹھ زبردست بحث یُس سنجیدگی تہٕ
عالمانہٕ سوٚتھرس پیٹھ پاسہٕ سون چھُ ۔ (افسوٗس چھُ زِ "شبِ خوٗن" رسالہٕ چھُنہٕ دوٚنی ییران)
فاروٗقی سُند گفت اگر کہوٚٹھ مانون ییٚلہِ چھ سیٹھاہ کم کاشُر ادیب GENUINE
نثر لیکھان تہٕ دعوٰی یمن ہوکن مرصع نثر لیکھنُک برم چھُ تمن ہیکوٚ ییٚلہِ اَسی وُنِتھ زِ جناب
ہُتھندی لیکھ چھِ محض لفظہٕ اگندِ، پُرتکلف بانہٕ بنٛز لفظن ہندِ چھرا طمطراق، تصنع آمیز تہٕ
EPIGRAMMATIC جُملوٚ تہٕ دوٚیمو ژھلوٚ تہٕ ولوٚستہٕ برتھ تہٕ ییٚنہٕ نہٕ کہنہ ۔

بہرحال یہ کتھ اَتی ترٲوِتھ یمو وونی ییٚنہٕ اَکِس مسلس کُن تہٕ سُہ گوٚو یہ زِ برتھ کانہہ
نثری باوتھ ہیکہٕ نہٕ معروٗضی آسِتھ تاہم چھُ یہ تہٕ اکھ پزر زِ دارٕ ہیو لکھارٕ چھِ پننِن
خیالَن، تصوّرن تہٕ احساسن معروٗضی باوتھ کرنس منٛز کامیابی میلان، یہ تہٕ چھے پننہٕ
جایہ اکھ مسلمہ حقیقت زِ اکھ ذات پسند نثر نگار چھِنہٕ پننِن نثر پارن منٛز ذاتہٕ ہیوٗر وُتھ ہکان
تُلِتھ ۔ سانہٕ زبانہِ منٛز چھِنہٕ SUBJECTIVE نثر لیکھن والین ہنٛز کانہہ کمی تاہم چھِ تمن SUBJECTIVE
نثر نگارن ہنٛز تعداد انگشت شمار یم قٲری یس بیک وقت سوٚنچناوان تہٕ رنزناوان چھِ ۔ معروٗضی
نثر نگار چھِنہٕ پننہٕ ذاتُک پرتو پننِن لیکھن پیٹھ پینہٕ دِوان ۔ امہِ قسمکی لکھارۍ

ڇو ذاتي تاثرات پس پُشت ڇڏي غير شخصي انداز بيان پاڻائي ٿو. نيٺ ڇو غير شخصي اسلوب ورتائين، ان جي حوالي اُهو انگريزي لکاري سنديه فڪر انگيز احساس اسان جي آڏو پيش ٿو ڪري، ان سان ذهن روشن ڪري ته غير شخصي اسلوب اپنائڻ وارا اديب پنهنجي ذات ضبط ٻڌڻ ڪري سگهندا آهن.

" HE HAS TO GET RID OF THOSE INDIVIDUAL ECCENTRICITIES THAT SEPARATE HIM FROM THE REST OF HUMAINITY AND TO EMPHASIZE ALL THOSE QUALTIES THAT PROCL- AIM A COMMUNITY OF SPIRIT WITH HIS FELLOWS. WHEN HE LEARNS TO EXPRESS NOT THOSE FEELINGS AND ESPIRATIONS THAT ARE PECU- LIAR TO HIMSELF, BUT THOSE THAT ARE COMMON TO ALL, THEN, AND NOT TILL THEN, HE BEGINS TO WRITE GOOD AND ABIDING LITERATURE."

ٻڌي نقاد ته اديب ڇو ڪٿي ٻيٺو ته متفق نهٺوس (CONTRETE)

باوتھ چھے رتہٕ نثرٕچ علامتھ ۔ ادبی حوالہٕ زٕنگ چھے باوژنہٕ ز (CONCRETENESS) زیادٕے اہم ۔ بہتر نثر نگار چھ ٹھوس لفظن زیادٕ مازان تہٕ اکاین (ABSTRACT) شبدو تہٕ باوتھو ( EXPRESSIONS ) نشہٕ چھ انحراف کران ۔ مگر یتھ پٕز رس کیاہ کرٕ زٕ اظہار کین وارین سوٕ تھرٕ ن بیٹھ چھنہٕ (ABSTRACTIONS) کٔن لکھاری کمٕ پائٹھی تھر ہکان پھرتھ ۔ بہرحال کتھ چھے تہٕ کرتھ تہٕ کھرٕ زٕ لکھاری یوٚتاہ قریب حقیقی چیزن تہٕ ٹھوس حقیقژن روز تیوٚتاہ معنہٕ سوو بنہٕ تمی سٕندا ظہار ۔

شاعری اندر چھے آہنگس سیٹھاہ اہمیت تہٕ رٕتس نثرس منز تہٕ چھ اکہٕ نہٕ بیہٕ طریقہٕ آہنگ ٹاکار آسان ۔ نثری آہنگ تہٕ امکی مختلف رنگ چھ صوتی تاثرٕ و علاوٕ بر محل محاورن ہندٕ ورتاوٕ ستی تہٕ دوٚ کیموٚ ژھلوٚ ستی بارسس یوان ۔ افسانوی نثر نگار چھ افسانہٕ یا ناول تخلیق کرنچہ عملہٕ دوران ییمہٕ کتھہٕ ہند خیال تھاوان زٕ مختلف منظر، واقعات کردار تہٕ تہنز عمل تہٕ ردعمل گرٕ ژھن باوژہندس مجموعی کیتس وجود بخشنی ۔ بیانی نثر نگار چھ بیانچہٕ شدٕ تہٕ بیٹھ زور دوان تہٕ منطقی نثرس منز چھ نثر نگار تصورن تہٕ حقیقژن باوتھ کرنس دوران وارین مشکلن تن دوان ۔ تس چھ ییمہٕ کتھہٕ ہند خیال یوان تھاون زٕ سٕ گرٕ ژھہٕ قارین سونچنہٕ باپتھ کینہہ نہٕ کینہہ دیٚن ۔ یُتھ نثر چھ نوٚن سونچہٕ ہنزٕ زایٚن کانچھان تہٕ قاری چھ حظہٕ بجایہٕ سونچنکس عملس منز آور نہٕ یوان یتھ پٚٹھ مختلف لطف تہٕ مزٕ چھ ۔

( یہٕ مختصر پرچہٕ چھ طالب علمن ہنز درسی مجبوری کٕنی لیکھنہٕ آمت )



# شاعری، نثر تہٕ اسلوب

شمیم شوق

دُنیہچن سارنے زبانن ہُند تواریخ وُچھتھ چھُ شاعری ہنز اولیت امہِ کہِ قدامتُک تصدیق سپدان۔ نثر چھُ پرتھ زبانہِ منز قومہِ چہِ سماجی اقتصادی تہٕ تمدنی ترقیہِ ہُند نتیجہ آسنہٕ کنہٕ اظہارک اکھ نوو وسیلہٕ۔ یتھ چھُ یہِ یاد تھاوُن ضروری زِ اسی چھِ صرف تمی نثرچ کتھ کران یُتھ تخلیقی نثر ہکو وُنِتھ۔ نہٕ تہٕ چھُ نثرے شاعری بروٚنٛھ عام دوہ دِینہِ کِس کاربارس منز ورتاونہٕ آمُت۔ مگر اتھ نثرس منز اوس نہٕ لیکھنہٕ یوان۔ گوڈہٕ گوڈیُس نثرِ لیکھنہٕ آو سُہ اوس شاعرانہٕ نثر۔ یاونوامہِ نثرک حُسن یا قبوٗح اوس شاعریہِ ہندو معیارو کِنہٕ وُچھنہٕ یوان۔ خالِص نثریُس شاعریہِ ہنز بالادستی نِشہِ آزاد چھُ، آو سیٹھاہ ژیری اکثر زبانن منز۔ ارداہمہِ صدی یہِ یہِ تہٕ بارسس تہٕ کیٚنژن زبانن منز چھُ وُنہِ تہٕ بارسس ینی۔

شاعری تہٕ نثر چھِ نہٕ واتہٕ اظہارکی زیٚون یوٚن وسیلہٕ، مگر یِمن دوٚن منز باگ کتھ جایہِ تھاوو دِینہٕ اتھ سوالس آو ارسطو سندِ زمانہٕ پیٹھے دل دِنہٕ مگر جواب چھُ وُنہِ تہٕ تشنہٕ۔ مگر تہٕ کرِتھ چھِ نثرس تم کیٚنہہ خاصیژ یمہٕ شاعریہِ منز چھِنہٕ تہٕ شاعریہِ چھِ بنہٕ کیٚنہہ خاصیژ

ییمہٕ نٔثرس منٛز چھےٚ۔

۱۔ عام پأٹھۍ چھےٚ نٔثرس تہٕ شأیرِ یس درمیان گوڑنیُک فرق یہِ ہاونہٕ یوان زِ شأعرِ یس منٛز چھےٚ بحر، وزن، قافیہ تہٕ ردیف یوان ورتاونہٕ ییلہِ زَن نٔثرس منٛز یِم چیز چھینہٕ آسان۔ مگر یہِ فرق چھنہٕ حتمی تکیازِ اگر نٔثری شأعری تہٕ شأعری مانون، اَتھ منٛز تہٕ چھینہٕ وزن بحر، قافیہ تہٕ ردیف نظر گژھان تہٕ اَتھ برعکس چھُ تیتھ تہٕ نٔثر آمُت لیکھنہٕ یتھ منٛز نٔثر نگار کٕنہ ضابطہٕ تہٕ قاعدٕ ورأی وزن تہٕ قافیہ پأداوس کران۔

ہریش چندر: ہے برٛہمن۔ کو کارِ تہٕ چھےٚ دُکھی من۔ پنُن پریوزن وَن۔

برہمن: مہاراج! تیٚتھ اوسُم شوٗنگتھ تہٕ سُے نیوُم ہہن۔ مےٚ چھُم وُنکین وأنٛج وُہن۔ یوٚد وَے چِل چِل سہہ مارِ ہَن مےٚ چھُم آشا زِ تیٚتھ میون زندٕ اَہن۔

(ستیہ کہوٹ: نندلال تہٕ)

دوٚن گوونوس نٔثرس منٛز چھِ یِم مصنوعی چیز یوٚت پلہ تیوٚت دوٗر یوان تھاونہٕ۔ نوٚو نٔثر چھُ عام گُفتارس ہیٚحس قریب روٗزتھ نےٚ ساختگی بےٚ پھرکبر تہٕ روأنی تھاران۔ نٔثرس چھُ پنُن آہنگ ضروٗر مگر اگر اَتھ منٛز موٗسیقی ہُند عنصر نوٚن چھُ نیران، نٔثر چھُ کتن کھرون باسان۔ مثلن ییلہِ کُنہِ ساتہٕ کُنہِ نٔثر پارس منٛز کانہہ لفظ زیادٕ دُہراونہٕ چھُ یوان یا ییلہِ کُنہِ ساتہٕ اکثر جُملہٕ اَکی سےٚ کالس پیٹھ اندر چھِ واتان۔ (آسان، کران، مران، تھاوان بیتر)

۲۔ نٔثر چھُ گرامرُک پابند۔ نحوی ترکیبس منٛز معموٗلی پھیر تہٕ چھُ نٔثرس منٛز عأب بنان تہٕ جُملس چھُ اکہِ معنے بدلہٕ بیاکھ معنے نیران۔ مثلن وَنُن آسہِ "روٗد بیوٚو" (یعنے روٗد موکلیو پیٹھ) اگر وَنو بیوٚو روٗد مطلب نیرِ روٗد داوس نہٕ بوان تہٕ ووٚنۍ

پیوٚن ۔ نثر خاطر چھےٚ نحوٕکین ضابطن ہنٛز پابندی ضروری ۔ اَتھ برعکس چھےٚ شاعری نحوکیو
وارِہو ضابطو نِشہٕ مجبوٗر ۔

۳۔ شاعری ہُند خاصہ چھُ اظہارُک ژھوچرٕ تہٕ موچرٕ ۔ شعری جُملہ منٛز چھ تِم ساری
وارٕہ لفظ، ڈکھ کرٕ اوتی بیٚتر ترٛاوِتھ یوان ژھٔنِنہٕ یِم وانِہ دِنہٕ خاطر غار ضروری آسن مثلن
"اکھ کورم دا اکھ بوٚز ژٕ ٹھ پوٚت منظر ڈل محض سُلطان ہِند اَستانُک پرٛدٕ۔"
(نظم ' شفیع شوقُن البم ' گُلشن مجید)

اَمی نثری ترکیب بنہٕ یتھ پاٹھۍ: "اکھ کور تہٕ اکھ مرد چھ بوٚز ژٕ ٹھ تہٕ یمن چھُ پوٚت منظر
ڈل تہٕ اتھ پتہٕ کنہٕ چھ محض سُلطان سُند اَستان پرٛدٕ ترٛاوان۔"

۴۔ کینہہ مواد چھُ تیُتھ یُس خاطر لازمی من شعری زبان ضرورتھ چھےٚ تہٕ کینہہ مواد چھُ
تیُتھ یُس خاطر نثری زبانہِ کام ہیٚکہِ دِتھ ۔ شاعری چھےٚ تِمہٕ وِز پرٛتھان یِلہِ باوٕنہٕ یِنہٕ دول
تجربہ صریحاً ذٲتی آسہِ ، یِلہِ باوٕنہٕ خاطر صرف جذبہٕ آسن ۔ نثرس منٛز تہٕ یِلہِ ذٲتی تجربٕ
باوٕتھ چھےٚ یوان کرنہٕ اکھ تیُتھ نثر چھُ پرٛتھان یتھ شاعرانہٕ نثر چھ وَنان ۔ اَتھ برعکس
چھ نثر تجزیہٕ تبصرٕ تہٕ بیانہٕ (DESCRIPTION) خاطر مناسب ۔ نثر چھ سانہٕ واقفیتس
ہُربرکران ۔ شاعری چھےٚ بالغِہ شاعرِ ہندِس فِضہس منٛز سون جمالی حِس رنٛزناوان ۔
"منٛز گامہٕ چھُ پھولمُت زِندگی گُل" چھُ اکھ معقول نثری جُملہ یُس اکھ اطلاع چھُ دِوان یُس
اطلاع منٛز گوم گرٛتھتھ یوٚز یا اَپزٕ ثابتھ ہیٚکہِ کرتھ یتھ ۔ یوٚہے جُملہ "یِلہِ" نایدہٕ ٹیٚسٹھ وِن
(نادم) نظمہ ہندِ فِضہس منٛز چھُ یوان، اکھ چھُنہٕ کانہہ تہٕ اطلاعاتی اہمیتھ روزان ۔
تہٕ امیک یوٚز یا اَپزٕ آسُن ہیٚکہِ نظمہ ہندِس فِضہس منٛز نے ثابتھ سپدِتھ ژٕ اتھ امیچ چھا

نظمہِ ہِندِس مُتنس منز موزوٗنیت ۔

۵۔ نثرُک ترجمہ چھُ ممکن تِکیازِ امیُک ترجمہ کرنہٕ وِزِ چھُ ترجمہ کارس صرف اکھ اطلاع ییٚس زبانہِ منز تارُن ۔ چوٗنکہ اطلاع چھُ کُنہِ خارجی حقیقتہٕ متعلق اوٚکنہِ یہِ نہ ترجمہ کرنس منز زیادٕ دقت ۔ اکھ برعکس چھُنہٕ شاعری ہُند ترجمہ ممکنے ۔ تِکیازِ شاعری یہِ کینژہاہ چھُ تہِ چھُ اکھ بیٚن داخلی چیز ۔ یعنے لفظن ہنز آواز، لوٗت آوازٕ، لفظن ہنٛدی پانہٕ وانی رشتہٕ تہِ یہندی مانوی امکان ۔ یم چیز روزن توتے تام موجود یوتام یم ییٚنہِ اصلی حالتس منز موجود چھ ۔ تکیازِ یم چھِ کُنہِ گنڈتھ تہٕ شقہٕ ہیٚرتہٕ منز وجود تھاوان ۔

۶۔ یوٚدوے نثرس کیو شاعری منز موادہٕ ہیتھ زِ یوٚن ۔ یوٚن چیز چھنہٕ بلکہ چھ اکی چیزکی زِ پاس مگر تہِ کرِتھ تہِ چھ یم تنقیدس منز الگ الگ پاٹھی بیٚرلوان کرنہٕ ۔ نثرس منز چھے ژٕ اہمیت موادس تہِ شاعری منز ہیٚرتہٕ ۔ اکھ نثری جملہ ہیکون مختلف طریقو بہٕ تھاویتھ ہیٚرتہٕ ہنز اہمیتھ منسٔر اوٚ تھ تہِ مواد روزِ نو تہِ کُنے ۔

سُہ چھُ سارنے ہندِ کھوتہٕ جان ۔
کانہہ تہٕ چھُنہٕ تٔس ہیو جان ۔
کانہہ تہٕ چھُنہٕ تٔمی سندِ کھوتہٕ جان ۔
ساری چھ تٔمی سندِ کھوتہٕ خراب ۔
جان آسنس منز واتہٕ نہ تٔس کانہہ ۔
سُہ لوٗت جان چھُ تیوٗت چھُنہٕ کانہہ ۔
کُس چھُ تٔمس ہیو جان ۔

بیتر ۔

شعرٕ ہِکون پٕنہٕ اکھ کھوتہٕ زیادٕ ہیژن منز ؤنِتھ۔ اگر یژھ کوشش کرنہٕ ییہِ پرتھ کانٛہہ
ژُصور تھاؤسہِ نو شعر یتھ پٔنٛ الگ معنے آسہِ۔

نثرس تہٕ شاعری منز ممکن حدس تام فرق ژارٕنہٕ تھُچھ سوال وۄتھان تھٔبن ادب
پارن ہُندیٚن ہندِ خاطرٕ ہیٚژ ہنز بندِش اہم چھےٚ۔ مثلن سأنی جنگ نامہٕ ہیٚکہن نثرس
منز تہٕ اٚسِتھ۔ (تہٕ شاید روزِہن نثرس منز ہے جان) سوال چھُ زِ یمہ کُس وجہ چھُ یمہ کِنہِ جنگنامہ
لیکھن والیو شاعری ہنز ہیٚتھے مناسب زانٛی۔ یہ سوال ہیٚکہ پٕنہٕ رسول میرنہٕ یا محمود گامی نہٕ
شاعری متعلق پٕزٕ تھٕنہٕ یتھ تیکیاز تہندی وژن تہٕ غزل ہیٚکن صرف تِتھے پأٹھۍ اٚسِتھ یتھ پأٹھۍ
چھُ اَتھ سوالس چھےٚنہٕ شاید یمہِ ورأےٚ بیٚیہ کانٛہہ جواب زِ شعرن منز دلیل وِنٛزٕ اوسُس
وقتک رِواج یُس سانٛو جنگنامہ لیکھن والیو قبوٗل کوٚر۔

آخرس ییٚژھ کرٕ بہٕ یمہِ بابہِ کِس نتیجس کُن پلنےٚ اِشارٕ تیکیاز نوو باب چھُ نثرس
متعلق، زِ نثر چھُ شاعری نِسبتہٕ بیوٚن اظہارُک اکھ طریقہٕ تہٕ جان نثرس چھُ پننی تِم لوازم
یِمنہٕ شاعری ہندِ خاطرٕ ہرگز چھِ۔ اٚسۍ گژھو نہٕ شاعری ہُند تنقید نثرچ موٗلاکوٗن کرنہٕ
خاطرٕ ورتاوُنۍ۔ یتھ پأٹھۍ ژِن از تام سأنۍ نقاد ورتاوان آمتۍ چھِ۔ تہٕ سأنۍ کیٚہنہٕ نثر نگار
تہٕ چھِ شاید احساسِ کمتری ہندی شکار آسنہٕ کِنۍ، شاعری ہُند ہیوٚمرازٕ پنٛنِس نثرس
منز پادٕ کرنٕچ کوشش کران۔

# نثرٕ کی قسم

نثر چھُ علم واناوان، نثر چھ کیہنہ کرٕنج کَل گَنڑاوان، نثر چھ زندگیہ منز برونہہ پکنہٕ خاطرٕ کانہہ وتھ ہاوان، نثر چھُ بہتر پاٹھۍ زندٕ روزنہٕ خاطرٕ وطیر بدلاوناوان، نثر چھُ کُنہٕ مسلس پیٹھ عقلہٕ تہٕ منطقہٕ چہ رہبرِیہ منز سوچہٕ ناوان ــــ مختلف نثر پارن چھ مختلف مقصد، تکیازِ مختلف نثر پارن منز چھُ مختلف مواد۔ چونکہ نثر پارن منز چھے ہیٚتھ موادس تابع روزان، اوکنۍ ییلہِ اَسۍ نثرس منز موادچ کتھ کرو ہیٚتہٕ ہنز کتھ تہٕ ووتھ پاتے یا ہیٚتہٕ ہنز کتھ تلو موادک بحث تہٕ ووتھ پلنۍ۔ نثرس منز مواد چہ تہٕ ہیٚتہٕ ہنز اتھی ہم آہنگیہ ہنز بُنیاد پیٹھ ہیکو اَسۍ نثر کیٚن اہم قسمن پرزناوِتھ :

اطلاعاتی نثر۔ امیُک مقصد چھُ صرف پرن والِس کُنہٕ چیزِچہ شکلہِ منز گرٕتِج یا تمہِ چہ ماہیتِچ زان کرناونۍ تہٕ تمی سنز۔ واقفیت ہُرہٕ کرُن مثلن۔
یم بڈۍ بڈۍ قبیلہٕ اَسۍ کلی فقیرن ہندی پاٹھۍ روزگارکس تلاشس منز اکہٕ جایہ پیٹھ بییس جایہ گژھان۔ یتی نس تہٕ کُنہٕ دٕریاوس اَندۍ یِکھ رٕژہِہن جایاہ وُچھہن

تتھ تہِ بساوِن پوٚر۔ عام پاٹھۍ آسۍ واریاہ قبیلہٕ کُنہٕ اکِس علاقس منٛز سمٕتھ رہان بسان۔ پرتھ قبیلس اوس پنُن اکھ بہادر جوان مرد آسان یُس تہٕ کام جنگ کرُن اوس۔ یوٚہے سردار اوس قبیلک سوٗرُے انتظام کران ۔۔۔"

امہِ اقتباسچ سارے دِل پسپی چھےٚ امہِ کِس موادس منٛز تہٕ کُنہِ تہِ جایہِ چھُنہٕ اسلوبہٕ نوٚر پرن والِس توجُہ پانس کُن پھران۔ تکیازِ لیکھن والین چھُنہٕ زبان ورتاونس منٛز کُنہٕ قسمچ تنگگری ہاومٕژ۔ ساری جُملہٕ چھِ مکمل پاٹھۍ غار استعیارٲتی صرف چھےٚ گوڈنکس جُملس منٛز اکھ تشبیہہ "یمہٕ بڈۍ بڈۍ قبیلہٕ آسۍ کلٔی فقرن ہندۍ پاٹھۍ روزگارکس تلاشس منٛز اکہِ جایہِ پیٹھ بیٚیِس جایہِ گژھان"۔ مگر یہِ چھےٚ اکھ سادٕ تہٕ عامیانہٕ تشبیہہ۔ یہِ چھےٚ خیالس گژھاونہٕ بدلہٕ اکھ وضاحتھ کران۔ تکیازِ کلٔی فقرن ہنٛز اکھ خاصیت یعنے اورٕ یور پھیرُن تہٕ چھےٚ جُملس منٛز ہاوٕنہٕ۔ یتھِس نثرس منٛز چھےٚ لیکھن والی سنٛز کامیأبی یا ناکامی صرف یتھ کتھ منٛز ژُمی کتھ حدس تام تہٕ کوتاہ سہل پاٹھۍ کوٚرُن ژُمی سندِس علمس ہُر بر۔ امکۍ جُملہٕ چھِ عام پاٹھۍ زٕ ہوٚتۍ آسان مگر جُملن منٛز ژھوچہٕ پادٕ کرنہٕ خاطرٕ گژھن نہٕ غارضروری تہٕ نثرِ یماہٕ لفظ ورتاونہٕ یِنۍ۔ نثر نگار گژھہِ لۅت پہٕ تیوٚت النکارٕ ونشہٕ پرہیز کرُن۔

"غزلہٕ کِس اکھ لطیف تہٕ حسین پیکرس چھُ محمودس پتہٕ رسول میرن تہٕ گتھ کران تہٕ مہجور تہٕ لول بران۔ آزاد تہٕ نزِ آلوان تہٕ رسا تہٕ رُت کانچھان۔ اکھ چھِ اُنکۍ اوٚل صفکی شاعر تہٕ موٚتہٕ میٹھی کران"۔

(کأشر غزلک ابتدا تہٕ ارتقا۔ غلام نبی فراق)

یہِ چھِ اکھ تنقیدی مضمونُک اقتباس۔ یہِ چھُ پنٕنہٕ حدرِ دس لفاظیہ باوجود تہٕ بےٚ معنے

لوٗل بُرُن، تراَوٕنہٕ رُت کانچھُن، موٗنہٕ میٹھۍ کرٕنۍ لفظ چھ پرٕن والیس اَکس بدلے عالمس کُن
نِوان تہٕ لیکھن والۍ سُند کوٚنچھمُت مطلب چھُنہٕ ہرگز تہٕ نٕنان۔ یِم لفظ چھِنہٕ مختلف غزل نگارن
ہٕندِس مُنفرد مزازس کُن کانہہ اِشارٕ کران۔

اطلاعاتی نثرِ خاطرٕ چھےٚ خاص کٔرِتھ ترٛے خاصیژ لازمی: سٔنزر، نثر تہٕ ژھوچر۔ یِمہٕ خاصیژ
ہیکن تیٚلی اَتھ منز یِتھ یِلہٕ یہٕ مکمل پأٹھۍ غار شخصی آسہ۔ لیکھن والۍ سٕنز شخصیت آسہٕ نہٕ کُنہٕ تہٕ جایہ
اِظہار لبان مگر تہٕ کٔرِتھ چھ اطلاعاتی نثرٕکۍ تِھی کیٛنہہ نموٗنہٕ یِم نہٕ خالص اطلاعاتی چھ نثر نگارس
چھُ پننس موضوعس سٟتۍ کانہہ خاص جذباتی رٲوِیہ آسان یُس تمۍ سٕنز۔ لفظہٕ زارِ منز۔ وۄتلتھ
یِوان چھُ۔ مثلن۔

"سرینگرکس جنوٗب مغربس منز چھےٚ یوٚہے داہ باہ میل دوٗرِ بڈگامٕچ تحصیلس منز۔ ناگچ
سرے آباد۔ اَتہٕ پیٹھ یوٚہے زٕ ترٛے میل دوٗر چھُ دوٗدِ گنگا یہ ہٕندِس بٹھس پیٹھ کرالہٕ دور
گام بسیٚتھ۔ یہ گام چھُ بڈٕ پُر فضا جایہ واقع۔ دوٗدِ گنگا چھےٚ اَتھ قُدرتُک رباب ہیٚتھ
فطرتُک لافانی ساز وایان آسان تہٕ اَتنک کُشادٕ مادان تہٕ وُسی وڈر چھےٚ نظرِ فرحت
تہٕ فراخی بخشان۔ سونتکہ پرتو پیوٗنے چھ یِمن مادانن منز۔ رنگہٕ رنگہٕ جنگلی پوشہٕ لوٚکھ
ہیٚتھ نیرتھ یِوان تہٕ سبزار چھُ زمرُدی فرشہٕ فروش وۄتھراوان۔ اَتھی رومان پرور
ماحولس منز زاو کأشر زبٲنۍ ہند رومان پرور مثنوی نگار مقبوٗل شاہ۔ مقبوٗل شٲہن
ناو یِلہٕ یِوان چھُ، نوش لبہٕ ہٕند مارٕ موٚند پیکر چھ نظرن شاداب کران تہٕ طراوت
بخشان۔" (مقبوٗل شاہ۔ اکھ سام۔ محمد یوٗسف ٹینگ)

مقبوٗل شٲہس تہٕ تمۍ سٕنز شاعری سٟتۍ چھُ حُسنُک تصوٗر وابستہ، یہ تصوٗر کٔڈِتھ پیٹھ
اَنہٕ خاطرٕ چھُ نثر نگارس خوبصوٗرتھ پوٚت منظر ہاوُن پیوٚمُت تہٕ یہ ہاونہٕ خاطرٕ چھُ لفظن

ہُند جساوی معنے تیتھ پاٹھۍ ورتاوس منز اَتھ آمُت زِ یہِ چھُ کانہہ اطلاع بہم کرنہٕ بدلہٕ پَرَن
والِس ذہن پانَس کُن پھِران تہٕ نثر چھِ یتھہٕ پاٹھۍ شاعرِیہ ہُند مزاز اختیار کران۔ یہِ چھےٚ
شاعرِیہ ہندی پاٹھۍ استعارٲتی زبان۔ اَتھ منز چھِ شےٚ استعارٕ: قُدرتُک رَباب، فطرتُک
لافانی ساز، نظرن فرحت تہٕ فراخی بخشان، سوٚنتُک پرتَو، زُمردی فرشہٕ فروش، نظرن شاداب
کران تہٕ طراوت بخشان۔ یِمو شیٚو استعارو علاوٕ چھِ اَتھ اقتباسَس منز رنگین بادِ
تہٕ واریاہ (کل شراہ) مثلن، پُرفضا جاے، کُشادٕ (مادان) وسیع (وُڈر) رنگہٕ رنگہٕ جنگلی
پوشہٕ، ماری موٚند لیکر ابیتر۔
اطلاعٲتی نثرس منز چھُ یہِ اکھ ضروری شرط زِ لیکھَن وول گژھہِ پننہِ پسند، ناپسند، پننہِ
جذبہٕ یوٚت تھاوُن تہٕ موختصر لفظن منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ علم واتناوُن مگر اَتھ سۭتۍ سۭتۍ
چھُ تس یتہٕ دیان تھاوُن زِ اختصارٕ موکھہٕ گوٚژھ نہٕ حملن پیٹھ جبر سپدُن تہٕ جبر کنہِ گژھہِ
نہٕ جملہٕ کھوٚردار بننہٕ تہٕ معنیس گژھہِ اونہٕ۔ اَتھ منز ہیکہِ نہٕ نثر نگار توٚتام کامیاب سپدتھ
یوٚتام نہٕ تمس تتھ زبانہِ پیٹھ پوٚرٕ پوٚرٕ دسترس آسہِ یتھ منز سُہ لیکھان آسہِ، سُہ گژھہِ
نحوی اصوٗلن ہُند پوٚرٕ پوٚرٕ خیال تھاوُن، نہٕ لیکھہِ سُہ یتھ ہیٚو نثر:
"مہاراج رنبیر سنگھہ نہِ عہدکوٚ رسید یعقوب خانن یُس یارقندُک سفیر
اوس، انگریزن درخواست زِ سُہ چھُ حضرت امیر سید بوٚذریعہ منز تہٕ
تمہٕ اقرار نامہٕ موجوب یُس حضرت میر سید محمد ہمدانی تہٕ سُلطان
سِکندرس درمیان سپدمُت چھُ، چھُ تس خانقاہ مُعلیٰ کس جاگیرس

کاشُر انسائیکلوپیڈیا۔ جلد۔۱ص:۱۶۱

اِملا تہٕ رسم خطٕچ غلطیو علاوٕ چھِ اَتھ جُملَس منز CLAUSE تیتھ پاٹھۍ ترتیب دِنہٕ

آہستہ آہستہ اکی تعداد چھ بوزن نگان زتہ نثر نگارن چھ کتھ تام انگریزی جملس لفظ بہ لفظ ترجمہ کرن یوان ہمت۔ نتیجہ یہ نیران زیرن والس چھنہ کہیں تہ یلہ پیوان۔ تمس پتیہ گوڈ جملس مستی جنگ کرن تہ یہ سہل بناوُن تہ کنہ نوی شکلہ منز اَننُ اَد وارہ کن۔

۲۔ **تبلیغی نثر**:۔ تبلیغی نثرس منز چھ نثر نگارن سند مقصد واقفیتھ دنہ کھوتہ زیادہ پرن والس کانہہ خاص حرکت کرنک کانہہ خاص نوطیر ترا وتھ کانہہ نوو وطیر اختیار کرنک وتش آسان دُن یا پرن وول کانہہ خاص کتھ ماننہ ناوُن آسان۔ اتھ منز ہیکہ نہ لکھاری پننہ شخصیتھ الگ تھاوتھ۔ تکیازِ تمی سندی پننہ ذاتی عقیدہ چھ یتھ تمی سندس اسلوبس منز اَڈرتہ یوان۔ پننہ عقیدن پرن والی ہندس ذہنس پیٹھ تاوُنہ خاطرہ چھنے نثر نگارس پننہ سارے تکنگری تہ ورتاونی پیوان۔ اتھ منز چھ لہجہ (TONE) تہ زبردس اہمیتھ تھاوان تہ نثر نگار چھ لفظن تتھ پاٹھی ترتیب دوان زِ لہجہ چھ وارہ پہس حدس تام نون نیران:

"یتھ پاٹھی انسانہ ہند زندہ روزنہ خاطرہ ہوا تہ غذا ضروری چھ تتھے پاٹھی چھنے تسند باپتھ تعلیم تہ ضروری۔ ہوا تہ کھیون چیون چھ انسانس تتھے کنی زندہ تھاوان، یتھ پاٹھی کانسہ حیوانس یا جانورس تہ زندہ تھاوِ۔ اگر انسان یوسے مقصد ہیتھ زندہ روز، تیلہ چھ سُہ حیوان کیا، حیوانہ ہند کھوتہ برتر تکیازِ اُمس چھ زندہ روزنس سیتی سیتی انسانیتکی تھدی مقام تہ منزل سر کرنی۔ اَمہِ خاطرہ چھ اُمس قدرتن ساری سامانہ بخشمتی، تم سامانہ یم نہ حیوانس چھِ"

صحیح تعلیمی نظام تہ اَمیک نصاب۔ تنہا انصاری

لیکھن وٲلِس چھِنہٕ صرف تعلیمہٕ ہندی فٲیدٕ باوٕنی بلکہ چھُس زیادٕ ہوکن تعلیم حاصل کرنُک تبلیغ کرُن تہٕ پانہٕ زٕ ہوکن گژھنہٕ کل۔ لیکھٲری چھُ پوٗر شدتہٕ سان وَنان زِ غار تعلیم یافتہٕ چھُ حیوان ہند کھوتہٕ بتر۔ نثر نگارن چھِ تقریری وَل تہٕ ورتاوِی متہٕ، مثلن سُہ چھُ انسانکِس گوٗن بیان کران تہٕ اَتھہٕ ستی چھُ انسانس پیٹھ قدرتچن مہربانین ہنز تہٕ ذکر کران۔ اَمہِ زبان چھے تیز تہٕ ہزلی۔ جُملہٕ چھِ زٕ ٹھی تہٕ صاف پانہٕ ہاوان زِ لیکھن وٲلی چھُ وُزتھ وُزتھ سوٗنچمُت تہٕ لیوکھمُت۔ گوڈنِکس جُملس منز چھُ وُہ لفظ دوٚیمس منز کُنُوہ ترٛیمس منز ترٛوہ تہٕ ژوٗرِمس منز بیداہ۔ جُملن منز چھے خیالَن ہنز ترتیب یہِ۔

گوڈنیُک جُملہٕ: تعلیم چھے ضروری

دوٚیم جُملہٕ: حیوان تہٕ انسانس چھُ کھینس چینس تہٕ زُوتس منز ہوی۔

ترٛیم جُملہٕ: انسان اگر صرف کھینس کُنے کرِ، سُہ چھُ حیوان گمر انسانس چھُ تھدی مقصد۔

ژوٗرِم جُملہٕ: خُدایَن چھے اَدے انسانس عقل دِژمٕژ۔

۳۔ ڈرامائی نثر۔ یِتھس نثری بیانس منز چھُ نثر نگار پننہِ ذاتی جذبہٕ تہٕ احساس پھہ تھاوان تہٕ واقعہٕ تھہٕ پانہٕ باوان زِ یِم چھِ پانے پنن تاثر ترٛاوان۔ یِمس نثر نگارس اَمہِ مشکل کامہِ ہند فن آسہِ تہٕ سُہ چھُ لفظن ستی فضول گندان تہٕ نتیجہٕ چھُ نیران اسنس لایق۔

" شہ ووت اہمیلا یمبنٹ ایکس جینجس نزدیک۔ کتہٕ پدی ڈاسی جمع۔ اَنِتھ رُوٚسی تھکی متہٕ تہٕ لوسی متی پدی۔ پالستہٕ رُوٚستے موکھ پَن پان رجسٹر کرناوان، ڈِگری اَتھَن منز ہیتھ۔ مِس وِد لیومُت جنگل دِل گوہ یمتی

وَبھ، رُح ژھو کیمتی ژانگی ۔ وُداسی، بُسیتھ تہ تصویر تمی ترووو وش ۔ تَس
ژوُل بے حکمن نیرتھ" یہ سمسار چھِ دوکھن ہُندگرٕ ۔"

(ترُوان : اوتار کرشن رہبر)

گوڈنیتھ چھُ موضوع ترٛیمہ درجہ چہ کنہ ہندی فلمہ ہندسین باسان ۔ بیٛٹھ چھُ
نثر نگار واقعس دیدمان ہاوَنس منز ناکام سَپدتھ لفظن ستۍ فضوُل جنگ کران
مگر اَتھ چھُس نہ کہنی لوان ۔ نثر نگارن چھِ حماقتس لایق استعارہ ورتاوی متۍ ۔
بے کار نوجوانَن "پدی" وَنُن چھُ انتہائی غارٕ موزوٗن ۔ پالشہ رۄستے بوٗٹھ جُملہ چھِنہ امہ
برونہِمس جُملس ستۍ کانہہ تسلسُل تھاوان تہ امہ پتے لیکھن "ہنٛز پان رجسٹر کرناوان" چھُ معنے
تھاوان زِ بوٗھ آسی ہنٛز پان رجسٹر کرناوان تہ یمن آسہ ڈگریہ اَتھن منز ۔ "ڈِگری" اَتھ حالژ
منز وَنُن چھُ غلط تہ صحیح چھُ ڈگریہ ۔ یمس وولیوُمٕت جنگل چھُ رٛژھ کھنڈ بصری SUGGES
TIVITY تھاوان مگر دِل گوٚ یمتۍ وَبھ رُح ژھو کیمتی ژانگی، وُداسی، بُسیتھ تہ تصویر لفظ
چھِنہ کہنی تہ SUGGEST کران ۔ یمن لفظن ہندا کِسے جُملس منز آسُن چھُ معنوی
اعتبارٕ تہ غلط تہ منطقی اعتبارٕ تہ ۔ نثر نگارس چھُ پانَس تہ ۔ امہ بیانہ کِس اثرس پیٛٹھ
شک تہ توَے چھُ واقعس ہنٛز تاثر پانہ قایم کرنس منز آزادی دِنہ بدلہ آخری جُملس منز
پانے اَکھ STATEMENT کِردارس ہندس آسس منز تھاوِتھ پرن والِس متاثر تھاو
کرُن ۔ نثر نگارن چھُ نثر نگار سُند فریضہ مُتراوِتھ شاعرس ہند سوٚمرازٕ پادٕ کرنٕچ
کوٚشش کرمٕژ ، مگر یہ نہ چھُ شاعری روزان تہ نہ نثر ۔
اَتھ برعکس چھُ ڈرامائی نثر لیکھن وول واقعس خود کار تہ خود موختار
بناوِتھ پنٕنۍ شخصیت لوٗب تھاوان تہ پانہ یا کِردارٕ سِند ڈسی کانہہ STATEMENT

دِنہٕ نشہٕ یا کانہہ INFERENCE کڈٕنہٕ نشہٕ پرہیز کران۔
"ہنگہٕ تہٕ منگہٕ دٕرٕ تمۍ پیٛٹھ کُن نظر تہٕ تَس ژٕج کھورو تلہٕ میٛشرٕ نیرتھ، سہٕ اوس
وُنی کنِس پرٕزۍ پاکھٕ ڈکۍ زُون کرِتھ پھوٚت ہیتھ وَتہٕ پکان۔ نہٕ اوس
گورکُنہٕ، نہٕ دیٛدِہ ہنٛز پٹ کُنہٕ تہٕ نہٕ یٹ تُمن والی۔" یہٕ کوٚہ سا نٕشرٕ ٹھیٚیہٕ؟"
تَس ہنٛزِ وُن اَتھو منٛز کرِتھ پھوٚت وٕسرٕن تہٕ تمۍ رٕوٹ سہٕ زورٕ کھوٚنہٕ
منٛز۔ سہٕ ما چھُ سوٚین وُچھان؟ یا ماہِرٕ راز پاشاہن ہنٛز کانہہ مایا ہاوٕنی۔
آخر وُچھن گور اکس وانہٕ وانِس نِش سگریٹ زٕالان تہٕ تَس کھٕرتہٕ وآنج
رٕژھہ کھنڈ بوٚکھ۔ مگر باقیہ نفر کوٚت گیہٕ؟ دیٛدکتہٕ چھیٚہ؟ تم کھیٚیاہ
زمیٖنہ کِنہٕ آسمانن نِنگلاوی؟ گور آو سگریٹ زٕالتھ تہٕ تمۍ وٚون یٚیڈِ زُوس
"کیاہ تام مُلٕہ ہیٚپ چھِ ڈلیٚن۔ تمن جانہٕ مرِ گن آسی رٕکنۍ گامٕ شرٕ تہٕ مورد،
آسکھ پیٚومٕت دٕسی۔ یہٕ ہیٚا گوو سٹھاہ ناکار"۔
(شمشان وآراگ۔ ہری کرشن کول)
یہٕ چھِیٚہ ہیٚے ڈرامٲیی کیفیتھ یوسہ ہری کرشن کولہٕ نیٚن افسانن ہنٛزٕ کامیاٚبی ہنٛد
راز چھیٚہ۔

۴۔ **اظہاراتی نثر:۔** اظہاراتی نثرس منٛز چھُ نثر نگار ہِنٛد مقصد یہٕ
روزان زِ پرن دول گوٚژھ تمۍ ہِنٛدین پکنین یا کانٛسہ کردار ہِنٛدین داخلی
احساسن تہٕ کیفیژن منٛز شریک سپدُن۔ امہِ خاطرٕ چھُ سہٕ خآرجی منظرن تہٕ حالژن
داخلی احساسن تہٕ کیفیژن ہِنٛد رنگہٕ رُنگھ پیش کران۔
"عمن دِتٕ نظر۔ یوہٕ اوس سآری سیے پٕرنہٕ تہٕ سوٕر وہراوِتھ تہٕ

منز اوس شاہ تُلہ کُل یوٗہے وُدان ہیوٗ۔ تتھ اوس پن چھینیومُت تہٕ
ٹھونٹھر آسس نٔنۍ دٔراہمتۍ تہٕ سُہ اوس یوٗہے زندٕ ہیوٗ باسان۔ عمس
باسیوو سُہ یوٗہے اُڈٕ جہ کھانکھٕر ہیوٗ۔ زَن اوس یہ سلامہ بیٚٹھ نوٗنے
تر ہوٗت وُوٚدنی۔ تمۍ دِژ یکدم سلامس کُن نظر۔ سُہ اوس بسترس
پیٹھ خرٕ ہیوٗ پیوٗمُت تہٕ تس آسی اوچھ کانٛی نٔنۍ دٔراہمتۍ۔

(ووٚنی کٔہنز وچھےٚ واری تنکر ریٚنہٕ)

تنز نگارن چھُ ہر دُک وق ژورُمت۔ منظر چھُ ہیتاہ یِہ دار تیٚر کنۍ خارجی
چیز: پتھر، شاہ تُلہ کُل، شاہ تُلہ کلکی لنگ۔ پتر چھ یتہٕ جایہ نہٕ خوبصورت تہٕ نہٕ
بدصورت تھ۔ یہ چھُ سُہ ژوو یہ لیس کردار (عمہٕ) پینٕنو داخلی احساسو مطابق یمن
چیزن نتۍ قایم چھُ کران۔ ہیتاس منز چھُ موتُن پھہلتھ۔ عمس بر وَنٹھٕ کنۍ چھ سلامہ
موتس ستۍ کش مکش کران۔ عمہ چھُ خارجی چیزس منز سلامتۍ ژھاے وُچھان۔ یوٗہے چھُ
وجہ زِ اکھ اقتباسس منز چھےٚ پچھ ایمیجری وَرتاونہٕ آمژ۔ ینٛہٕ داخلی احساس تہٕ کیفیژ
سطحس پیٹھ اَنہٕ خاطرٕ چھےٚ افسانہ نگارن پانژھ تشبیہہ تہٕ اکھ اقتباسس منز ورتاومژ۔

۵۔ تاثراتی نثر:۔ یتھس نثری بیانس منز چھینہٕ تفصیلن الگ الگ پاٹھۍ
کانہہ اہمیتھ پیٚرن وول چھُنہٕ الگ الگ چیزن کُن توجہ دِوان بلکہ سالم منظر چھُ
اکھ خاص تاثر دوتلاوان۔

" ازن چھُ کوتر تہٕ غائب۔ دلوٗ ازتس تہٕ روشن دان مُشتھ گومُت
چھُ۔ بنکہ چہ باہ پور بلڈنگہ تیٚری یوتاہ گاش چھُ تیوتے اَنہٕ گوٹ چھُ روشن
دانس اندری۔ روشن دان کہ لوکہٕ شیشہ پیٹھ منزی چھُ صاف لبنہٕ

لوان زانُد رچھ دُنہک اَنہ گوٹ ژلہ ژرٹ کرِتھ بند تھو یہ آمُت۔ شاید چھُ
بنکہ والیو یہ لاکر نتوو متیٔ بیُن بین اَنہ گوٹ محفوظ تھو ینہ خاطرٕ۔ کم مولُل چھا گوڈ یہ
تہ وصف دِ چھس نہ کم۔ بنکہ وایکہ ہرگاہ نہ یتھی لاکر دِ بناون لوکھ دوہ شہ اَنہ گِنٹس۔

گوڈ چھا یتہ کم بوچھ کار۔

بس چھُنہ وُنہ تہ کُنہ بوٗد۔

اَما کوترس تہ زَن گوو ازٕ ژیر۔ وُنہ تام اوس آمُت آسان کُنہ جایہ
گوژھن نہ کیہنہ واریٔ داتھ کوٗرمُت آسُن۔ سُہ ہے زامتیٔ چھُ ہُٹس ژرنہ رِکھ
کرِتھ!

بنکہ چہ بلڈنگہ بیٚری چھُ کھر منو کھر منو گاش۔ فکر چھُنہ تران، یہ چھا شیشہ
پیٹہ اپاراَنہ گوٹ نیبر تیز نیٚرنچ کوشش کران، کیہہ گاش چھُ اَنہ گٹہ ہندِس لاکرس
منز اُژتھ محفوظ ریژھان روزُن۔ دوٚن ترییٚن ہندس اَتھ جنگس منز کوت
درامُت کوترُ ہُٹس ژرنہ رِکھ کرِتھ۔ از چھُنہ وُنہ کُنی۔

بس تہ آیہ نہ وُنہ۔

ہردے کول بھارتی۔ (ہم۔اد)

یہ اقتباس چھُ اکھ واضح منظر اَچھن برونٹھ کُن اَنان۔ مگر اَمہ منظرکی تفصیل چھُنہ
الگ الگ پاٹھی توجہ منگان۔ صرف اَکس جایہ ییٚتھن افسانہ نگار اَنہ گوٹ اکھ دوٚیچ
علامت بناونچ کوشش چھُ کران (یہ چھے سیٹھہ عامیانہ علامت تہ لوٚہے چھُ اَمہ
نثر پارک لوڈ قبوح تہ۔ (ساینٛ نثر نگار چھُنہ وُنہ تہ فطرتہ کِس جزن بینہ شخصیتر منٛد
جامہ بناونہ نشہ یِتھ روزان تہ یمن خود مختاری دِنہ خاطرٕ آماد سپدان)۔ راوی

چھُ اکس خاص ہیجانی صورت حالس منز، یوسہ تمہِ سند توجہ کنہِ معروضن ہندس
انتخابس منز بروٚنٹھ کُن چھےٚ یوان۔ بیان چھُ یتھ پاٹھی مرتجا معروضی مگر اتھ یوت ژھایہ
پچھے راوی سندین جذباتن ہنز لہر۔ یہ چھُ تاثراتی نثر۔ نثر پارچ اکھ خاصیت
چھےٚ ٹاکارہ زاتھ منز چھِ کرداوتی سبٹھاہ کم تہٕ زیادہ چھِ نادتی تہٕ ہرکراوتی ترکیب۔
( ADVERBIAL PHRASES ) مثلن باہ پور بلڈنگ نیبرٕ۔ روشناہ
اندری: "شیشہ بٹہ منزٕ" محفوظ تھونہٕ خاطرٕ بیترٕ۔

۶۔ نفسیاتی بیان۔ انسانی کردارن ہنز تعلق تھاون وألس فکشنس
منز چھُ نثر نگارس لازماً کردارن ہنزن بدلوین ذہنی حالژن ہند بیان
کم یا زیادہ بوان دینہ۔ مگر عام پاٹھی چھِ اکس تھس فکشنس "نفسیاتی" ونان یتھ
منز لیکھن وول خارجی صورت حالس مقابلہ کردارن ہنزن داخلی کیفیژن زیادٕ
اہمیت دوان آسہ۔ تھس بیانس منز چھُ نثر چہ ہیژ سند دار مدار تھ نقطہ
نظرس پیٹھ یُس لیکھن وألی اختیار آسہ کورمت۔ اگر ترتیم شخص صیغہ آسن ورتاومت
نثر ہیئت آسہ منطقی تہٕ جملہ آسن ترتیب وار۔ مثلن۔

"خوتن دید مند چھےیہ۔ امہ تھاو یو وپتی کنی ژور ز
خانہ دارس گرتھم تہٕ نظر پیتی، مگر دریایہ ہند نیر ارگ
ووتہٕ جار اوسہٕ ژورٕ روزان۔ سُہ اوس پھٹی پھٹی
نیران تہٕ مند چھ ستی کھوت خوتن دید ووشلن ہیو۔
نار چیاٹ ہنز نس ووتھنہ، تمس اہری شہ ہندی
پاٹھی تہٕ دِل ہیو تنس گابرن۔ زنہٕ سو اکس

اُمس گونٛد فاۍترٕ نٕ کور رطالعے! وۄلہٕ بی، توٗ تہٕ آیہ جلنے
نصیبے ہیتھ خاندارس کیٛتۍ۔ نٕہٕ گیہٕ سوٗ شکس لُدنی، زٕٹے
تہٕ میٹ کرٕن راۍنس کامنی۔ خبر گاشُن آسیاہ بٲسکل
اڈمُت؟ دیان اوس اگر کانہہ قسطن بیٛٹھ دِتہٕ نیلہ اَتہٕ
ضرور۔ زنگہٕ چھس بچارس رعنہٕ وار بیٛٹھ دفر۔ تام وۄدکھل
تران تھکان۔ اگر پوٚز بوٚز ولیف چھنے یتہٕ راتس گوبان۔
خبر تہٕ کاژاہ تر آسہٕ؟ صاٮ۪بس اتھ لِکھناہ گاشس
زیتہٕ گرہنر آسہٕ تزیرتام روزان، لاتھ تزھنی تن تتھ
جاۍ نگرکس کور ٹیوٗشن۔ بگوان ژھین اگر کُنہ پھر
کیہنہ کنیتھ آسیس، زیبولسہ لوٚتہٕ۔ کیاہ بلاے بلی ہیتھ
اَس چاندنی چوکہ کنی نِبٹس لایق کاۍتاہ کیٛٹ بشاٹ
اُسی ہنی۔۔۔۔ (بیتر)

(ہری کرشن کول: تابھ)

پوشِ کُج (اکھ پرانہٕ فاۍشن بڈ) چھنے بیٚچوس تہٕ نوٚشہٕ ستی دوٚمس دلہٕ ہندین بازرن ہندس ال کرِتھ تھچمرتہٕ کُنی زٕنی چھنے بسترس منز پانسے ستی راوجٕ۔ اُمی ہندس ذیہنس منز چھنے تقریبن ترٛشھے نفسیاۍتی حالتھ یادگرٕ ہان یِزتھ جیمز جواٮ۪س ہنز یولسز ناولہٕ منز موالی بلوم ہندس ذیہنس منز یاد چھنے گرٕ ہان یِلہٕ سو بستر پیٹھ نیندر یادٕ نَج کوٚشش چھنے کران۔ ہری کرشن کول ہنز ٹیکنیک تہٕ چھنے یتھ اقتباسس منز زٕ تہٕ وُز۔ (STREAM OF CONSCIOUSNESS) ٹیکنیکہ ہِش۔ ماحول چھُ راۍ تٕ

ہُندِ تہٕ لیکھن وول چھُ پوشہٕ کُجہ ہِنز۔ نفسیاتی کیفیژ متعلق پانہٕ تہٕ تسکس منز تکیاز انسانٕ سُند ذہین چھُ برنز برنز بدلوُن۔ یہ چھُ اکھ مُسلسل بے ترتیب عمل نہٕ زکانہہ ٹھہرتھ حالتھ یتھ زن لیکھن وول کیمرا یی پارٹکیہ سان تصویر ہیکہٕ تُلتھ۔ گوڈنکس تہٕ دوٚیمس اقتباسس چھنے یہے فرق زگوڈنکس منز چھنے خوتن دیدہِنز۔ نفسیاتی کیفیت حالتھ زانہتھ باوٕنہٕ آمژ تہٕ دوٚیمس اقتباسس منز چھنے یہ اکھ بے ترتیب تہٕ بے ترتیب عمل گوڈنیک چھُ نثری اسلوبُک اکھ نفیس نمونہٕ ییلہ زن نہٕ دوٚیمس منز۔ اسلوب چھُنے۔ دوٚیمس منز۔ چھُ لیکھن وول پوشہ کُجہ ہُندس ذہنی وُبھ وارس ستی ستی لفظ تہٕ ژاران۔ یمہ کنہ امیک نثر ڈلہٕ وُن تہٕ اکھ اکس ستی ڈیچ سان لاگتھ جملن ہنز۔ سوٚمبرن چھُ۔ نثر نگار چھُ کردارٕ ہنز۔ ن خاہشن، یادن، تمی سندین احساسن تہٕ وٕہمن کامیابی سان پیش ہیوٚ کمُت کرتھ۔

**۷۔ داستانی نثر۔** یہ چھُ نہٕ زمانہٕ ییلہ زن داستان، لُکہ کتھ، کہاوتھ قصہ تہٕ اساطیر ہیکہٕ نوٚ سرٕ تخلیق سپدتھ مگر یہ چھُ پرٕ زٕ از یک نثر نگار ہیکہ صرِ وٕ یمن بیانی صنفن ہِنز۔ ٹکنیک ورتاوتھ۔ ییلہ از یک افسانہٕ نگار یا ناول نگار یژھ ہش ٹکنیک ورتاوِ یمیک مطلب گو وُسہ چھُ برونہہ تیار کرنہٕ آمت اسلوب ورتاوان تہٕ سُہ چھُ لفظن تہٕ ترکیبن ہُندین شخصی ورتاو ترٕاوتھ برونہہ مقرر کرنہٕ آمت کانہہ لفظ ورتاو اختیار کران۔ یوٚدوے اتھ منز تہٕ تمی سندین شخصی جذبن ہنز۔ لہر لفظن ہنز۔ ن پوٚت ژھاین منز آسن مگر ظاہری طور چھنے داستانی نثرس منز تخلیقکار سنز تشخصیت غائب روزان تہٕ نثر چھُ تخلیق کار سنز تشخصیژ کُن کانہہ حوالہ دِنہٕ روٚس برونہہ لیکان۔

" اکہ زمانہ آس کوہِ قافس پیٹھ اکھ پری تہٕ ہیرد مس گوو امس ستی عشق۔ پری اوس خوبصورت، زلف کالہ شہار، ڈیکہ ماہتاب، بُتھ افتاب، بمہٕ کمان، اچھ گولاب، اُنز نہ گردن، تہٕ سینہ انار دُلبستان تہٕ تور بون کُن زرو یہ منار، یمن لیوت کُن گُل لالن منز۔ ڈلتھ گو ہر یک داہ ادس۔ یم گلالہ آسی تہٕ کانسہِ علی بابانہٕ سم سمہٕ ستی مُژ رنہٕ لیوان تہٕ کونز اوس جینن کوہِ قافچہ اکس مجہِ منز۔ ژٔور تھاوِ مژ۔"

(کوہِ قافس پیٹھ پری جن تہٕ ہیرو۔ فاروق مسعودی)

یم دونوے اقتباس چھ ترین افسانن ہندی تمہیدی حصہ۔ ترینشونی اقتباسن منز چھے اکھ کتھ مُشترکہ زِ صورتِ حال چھ غار عقلی تہٕ یہ خاصیت چھے لکہ کتھ ہنز اولین خاصیت۔ مگر لکہ کتھ ہنز غار عقلیژ تہٕ یمن افسانن ہنز غار عقلیژ چھے فرق یہ زِ لکہ کتھ منز چھنہٕ غار عقلیژ مُند باس لگان تکیازِ غار عقلی عنصر چھُ تہٕ پانے پنن مقصد تہٕ چھنہٕ یہ امہِ نبرٕ بٕنیہ کُنہ چیزس کُن اشار مگر یمن افسانن منز چھنہٕ غار عنصر پانسے منز توجہ شرٕ پراوان بلکہ چھ مُتضاد حالتھ یا ذکر تھ گوڈے بنیہ کتھ تام چیزس کُن توجہ پھران۔ گوڈنکس اقتباسس منز چھُ "ہیرو" سُند آسُن پرٔتھ ڈالان، اڈو یمس منز فوٹوگرافرس ہنز "لاش" تہٕ مختلف ذاژن ہندی کردار عفریتس خلاف جنگس پیٹھ روانہ آسی تہٕ تریمس منز ماجہ ہنز کھونہ منز شیر خوار بچس پتہ پیٹھ واتھ شُلکھ کرن۔ یوہے چھُ ثبوت زِ نثر نگارن چھُ مقصد ایرنی ( IRONY ) یمہ بابتھ تمو داستانگی انداز ماسک ( MASK ) چھُ بنوومُت۔ یتھ سید سیود بیان دِنہٕ نشہ تہٕ بچن نہٕ تفریح تہٕ ہیکن دِتھ۔

نثرس منز چھِ لیکھنکی یم کیہنہ خاص طریقہٕ مگر بیٚیہ تہٕ چھِ کاٚتیاہ طریقہٕ۔ چونکہٕ کاشرس منز چھُنہٕ نثرُک رِتہٕ بسیار مقصدن ہندِ خاطرٕ ورتاونہٕ آمُت۔ لہٰذا چھُنہٕ ضرورت تمن قسمن ہنٛد کتھ کرنُک تیٚمِ مثال تہٕ کاشرس منز چھَنہٕ۔ یِمَن قسمن منز چھُنہٕ کانٛہہ قسم کھسی بایہ زبانِ آسہن وسی بایہ، یِزٕ رچھِہ زبان نثر گوٚڈُے لُس ینتس موضوعس مطابق آسہٕ، ییٚتھ پاٹھٕ یِمہ کل بجِتہٕ تہٕ نِنان چھُ، ہیٚرِ ہنٛد ییٚتھے کتھ ووتھان یِتھے مواد چ کتھ تہٕ یِتھے پلنے ووتھان۔ مواد تہٕ ہیٚت چھِ اتھٕ ہن۔



# اسلوب

**اسلوُبُک تصوُر:۔** زبان چھۓ قاعدن تہٕ ضابطن ہنز اکھ ترٛتیب یُس مہرن ییمہ کنہِ حدن منز رُوزِتھ تمہٕ زبانہٕ ہندِس برتھ کانٛسہ زبان بولنُک تہٕ اَمِس زبان ورتاونُک انفرادی طور طریقہ یا وُلو" اسلوب" ییتہِ ووت۔ تمِس چھُ یمن مخصوٗص" اسلوبہٕ" ورٲے بیٚیہ تہٕ وارِہن اسلوبن پیٹھ دسترس حاصل آسان ییم سُہ مختلف موقعہ محلہٕ مُطابق ورتاوان چھُ۔ گوو برتھ کانٛسہِ چھُ پننہِ زبان عجیب پاٹھی یعنے معموٗلہٕ ڈٮ۪تھ بولنُک اختیار۔ تکیاز برتھ کانٛہہ چھُ ییتہِ منزٕ کنہِ عجیب آسان۔ تخلیق کار کُس سارنےٚ ہند کھوتہٕ "عجیب" چھُ آسان چھُ سارنےٚ ہند کھوتہٕ عجیب اندازٕ زبان وَرتاوان یا ونو، تمہٕ سُند اسلوب چھُ سارنےٚ ہند کھوتہٕ ٹاکارٕ پاٹھی یوٗن تہٕ بدٕلُن آسان۔ تمہٕ سُند زبان وَرتاونُک یوٗن تہٕ بدلُن طریقہ چھُ تمہٕ سُند اسلوب۔

یہ سوٗرٕے کینٛہہ ؤنِتھ رٕتہٕ (ییٚنیہٕ تہٕ اگر کوتاہ تہٕ وَتہٕ ییہٕ) چھُ اسلوٗب اکھ سیٹھے مُبہم اصطلاح یَتھ بے شُمار معنے چھِ دِنہٕ آمتی۔

۸-۲- اسلوٗبکۍ ترٛےٚ معنے۔ ڈلٹن مری چھُ اسلوٗبکۍ ترٛےٚ واضح معنے بدِ کڈان[1]۔

**۸-۲-۱- اسلوٗب چھُ بدِ ؤنیت**۔ اسلوٗبُک یہ معنے چھُ تمہٕ سایِٕ ذہنَس منز روزان ییلہِ وَتو نِمےٚ پرٛزنوو یہ گرٛتھ فلانی سُند مضموٗن آسُن۔ تِمس چھُ اسلوٗب"۔ گو و اسلوٗب چھُ زبان ورتاونُک سُہ بیوٗن تہٕ بدِ ؤن لہجہ ییمہ ستۍ اَسی کانٛہہ لیکھن وول پرٛزناوِتھ ہیکوٚن۔ یہ چھُ پوٚز زِ اَسۍ ہیکوٚن ساس شعرو منز بل دیٚد ہُند شعر پرٛزناوِتھ۔ اَسۍ ہیکوٚن وارِیہو شعرو منز امین کاملن شعر یا رحمٰن راہُن شعر پرٛزناوِتھ۔ مگر وارِیہن لیکھن والین ہُند لہجہ پرٛزناوُن چھُنہٕ سہل۔ اسلوٗب پرٛزناوُن چھُ وارےٚ مشکل بنان ییلہِ کانٛسہِ شاعرس یا ادیبس تقلید کرن والۍ وارِیاہ آسَن۔ یہ پرٛ ییٚتھن زہٕ تِمس تھاوُن زِ کانٛسہٕ ادیبہٕ سُند اسلوٗب بدِ ؤنیت ہُندِس معنیس منز آسُن چھُنہٕ لازمی تِمۍ سُند کانٛہہ بَرٕ۔ واز محموٗدس چھُ ٹاکارِ پاٹھۍ بیوٗن تہٕ بدِ ؤن اسلوٗب مگر یہ چھُنہٕ ہرگز تہٕ رُت اسلوٗب۔

**۸-۲-۲- اسلوٗب چھُ بیانُک فن**:- اسلوٗبُک معنے چھُ تمہٕ سا۔ ذہنَس منز روزان ییلہِ وَنو زِ فلانس چھِ نفیس خیال مگر تِمس چھُنہٕ وَنُن

---

۱۔ MIDDLETON MURRY,

THE PROBLEM OF STYLE (1922)

تمِس چھُنہٕ اسلوٗبے"۔ اسلوٗب چھُ اَتھ معنیَس منٛز اکھ گوٗن یُس منٛجھِس ستۍ تگان۔
اُسی پانس منٛز پاد ہیکو کٔرِتھ۔ لیکھنکِ چھِ کینہہ مانٛنۍ منتر تہٕ زانٛنۍ مِتۍ لوازم مثلن سیوٚد تہٕ
ساد لفظ ورتاوُن، اختصارس کام ہیٚنٛنۍ، گرامرُک گٔرٕ خاص خیال تھاوُن بیترِ
اگر یُتے لوت اسلوٗب آسہِ یہِ ہیکہ نو کُنہٕ سکوٗلَس منٛز ہیٚچھِتھ۔ چونکہ صحافتھ چھپے
پٔرِی پاٹھۍ ہیٚچھناونہٕ یوان مگر اسلوٗبُک یہِ معنے چھُنہٕ تخلیقی ادبہٕ خاطرٕ صحیح۔ یہِ چھُ
صحیح صرف تِمن تحریرن ہنٛدِ خاطرٕ یِمن منٛز واقفیتھ باونہٕ آسہِ آمٕژ یا خیالَن ہُنٛد
آسہِ اظہار کرنہٕ آمُت، چونکہ تخلیقی ادبُک تعلق چھُنہٕ واقفیژ یا ترتیب وار
خیالَن ستۍ بلکہ تخلیق کارَن ہنٛدٮ۪ن احساسن، جذباتن تہٕ تِمہِ سندِس تخیلس ستۍ۔ اگر
ادب پارِ یمن ہنٛدِس واتناوِنس منٛز کامیاب اوس اسلوٗبُک چھُنہٕ تیلہِ کانٛہہ
مسلے پاد گژھان۔

۸۔۲۔۳۔ اسلوٗب چھُ تخلیق کاری ہُند کمال۔ اسلوٗبُک
معنے چھُ تِمہ ساعتہٕ ذہنَس منٛز روزان یێلہٕ اَسی دٕلوٚز فلانۍ شاعر سنٛدی سارۍ
خیال چھِ پرانۍ، یُس دٕ ستہٕ مشکل پسند چھُ مگر تۆتہٕ چھُ تمِس اسلوٗب۔ اَتھ معنیَس
منٛز چھُ اسلوٗب سُہ اکھ گوٗن یُس خاصہٕ کانٛسی حاصل چھُ آسان۔ اَتھ معنیَس چھُنہٕ
اسلوٗب بدوٗنۍ تامے محدوٗد روزان بلکہ چھُ یہِ شاعر سنٛدِس ذاتی اندازس تہٕ آفاقیژ
پانہٕ وُنۍ میس گژھنُک ناو۔ یہِ کتھ ہیکوٚ اَسی کُنہٕ للہ واکھن متعلق وَنِتھ تہٕ شِش رنٛگ
ہِشہِ کُنہٕ نظمہِ متعلق وَنِتھ۔

۸۔۳۔ اسلوٗبچ لسانیاتی وضاحت: سون یہِ بحث چھُ
صرف تمہِ اسلوٗبَس تام محدوٗد یُس زبانہِ ہنٛدِس ورتاوَس منٛز ظاہر چھُ سپدان۔

لِہٰذا روزِ توٚتام اسلوٗبُک پرٛتھ کانٛہہ تعریف مُبہم ۔ یوٚتام نہٕ اَکھ لسانی وضاحت یِیہِ تلاش کرنہٕ ۔ رولف سینڈیل چھ اسلوٗبک تعریف یِمَن لفظن منز دِوان ۔

" اسلوٗب چھُ غارٕ ماتوی لسانی اِنتخاب کرنُک اکھ مخصوص طریقہٕ "[1]

اتھ تعریفس سٍتؠ رلوٗن تعریف چھُ ڈولیجل تہٕ دِوان[2] ۔ یُس خلاصہ پأٹھۍ یِہ چھُ زِ اسلوٗب گوٚو متبادل عنصرن منز لگاتار اِنتخاب ۔ اَتھ انتخابس چھ زٕ اصوٗل یِمہٕ کنؠ آسان: داخلی یا انفرادی تہٕ خارجی یا سیاقی ۔ یِمہٕ تہٕ چھ وارِیاہو لسانیاتی ماہرو اسلوٗبٕچ تعریف پیش کٔرمٕژ، مگر اَمی بناوٕ وصف یِمہٕ زٕ تعریف بجِنہٕ بنیاد تکیاز یِم چھ باقیو مقابلہ بیانہٕ خیالہٕ زیادٕ وضاحتی ۔ ہیرِ میوٗدِ دوٚیو تعریفو تہٕ ہیکوٚ اَسۍ یِم کیٚنہہ نتیجہ کڈِتھ :

۸-۳-۱ اکاے کتھ ونٕنٕچ چھ اکھ کھوتہٕ زیادٕ طریقہٕ ۔

۸-۳-۲- وننُک اکھ طریقہٕ ژارنس ہیکن زٕ وجہ آسِتھ: داخلی یا انفرادی تہٕ خارجی یا موضوعی :

۸-۳-۲-۱ اسلوٗب مخصوص طریقہٕ مخصوص لفظ تلہٕ چھُ مطلب یِہ زِ ونُن وول کرِ مُستقل پأٹھۍ کانہہ اکھ طریقہٕ اختیار۔ یُس طریقہٕ باقی تمام طریقو نِشہٕ بیوٚن آسہِ مثلن کُنہِ کتابہِ منز آسہِ کانہہ ادیبس ژھوٚٹۍ جُملہٕ تہٕ بے ساختہٕ زبان ورتاونُک طریقہٕ ۔ اَسی وُچھوٚ اَتھی کتابہِ منز مختلف جاین ۔ اگر پرٛتھ جایہٕ ژھوٚٹۍ جُملہٕ اَسی تہٕ زبان آسہ بے ساختہٕ، اَسی ونوٚ زِ ادیبہٕ سُند طریقہٕ چھُ مستقل ۔ کُنہِ طریقک بیوٚن آسنُک

---

[1] ROLF SANDELL; LINGUISTIC STYLE AND PERSUATION (1977) [2] DOLEZEL. STATISTICS AND STYLE (1969)

مگر اَتھ چھُ مسلہٕ یہِ زِ اگر اسلوب نارمل طریقہٕ نِشہٕ ڈٲلتھ آسہٕ، مطلب گوو یہِ زِ یہِ آسہٕ نارمل طریقہٕ نِشہٕ ڈٲلتھ۔ اگر نارمل گفتار گوو سُہ گفتار یتھ منز نہٕ گفتارکِ طریقہٕ نِشہٕ ڈٲلتھ طریقہٕ چھُ، نارمل کَتھ ونو۔ ذٲتی وَنتھ بلکُل آسَن تہٕ لفظ کیو جملہٕ آسَن روایژ مطابق۔ مگر عام گفتار چھُنہٕ یتھ آسان۔ عام گفتارس منز چھِ روایتی ورتاوس لَرِ بۄر ذٲتی ورتاو تہٕ روزان تہٕ یُس ورتاو زانِتھ مانِتھ خاص روایتی ورتاوَن تامے محدود روزِ سُہ تہٕ بنہِ اکھ اسلوب"۔ بیاکھ مسلہٕ چھُ یہِ تہٕ زِ کتھ حدس تام گژھِ کانہہ ورتاو یکھ ڈٲلتھ آسُن زِ یہِ دِیہ اسلوبُک باس۔ پَزر چھُ یہِ زِ زبانہِ ہُند پرتھ کانہہ ورتاو یکھ چھُ بنِتھ جایہ نارمل طریقہٕ۔ تہٕ یہِ اگر ڈٲلتھ یِیہ زانُنہٕ یہِ چھُ بیٚیہ کُنہِ ورتاوہٕ نِشہٕ ڈٲلتھ۔ اَمی ڈٲلتھ آسنہٕ نِشہٕ چھُ کانہہ ورتاو یکھ بیوٚن تہٕ بدٕلون۔

گوو اسلوب چھُ مخصوص تِلی بیٚلہِ یہِ مستقل پاٹھۍ زبان ورتاونہٕ کیو بلۍ قے سارِوے طریقو نِشہٕ بیوٚن آسہٕ۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ اسلوب چھُ زبان ورتاوُنُک غیر روایتی تہٕ عجیب طریقہٕ بلکہِ چھُ یہِ صرف بلۍ قے طریقو نِشہٕ کانہہ مختلف طریقہٕ یتھ وستادن وٲلِس منز شخصیژ ہُنز موہر پیٚمژ آسہٕ (وچھو ۸-۴)

۸-۳-۲۔ اسلوبس منز چھِ غیر معنوی لسانی متبادلن ہُند انتخاب سپدان۔ چونکہ زبان چھےٚ اظہارکین امکانن ہُند لامحدود ذخیرہ تہٕ واقعی وَنَتھ چھِ محدود لہٰذا چھُ وَنَن وول یا لیکھن وول زبان ورتاوَس منز اَمہِ ذخیرِ اکھ (کُنہِ ساعتہٕ شعوری تہٕ کُنہِ ساعتہٕ لاشعوری) انتخاب کران۔ پرتھ کانسہِ زبان بولن وٲلِس چھُ زبانہِ ہُندِ یتھ گۄپتھ ذخیرِ پرتھ وِزِ دستیاب آسان۔ یِیلہِ سُہ پھیرِ پھیرِ کُنہِ لسانی عادژک مظاہرہ کرِ، اَسی ونو تمس چھُ پنُن اسلوب۔ (اکے وَنُت، یا جملہٕ بروٚنٹھ کنہِ تھاوِتھ

ہیکو نہٕ اسلوب پرزناوتھ) ۔ گوو پریتھ کانٛہہ چھُ ورٕ ورٕ بے شُمار ونٕچ بولان تہٕ پریتھ
کانٛسہٕ چھُ پننۍ مخصوص لسانی عادتھ آسان تہٕ لہٰذا چھُ پریتھ کانٛسہٕ زبان بولَن واٲسۍ
پنُن اسلوب آسان ۔ اسلوب چھُ یتھہٕ پاٹھۍ پننۍ کُنہٕ لسانی انتخابُک تکرار ۔ یہ اسلوب
چھُنہٕ صرف ہم معنے لفظن (مثلن زمین، بُتراتھ، بَتہٕ بُم) منز انتخاب کرُن بلکہ اسلوبس
منز چھُ بییہ تہٕ وارِیاہن چیزن ہُند انتخاب سپدان ۔ مثلن باوتھن، کراوتھن، بیکرن
استعارن تشبیہن تہٕ باقے النکارن ہندِس ورتاوس منز، جملن ہندِس گرتس منز
وہ پرٕ زبانۍ ہندِ لفظن ہندِس ورتاوس منز بیترٕ ۔ اسلوبُک مطالعہ چھُ ادٕ کنہٕ
یمن سارنے چیزن ہُند مطالعہ ۔

## ۸-۴-۱ اسلوب تہٕ شخصیت ۔ گِلفورڈ (GUILFORD)

چھُ شخصیتہٕ ہُند تعریف یتھہٕ پاٹھۍ دِوان ۔

" اکِس فردٕ سنٛز شخصیت گےٚ تمہٕ سندِن وطیرن ہنٛز مخصوص
ترتیب ۔ یہٕ اکھ وطیر گوو سُہ امتیازی تہٕ ہیہ وارٕ یہِس حدس
تام پوشہٕ وُن طریقہ ۔ یمہٕ کنہٕ اکھ فرد بییِس فردس سیتۍ بیٚھر چھُ ہاوان ۔" [1]

اسلوب چھُ ادیبہٕ سنٛز لسانی شخصیت یتھ منز زبانۍ ورتاونُک تمہٕ سُندی
ساری بدوٚن طریقہ شامل چھُ (وُچھو ٢٠٨) مگر یم بدوٚن طریقہ چھِنہٕ ہنٛگہ
تہٕ منٛگہ ریٚلہ سنٛگہ تہٕ منٛگہ آسن تیٚلہ چھِنے یہ فضول بدوٚشیرت یتھ پاٹھۍ زن نمے
واز محمود نین اکثر غزلن ہنٛز مثال دِژ ۔ جایز بدوٚنیت گےٚ سوے یتھ یتہٕ کنہٕ
شاعر سنٛز یا ادیبہٕ سنٛز ذاتی جذباتی تراے آسہٕ ۔ مگر یہ ذاتی جذباتی تراے ہیٚنہٕ
چھُنہٕ پریتھ ادب پارس منز سہل کتھاہ ۔ عام باتن منز چھِنے یہ سطحس پیٹھے آسان

---

[1] GUILFORD,

تکیاز بُنیادی جذبہ چھُ سیٹھاہ ساد آسان تہٕ پرٛتھ کانٛہہ معنے چھُ شاعر سند بدٕون
لسانی وطیر مُطابق لفظ رٹان۔ شاعرس چھُنہٕ زانہہ زبانہٕ ستی کانٛہہ مجادلہٕ پیوان کرُن۔
غارشخصی یا ٲنو معروضی یاوٕنی تو حقیقت پسند ادبس منز کتھ یاٹھی ہیکو یہ لسانی ترٲے
لُبتھ، مثلن کُنہ حقیقت پسند یا غارشخصی ڈرامہس یا ناولہ منز کتھ جایہ وُچھو شاعر سنز
جذباتی ترٲے تہٕ تمہ کہ مدد تمہ سنز لسانی شخصیت؟ یوہے سوال ہیکو پرٛژھتھ
تمن سارنے ادب پارن متعلق تہٕ یمن منز شاعرن یا ادیبن پنٕنۍ جذبہ ڈرامائی شکلہِ
منز آسن پیش کٔرۍ متۍ۔

حقیقت پسند ادب چھُ اکھ بے معنے ناو "REALISM IS A CORRUPTION OF REALITY"[1] — اَسہِ منز چھُ پرٛتھ کانٛہہ خارجی حقیقژ
پننہٕ پننہٕ انداز ژینان تہٕ پرٛتھ کانٛسہ نش چھُ حقیقژ ہُند پنُن بیوُن تہٕ بدٕون تصوٗر۔
نام نہاد حقیقت پسند ادیب تہٕ چھُ پنُن یوہے تصور پیش کران تہٕ تمی سنز کام
چھےٚ پرٛژھے سہ کرِ پرٛن والس منز "WILLING SUSPENSION OF DISBELIEF"[2] پاد۔ امہ خاطرٕ چھُ تمس پنُن فن ضرورت تہٕ سُہ فن چھُ
زبان ورتاونہٕ چہِ تمی سنز مہارژ کنی نون نیران۔ اتھ جایہ چھُنہٕ تمس بنیہ کانٛہہ
شریک۔

ڈراما آسہِ تن یا ڈرامائی ادب، یوٚدوے نو کتہ نظر کانٛسہ کردار سندے

---

1. Wallace Stevens, *Opus Posthumous*

2. Coleridge, *Biographia Literaria*

چھُ آسان، مگر اَتھ چھُ یہِ کہٕ تخلیقکارُ سُند انفرأدی جذبٲتی وطیرٕ درآسان ۔
اَتھ منٛز چھِنہٕ صرف بدٕس کالکی جذبہٕ شامِل آسان بلکہ یِمنہٕ کُل وٲتنہٕ آمِتۍ جذبہٕ
تکیاز پرِتھ کانہہ یِمنہٕ ساری سپدِ وٲتنہٕ منٛز وارٕ وارٕ یِمنٛ مخصوص جذبٲتی وٕطیر
بناوان تہٕ اَتھ کھانچھلاوان روزان ۔ امی جذبٲتی وطیرٕ چھِ رہبریہٕ منٛز چھُ تخلیق کار
یِمنٛ موضوع ژھانڈان روزان ۔ سُہ چھُ سُے موضوع ژاران یُس بقول بودلیر "تِمی منٛز
اہمیژ ہنٛز علامتھ چھُ بنان ۔ لہٰذا یہِ آسی تَن شش رنگ "نظمہٕ ہنٛز لولہٕ مژٕ ہنٛز لےٚ یہِ
چھےٚ رحمان ڈارنی لےٚ ، یہِ آسی تَن شہ ژھوکونس لیر بادشاہ ہنٛز آواز ۔ یہِ چھےٚ
شیکسپیر ہنٛز آواز ـــــ اسلوبُک آگُر چھُ داخلی ۔ بفون سُند یہِ قول ہیوٚک
نہٕ وُنیکتام مکمل پأٹھی رد سپدِتھ زِ "اسلوب چھُ شخص" ۔

**٨-٥ ـ اسلوبکۍ شرط :** یوٚدوے اسلوبُک آگُر داخلی چھُ مگر تمیک مطلب
چھُنہٕ زِ اَتھ پیٹھ کیا چھُنہٕ کانہہ خارجی شرط ۔ اسلوب ورتاون وول چھُ مسلسل یِمَن
شرطن مُند شعور تھوان ۔ یِم شرط چھِ :-

**٨-٥-١ ـ موضوع تہٕ مواد :-** زبان ورتاون وٲلِس چھُ پرتھ ساعتہٕ موضوعُک
خیال ہیوان تھاونٕ یِمہٕ مطأبِق سُہ مواد ژاران چھُ ۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ مواد چھُنہٕ
اسلوبس پیٹھ تیوٚت اثر تراوان یوٚت موضوع چھُ ۔ مثلن اکھ قصیدہ تہٕ مرثیُک سُہ
حِصہٕ یتھ منٛز مرن والی سُندی تعریف آسن کرنہٕ آمِژ چھِ اسلوبہٕ کِنۍ بلکل جُدا گانہٕ ۔
ہتھے پأٹھی چھِ سٹیجس پیٹھ ہتھ سیأسی لیڈرٕ سُندی تعریف اُکس اسلوبس منٛز کرنہٕ
یِوان تہٕ مودی متِس سیأسی لیڈرٕ سُندی تعریف بییس اسلوبس منٛز ۔

**٨-٥-٢ موقعہٕ محل :** ہوٚنس آلو کرُن ، شرسبلاوُن ، لضابچ

تشریح کرٕنۍ، نسخہٕ دِین، یرٲد کرُن ۔ بیترِ چھِ دوہ دِنٕچہِ زندگیہ منز بے شمار موقعہٕ ییم
مختلف آسنہٕ کِنۍ مختلف زبان منگان چھ ۔ فکشنس منز چھُ لیکھن وول مسلسل پٔنُن
ذاتی اسلوٗب مشراوِتھ پرٛتھ کُنہِ موقعہٕ محلہٕ مطابق زبان بدلاوان یتھ منز کردار آوُر
آسہِ ۔

۸-۵-۳ - بوزن وول :- وَنن وول چھُ ہمیشہ بوزن وٲلی ہنز وٲنس تمی سُنٛد
مزاز، سماجی مرتبہ، تمی ہنز تعلیم تہٕ خاص کرِتھ پانس تہٕ تمس درمیان رِشتن ہُنٛد
خیال تھٲوِتھ زبان وَرتاوان ۔

۸-۵-۴ - سماجی حالتھ :- زبان ورتاوَن وٲلی ہنز پرٛتھ کُنہِ رنٛگ
سماجی حیثیت : وٲنس، جنس، مذہب، پیشہ، ذاتھ، تعلیم، کلچر بیتر چھِنہٕ تمی سُندس
لسانی وطیرس یا وَنو اسلوٗبس پیٹھ وارِہَس حدس تام اثر تراوان ۔ وون گو وٲتھ
ما دٲنس منز کام کرن وٲلی ماہر چھِنہٕ بولن وٲلی سُندس لسانی وطیرس منز سو فرق
اسلوٗبُک عنصر زانان لوٗسہٕ وٲنسہٕ نیس مرِتھ سٕتۍ زبانہِ پیٹھ تمی ہنز مہارتھ منز لیون
چھےٚ ۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ سکوٗلن منز مشترکہ تعلیم تہٕ کتابہٕ، ریڈیو، فلم اخبار بیتر چھِ
اسلوٗبُک یہ بٕن وارِہَس حدس تام کم کران ۔ مگر سماجی حیثیت چھےٚ مستقل یا کُھٹی بولن
وٲلی سُندِس اسلوٗبس پیٹھ کم یا زیادٕ اثر تراوان روزان ۔

۸-۵-۵ - اِرادٕ :- زبان ورتاوُنۍ دوران چھُ بولن وٲلس بوزن وول مُتاثر
کرنُک ارادٕ ضرور یہ ہُ کِنۍ آسان ۔ یتھ کالہٕ آیہِ بلاغتکۍ ماہر زبانہٕ ہُنٛد وُتشاول قوت
ہُراوُنہٕ باپتھ پرٛتھ کانٛہہ کوشش رُوا زانان ۔ تِم آسۍ یِرٛتھان زبانہِ منز
النکار وَرتاوِتھ شعوٗری طور تجہیر یاد کرُن ییٚمُک نتیجہ اوس نیران تصنع تہٕ

فضول پآرا و مگر ازکالہ چھنہٕ ہریاہ انکار تہٕ شعوٗری تجھیر پسند یوان کرنہٕ۔
وُتشاوِل قوٚوتھ ہیکہ تیٚلی مُرتھ ییلہٕ موزوٗن لفظ موزوٗن جایہ وَرتاونہٕ ییٚن۔ مگر
نہٕ کرِتھ چھُ وُتشاونُک اِرادٕ یِتھ وتِتھ اسلوٗبس پیٹھ اثر تراوان روزان۔

۸۔۵۔۶۔ ذٔریعہٕ۔ اسلوٗبُک دارمدار چھُ یتھ پیٹھ تہٕ زٔبان چھا لیکھتھ
ورتاونہٕ یِوان کنہٕ وَنِتھ۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ وَنہٕ آمِژ زبانہٕ منز چھِ جُملہٕ آسان
ڈیٚلۍ، اِستِہقامی، غیٚر تی تہٕ امری جُملن ہُند تعداد چھُ آسان زیادٕ تہٕ مُخاطبس
کُن چھُ آسان زیادٕ حوالہٕ۔ اَتھ برعکس چھِ لیکھتھ زبانہٕ ہُند جُملہٕ آسان چُست
تہٕ اکثر جُملہٕ چھِ آسان بیانٔی تہٕ مُرکب۔ ووٚنۍ گوو اَسہِ چھُ خیال یتھوٗن زِ لیکھتھ
زبان چھِنہٕ سارے اکی قسمٕچ۔ اَتھ منز چھےٚ یوان کتاب (کاتھن قسمن ہندکرٕ؟)
اخبار، رسالہٕ بیتر۔ ہۄ بولنہٕ آمِژ زبانہٕ منز تہٕ چھِ شامِل واریاہ چیز مثلن ریڈیو تقریر
کتھ باتھ۔ بیتر۔

۸۔۵۔۷۔ عام لِسانی شرط۔ اَسہِ موٚن زِ اسلوٗب چھُ زبان ورتاونُک
کانہہ سُہ طریقہٕ یُس غیٚر روایتی آسہِ تہٕ معمولہ نِشہٕ ڈٔلِتھ آسہِ۔ ییٚلہِ طریقہٕ چھُ اسلوٗب
تیٚلی ممکن ییٚلہِ یہِ کُنہٕ مخصوٗص زبانہٕ ہِندِس دایِرس منز تہٕ اَمہِ کِن قاعدن تابع
آسہِ۔ یمن دۄن کتھن چھِنہٕ کانہہ تضاد یوٚدوے باسان چھُ، روایتی یا معموٗلک
ورتاو گوو دیتھ باکھ عام باکھ اکثر موقعن پیٹھ اکثر لُکھ زبان ورتاوان آسن تہٕ
اسلوٗب گوو یتھ ورتاو نِشہٕ ڈٔلُن۔ زبانہٕ منز ن قاعدن ہُند دایِر گوو
علاقہٕ یتھ منز رٔوزِتھ وارہہن اسلوٗبن ہنز گُنجایِش آسہِ۔ یہِ نکتہٕ تجِہٕ یتھ باکھ
بوزن زِ کُنہٕ زبانہٕ ہُند علاقایی بیٚھریا زٔماتی بیٚھر ییٚہ تہٕ اسلوٗبُک بیٚھر زانِنہٕ۔ مرٔدی

تہٕ کمٲزی زبانہٕ ورتاوس ہیکَو نہٕ اُسی الگ الگ اسلوٗب زٲنٛہہ تیاہ ژوداہِمہ صدیہٕ
ہِنز کاشر زبانہٕ تہٕ وُہمہ صدیہٕ ہِنز زبانہٕ درمیان چھنہٕ اسلوٗبُک پھیر بلکہ لسانی
پھیر۔ اسلوٗبس بیٹھ چھُ لہٰذا یہ شرط زِ یہ گژھہِ یتھ لسانی علاقکی ساری ضابطہٕ تہٕ
قاعدٕ تسلیم کرُن۔ اگر ژوداہِمہ صدیہٕ ہِندِس لسانی علاقس منز کانہہ متن
آسہِ، یہ گژھہِ گوڈٕ تمکی قاعدٕ تہٕ ضابطہٕ مانُن۔ پتہٕ گوو معموٗلہ نشہٕ ڈلتھ ورتاو ——
اسلوٗب۔

( زبان تہٕ ادب : ۱۹۹۲ء )



# محمد زمان آزُردہ

## بحیثیت اسے نگار

## اکھ مطالعہ

محفوظہ جان

کاشُر نثری اَدبُک وانُس چھُ سیٹھاہ زیاد۔ اَتھ منز تہٕ چھےٚ نثرِچ "ایسے" صنف سیٹھاہ کم وانٛسہِ تِکیازِ ساننہِ زبانۍ منز ییلہِ نثر لیکھنُک آغاز سپُد گوڈٕ گوڈٕ کٲشرِ بوٚن نثر نگارَو مذہبی تہٕ تبلیغی مقصدَ باپتھ نثر لیکھنٕچ کوٗشش۔ ہدایتھ تہٕ تبلیغہٕ باپتھ نثر ورتاونٕچ گوڈنِچ منظم کوٗشش پیٚیہ سنہ ۱۸۲۱ منز بایبلہِ ہندِ ترجمہٕ سٟتۍ تہٕ یہ رٚوایتھ روٗز ووہمہِ صدی ہندِس گوڈنِکِس نصفس دوران تہٕ قرآن شریف کیٛو مختلف ترجمو سٟتۍ جٲری۔ ووہمہِ صدی دوران یِم نثری ڈرامہٕ نند لال کولَن تہٕ دِلسوز بیترِ دُسی لیکھنہٕ آیہ تِم بنیہ کاشرِ نثرِ کہ ارتقاہ باپتھ اہم۔ تہٕ پرتاب میگزین تہٕ "اخبار کاشر" سٟتۍ لوٗگ اَتھ رٚوایتس وَہراو۔ یِمہ سٟتۍ خبر، ایڈیٹوریل، علمی مضموٗن، طنز تہٕ ظرافتی تحریر بیتر کاشرِس نثرس منز جٲری سپدان چھِ۔ یِم سٲری چیز بنیہ ایسے کہ آغازس باپتھ مدد گار۔ کاشرِس نثرس کُن یِم نثر نگار گوڈٕ گوڈٕ آیہ تِمو لیکھی زیادٕہن خاکہ تہٕ

اَفسانہٕ۔ اَمہِ ہِشہِ شوٗز نثرِ ژٲرِ کُن آو نہٕ توٗت تام زیادٕ توجہ دِنہٕ۔ وجہ چھُ شاید یہ زِ افسانہٕ
لیکھنہٕ خاطرٕ اُس کٲشرِ زبٲنی منٛز لگہٕ ژھیلین ہنٛز اکھ سٹھاہ قدیم رِوایتھ مگر ایسے لیکھنچ رِوایتھ اُس
نہٕ کٲشرس منٛز موجوٗد۔

کٲشرِ زبٲنی منٛز یِم کوٗشِشہٕ ایسے لیکھنہٕ خاطرٕ میٹھے بانہٕ چھِنے سپدان تِمہٕ چھِنے زیادٕ بیٚن
پرتاب میگزین تہٕ گُلریز رسالہ ستیٚ سپدان۔ مگر یِم ایسے آسی زیادٕ بیٚن مضمون منٛز ازس ستیٚ رلان۔
ایسے نِگٲری کرن یِم لیکھٲری گوڈٕ گوڈٕ دیوان چھِ تِمن منٛز چھِ سوم ناتھ سادھو، غلام نبی بابا تہٕ صوفی
غلام محمّد بیتر شٲمِل۔ اُتھ ما دانس منٛز آیہ اَمہِ علاوٕ رحمان راہی، رُسل پوٚنپُر، لِکھمن لال کنول
تہٕ ظریف احمد ظریف تہِ۔ مگر صرف ایسے نِگٲری رٕٛژ تہٕ بیٚن تخلیقی کاوِش بلکہ رٕٛژ یِم زیادٕ
بیٚن دوٚیمین صِنفن تہٕ خاص پٲٹھۍ شاعری کُنہٕ توجہ دِوان۔

کٲشرِ زبٲنی منٛز یُس نثر نِگار صرف تہٕ صرف "ایسے" بٕنہٕ باوژ ہُند وسیلہ بناوان چھُ تِم چھِ
ڈاکٹر محمد زمان آزُردہ۔ یہ سپدِ تہٕ کٲشرِ زبٲنی ہُندِ بن اَدبہٕ چین دوٚیمین صِنفن کُن مٲیِل بلکہ رُود
یہ اَتھی صِنفہِ بیٚٹھ ڈٕٹھۍ۔ وٕنی کین یہ کینژ تھاہ سرمایہ کٲشرس منٛز "ایسے" رٕنگۍ چھُ تتھ منٛز چھُ آزُردہ
صابنیٚ اکھ باگہٕ پوٗرِت حِصہ۔ بلکہ اگر کٲشرِ ایسے یک معیار تہٕ مقدار وُچھِن آسہٕ کمیک آنہٕ تہٕ چھُ
یہِ ہُندے "ایسے"۔ آزُردہ صاب چھِ مُتواتر پٲٹھۍ کٲشرس ایسے یس بٕنہٕ قلمہٕ ستیٚ برژر کران تہٕ وٕنِس تام
چھِنے اَہنز ترٕنیٚ ایسے سوٚمبرنہٕ برونٛہہ کُن آمژ۔ یِمہٕ چھِنے 'فِکرِ ہنز ٹکر' 'تہٕ پوش' تہٕ 'ایسے'۔
فکرِ ہنز ٹکر، چھِنے اَہنز گوڈنچ ایسے سوٚمبرن یوسہ ۱۹۸۰ءٕ منٛز مارکس منٛز یِوان چھنے۔ اَمہِ پتہٕ چھِنے
'تُنہٕ پوش' تہٕ 'ایسے' ناوی سوٚمبرنہٕ بروٚنٛہہ کُن یِوان۔ "ایسے" سوٚمبرن چھِنے ۱۹۸۳ءٕ منٛز شایع سپدان۔
آزُردہ صاب چھِ مِلہٕ تلہٕ اُردو زبٲنی ہُندی ودہ ستاد تہٕ گوڈٕ گوڈٕ آسی اُردو پٲٹھۍ ایسے نِگٲری کران۔
کٲشرِ زبٲنی ہُند لولہٕ تہٕ کٲشرِ ن اَدبین ستیٚ تعلق آسنہٕ کِنۍ آیہ یِم کٲشرِ زبٲنی کُن۔ کٲشرِ زبٲنی منٛز

اِسے لیکھتھ پیش پذیرآیی یمن اَز تام حاصل سپز ہُرش چھےٚ تیژاہ چھینہ وُنتام بیٚیہ کانسہ کاشرِس
اِسے نگارس حاصل سپدیمُت۔ اَمیک ٹاکار ثبوتھ چھُ زِ آہنز۔ گوڈنیُک اِسے سوٚمبرن "فکرِ ہنز ٹکر"
ہیٚنز وُنیس تام دوہ یِہ لِٹہِ چھاپ۔ یُوسہ زَن پَزِ حوصلہ افزا کتھ چھےٚ۔ ادبی حلقن منز تہٕ گیہ
یہندی اِسے وارِیاہ مقبوٗل تہٕ یمن متعلق کٔرِ کیٚنژو کو ہنہٕ مشق اُدیبوٚ تہٕ پننۍ مُثبت توٚثرات ظاہر
اَمہِ علاوٕ چھُ کاشرِ زبانۍ ہندی واحد اِسے نگار یمن ساہتیہ اکادمی اوارڈ میوٚلمُت چھُ۔ یہ
اوارڈ چھُ یمن 'اِسے' تصنیفہِ پیٹھ میوٚلمُت۔

آزُردہ صاحب چھُ اَکھ سنجیدٕ اِسے نگار۔ یم یتھ موضوعس پیٹھ قلم تُلان چھِ یم چھِ تمیُک
پرتھ کانہہ پہلو وِرثھناوان۔ یِہے چھےٚ اِسے نگارس ہنز بڈ کامیابی۔ یہندی موضوع تہٕ چھِ
رنگارنگ۔ سارہٕ زندگی اَندۍ پکھۍ چھِ وارِیاہ مسلہ توٚثراتھ یا چیز یم زَن اَکس عام انسانس
دوہ دِش پکھِ پیوان چھِ۔ آزُردہ صاحب چھِ یمن متعلق سرِ نِیۍ پاٹھۍ سوچان تہٕ پتہٕ یمن پننہِ
قلمہ ستۍ اَمہِ برٕ وہہ کنہٕ تجزیہ کٔرِتھ تراوان۔ مثلن ژٕہتہٕ وو ٹرٕ، عاقل، تلہ زالے، یٔلہ رُس
رِٹایر گوو، زیرِ تھ، مالیٚن، پچھ گری، اُتھر، زلو، کرسی، گربڈ، کانگر بیتر۔ یم چھِ زندگی ستۍ
وابستہٕ تم عام توٚثراتھ تہٕ چیز یمن متعلق پرتھ کانہہ زانان چھُ۔ پرتھ کانہہ قاری چھُ یمن متعلق اکھ
نوٚو توٚثر وُچھان۔ زمان صاحبن اِسے ین ہنز خوبی چھےٚ یہ زِ یُس یتھ موضوعس پیٹھ کتھ تُلان چھُ
پرن وول چھُ تس ستۍ ستۍ پکھان تہٕ پننہِ جایہِ اَندری اَندری پننین خیالن منز تہٕ اَتھ وِرثھناوان۔
دیان اِسے اکھ فن چھینہٕ وِرثھنے بلکہ چھُ یہ اشارن ہُند فن۔ اَوے گژھ اِسے لیکھن وول سٹھاہ
زیرک آسُن۔ یہندی اِسے چھِ یہ خوبی ٹاکار پاٹھۍ بروٚنٹھ کُن انان۔

آزُردہ صاحبن اِسے ین ہنز دوٚیم خوبی چھےٚ اختصار۔ تم چھِ پانہٕ وَنان زِ یہ فن ہیکہ
نہٕ قلمک زیادہ بار تُلِتھ، اَمہِ کِس فنکارس چھُ پیوان قلم تھٔے پاٹھۍ محتاط تھاوُن یتھ کنۍ اکھ مصور تصویر

بناونہٕ وِزِ تھاوان چھُ۔ ایسے یس منز۔ تہٕ چھُ زبٲنی ہند تنوُسُب بڈٕ اہمیتھ تھاوان۔ زبٲنی
ہند امہِ تنوسیع تہٕ اختصارچ یہِ خوبی چھے 'لوکہٕ موت'، 'آدمی ذاتھ' تہٕ 'زبان تہٕ تہذیب' ناوکِن
ایسے ین منز ناکارٕ لبنہٕ یِوان۔ یِم ترٛیشوے موضوع چھِ تمِ ین بیچھ کتابہٕ ہیکھنہٕ تہٕ وٕرٛھناونہٕ
ین۔ مگر زمان صاب یِتھ پاٹھی سیٚود تہٕ عام زبٲنی منز یمن متعلق لکھان چھُ زِ یہند پرٛتھ کانہہ
پاس آو ورٛھناونہٕ۔ زمان صاب چھُ یمن موضوعن متعلق اشارن کام ہیتھ کم لفظن منز واریاہ
باوان مثلن :۔ "بعضے چھُ باسان زِ یہِ چھُ سرفے تکیاز ٹوٗپھ چھُ یہٕ دوان

بلکہ سرفہٕ ٹوٗپہ ہے انسان بچہِ اَما انسانہٕ سنٛز ٹوپھ چھے تمام
گالان، اُمی سنٛز ٹوٗپہ ووتھ نہٕ سیٚود کانہہ۔ یہِ چھُ ٹوپھ ترٛتھ
دِوان تہٕ بیٚیہِ تتھ کٔنۍ بے شونکی پاٹھۍ دِوان زِ نہٕ ہیکہِ انسان
ہاوِتھ کانٛسہِ نہٕ باوِتھ۔ امہِ کنہِ اُمس سُرف وَنُن چھُ اُمی سُند
درجہ بوٗن والُن۔ سَرفہٕ سنٛز پہچان چھے اُمی سنٛز ٹوپھ تتھ
منز چھُ آدم اُمس برونہہ"۔
(آدمی ذاتھ)

وُچھتو انسانس تہٕ سَرفس ستۍ تشبیہہ دِتھ چھِ انسٲنی شخصیتٕ ہند اکھ بوڈ پہلو مختصر پاٹھۍ
پیش کرنہٕ آمُت۔ امہِ اشارٲتی زبٲنی ستۍ چھِ ایسے یس منز اختصار پادٕ سپُدمُت۔ دوٚیم کتھ چھے
یہِ اہم زِ ایسے لگارن یہِ کینٛہ شاہ وَنمُت چھُ تتھ منز چھُنہٕ کریچھ۔ دیان ایسے لیکھن وول
چھُنہٕ کریچھ کتھ وَنان۔ ہرگاہ سُہ کریچھ کتھ تہٕ وَنان چھُ مگر سُہ چھُ تمہِ میچھر سان برونہہ کُن
انان زِ پرن والِس چھُ یہِ کریچھر تہٕ میوٗٹھ باسان۔ امہِ اندازِ بیانہٕ ستۍ چھے ایسے چہ زبٲنی
منز تازگی یوان تہٕ یہِ تازگی چھے آزردہ سنٛدِن مختلف ایسے ین منز نمایان۔ چنانچہ یمن
منز چھے تازگی تیلی ییلہِ زن ایسے نگار بنین ایسے ین منز لفظ تتھ پاٹھۍ ورتاوان چھُ زِ ظرافت

چھےٚ ووتلان ۔ اَما پوٚز یہِ ظرافت تہٕ طنٕز۔ چھینہٕ کانٛسہِ اَکِس فردس خاطرٕ بلکہ چھ یِہِ کلِہم انسانہٕ ہندِ خاطرٕ تہٕ اَتھ چھُ سنجیدہٕ طنزٕ وَنُن زیادٕ مُناسب ۔ اوتار کرشن رہبر چھُ یمِن الفاظن منٛز ظرافت چہ خوبی متعلق وَنان :

"یُہند اسلوب چھُ مارمونٛد، دِلکش تہٕ لوٚبہٕ وُن ۔ آزردہ صأب چھینہٕ ٹھاہ ٹھاہ کرتھ اَسنکی ڈیکان بلکہ چھِ یم زیرِلب اَسنکی ڈیکان ۔ اَمہِ قسمُک سنجیدہٕ مزاج چھُ کاشر نثر لیکھن والین منٛز سیٹھاہ کم ڈرٛینٛٹھ گژھان "۔

تہٕ مظفر عازم چھُ پننہِ رایہِ ہند یمن لفظن منٛز اظہار کران :

> اَمِ نٕز خصوصیت چھےٚ سوٚ اَتھ تراے یوٚسہٕ پننہِ اظہار کنہِ خاص کأشر چھےٚ ۔ آزردہ صاٮ۪بنِس نثرس چھےٚ رٕتہٕ نثرٕچ خوبیہٕ تہٕ کتھہِ منٛز کتھ کڈنُک رُوی یہِ چھُ یمن ینُن ۔ زبان ورتاونکہِ اَمہِ طریقہِ مٕتی چھُ کاشر زبأنی ہند باوٕتہٕ بلکہ یہِ پہلو نوٚن درامت "۔

زبأنی ہُند برمحل اظہارس منٛز چھُ آزردہ صأب ووستاد ۔ الیسے چہ کامیابی ہُند دارومدار تہٕ چھُ خیال کھوتہٕ زیادٕ زبأنی ہندس ورتاوس پیٹھے ۔ اَوے چھُ الیسے لیکھن وول صاحبِ اسلوب مانہٕ یوان تہٕ آزردہ صأب تہٕ چھِ پننین الیسےین منٛز اکھ خاص اسلوب تھاوان یُتھن وُچھتوٚ زبأنی ہند اَمہِ کاچہ ورتاو ہیٚکہِ صرف آزُردہ ہیوٚ حسبہٕ ہشار الیسے لگار کرتھ ۔

"وأنسہِ ہنز کتابہٕ ہندی ورق چھِ وُڈوٕنی آسان ۔ اَمہِ کتابہٕ ہندین حرفن تہٕ چھینہٕ اَکی سے جایہٕ قرار ۔ اَدیلہٕ ہواکی ہند زلہٕ وُن کُل وُڈوُن ورق تہٕ بےقرار لفظ برو ہنہ کُن یوان چھُ تہٕ انسانٛس تہٕ چھُ سوٚرے مُشتھ گژھان ۔ پننہِ کنہِ رٹہٕ مس نالہٕ مٕتہٕ تہٕ زانہٕ تراوِس نہٕ یلہٕ "۔

زَبانۍ ہِندیہ ورتاو چھُ بےٚ پھُرک تہٕ تہٕ غار رسمی تہٕ رواٲتی ہُنر خوٗبی ہیتھ تہٕ۔ دپان

اسیٚ لیکھن وول چھُ بنہٕ جایہ آزاد۔ یہ چھُ امیک فایدٕ تُلتھ کیہنہ تہٕ وَنان ووٚنی گوو سو کتھ

وَننہٕ خاطر چھُ پانٕی پانے جواز تہٕ یاد کران تہٕ پانی پانٕس امیک مطالبہٕ تہٕ کران۔ آزاد ہندیہ

وصف چھُ آزُردہ سندِن اسیٚ یَن منز تہٕ سُہ یُس تہٕ خیال پیش کران چھُ تتھ ستی تہٕ

چھُ تمیک جواز تہٕ پیش کران۔ وُچھتو عشقچ کتھ کران کران کتھ پاٹھۍ چھُ آزُردہ سُند قلم

آزادی سان وُڈو کران۔

" عشقہٕ رٕنُک حال مَتہٕ پرٕژھتو کیہنہ۔ یہ چھُ طرفین ہُند

معاملہ آسان۔ کُنہ ساعتہٕ چھُ یہ عشق نارکی پاٹھۍ اکی طرفہ

لوگمُت آسان۔ یہ چھُ پوٚزٕے یُتھ وُچھِم تیُتھ وُچھے۔

مگر یلہٕ ہوٚیہِ لہرِ منز یوان چھُ سُہ چھاد وان اَتھ نارس

بروٚنہہ یکنہٕ۔"

یا یہ اقتباس:۔

" گوڈنیُک شرط چھُ یہ زِ ژیچیس گرٕژھن کاہ بُتھ چھندس

آسنۍ۔ یمہِ ساعتہٕ یُس ضرورتھ آسہِ تمہِ ساعتہٕ لوگُن سُے۔

پوٚز دُنُک گرٕژھنہٕ اَمِس عادتھ آسُن۔ اَپُز گرٕژھِ یتھ پاٹھۍ

ذہنتھ ہکُن یُتھنہٕ پوٚز بوزِس کانسہِ وار روز۔"

زبانۍ ہندِ امہِ آزادانہٕ ورتاوِ ستۍ چھےٚ یمَن اسیٚ یَن منز داخلیتھ تہٕ خود کلامی ہُند رنگ

تہٕ ناکار سپدان۔ یم زَن جان اسیٚ چھِ خوٗبی یہ چھےٚ۔ باضے چھُ باسان زَ نہٕ قلم کارس

بیٹھ خانچ کیفیتھ طاری چھےٚ تہٕ پرَن والِس تہٕ چھےٚ یہ کیفیتھ طاری سپدان اسیٚ لیکھنہٕ

خاطر چھُ زندگی ہِند سوٚن تجربہٕ تہٕ بلاکہِ علمی مُطالعہٕ تہٕ درکار۔ ییٚمہِ لیکھن وول چھُ
باقے علمن تہٕ باقین ہندس سوٚنچس تہٕ مدِ نظر تھاوان ، مگر اَمی سُند ورتاو چھُ چھ اَدا
عملک نتیجہٕ آسان ۔ آزردہ صابنین ییٚمین منز تہٕ چھُ اَسہٕ تِمی سُند ذاتی ردِ عمل نظر گژھ
یوٚہے وجہ چھُ زِ یِہُند ییٚمہِ ہیکہِ کاشُر ییٚمہِ ادبکہِ امبرِ منز تہٕ پرزناونہٕ یِتھ۔

چناچہ ادب تخلیق کرُن چھُے سوٚ عمل یُس چھُ اکھ تیز فہم انسان کرِتھ ہیکہِ تہٕ
علمہِ منز تہٕ چھُ ییٚمہِ صنف زیادے مشکل تکیازِ ییٚمہِ لیکھن وٲلِس گژھِ تیز فہمی تہٕ زند
باریک تجربہٕ تہٕ زبٲنی منز موسیقی دریافت کرنک وِطیرہٕ آسُن تہٕ بقولِ اختر محی الدین

" آزردہ صاب چھِ یمن خوبین ہندی مالک ۔ اَمے چھِ یِہندی تخلی
انسانس بالکل نوین تہٕ ساد روار تجربن ہُند لُطف دِوان تہٕ سِتی زبٲنی مُند حُسن تہٕ
کران ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ یم کاشرِ زندگی تہٕ تمدنکی مختلف منظر تہٕ نظارہٕ تہٕ بروٚنہہ کُن یِتھ
یِتھ پاٹھی اکھ تصویر یم منظر بروٚنہہ کُن انان چھِ ۔ یہٕ کتھ چھِے اہم زِ یمن ییٚمین منز
ہُند محاوراتی ورتاو کرنہٕ آمت یُیمہِ سِتی کاشرِ زبٲنی ہُند اکھ اَنیکھ لفظُت تہٕ رزِتھ
آمُت چھُ تہٕ اکھ سِتی سِتی چھِ کیہنہ نوٚی توشرُ باونہٕ خاطر لفظن ہندی کیہنہ نوٚینہٕ تہٕ ور
آمتی ۔ اَمہِ سِتی چھُ کاشرِ زبٲنی ہندِس باوژبلس تہٕ پوٚچھر لوگمُت "۔

بہرحال کاشرِ زبٲنی ہُند نثری سرمایہ چھُ سیٹھاہ قلیل تہٕ اکھ بڑز کر
پرِ یِتھ کانہہ کوٚشش چھِے لایقِ قدر ۔ آزردہ صابنی ییٚمہِ چھِ اکھ سرمایس منز اکھا
ہُربہٕ ۔ تکیازِ یِمو یانناوٕ نثری اَدبچ سوٚ صنف یُس سانِہ نثر نگارو یِتھ پاٹھی یِتھ کُ
ترٲوِ مُتھ چھِے ۔ یہٕ چھُ یِہنزی تخلیقی کوٚشش ہُند نتیجہٕ زِ کاشرِ زبٲنی منز چھِ ییٚمہِ ازکل اکھ اَہم نثری صنف
یِہُند قلم چھُ وُنہِ تہٕ رَوان دَوان تہٕ خُدا لوٚ اَن یِہندِس قلمس بَرنِ آے تاکہِ کاشرِ ییٚمہِ پراوٕ بیٚیہِ تہٕ عظ

UNIVERSITY RESEARCH JOURNAL

# ANHAAR

2006

# keeshur nasr

(KASHMIRI PROSE)



**Department of Kashmiri**
University of Kashmir
Hazratbal, Srinagar

**Mehak Printing Press, 2480713**